# سون ادب

۱۹۶۰ء — تا — ۱۹۶۲ء


شیرہ زٲر:-

جے لال کول

ابنِ کامل

اختر محی الدین

غلام نبی خیال



جموں اینڈ کشمیر

اکیڈمی آف آرٹس، کلچر اینڈ لنگویجز، سری نگر

۱۹۶۳ء

# سون ادب

۱۹۶۰ء — تا — ۱۹۶۲ء



شیرہ ژارٕ :-

- جے لال کول
- اختر محی الدین
- امین کامل
- غلام نبی خیالؔ

جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹس کلچر اینڈ لنگویجز۔ سرینگر

۱۹۶۳ء

پبلشر:- سیکریٹری اکادمی، سرینگر
گوڈنِچہ چھپرِ:- پانژھ ہَتھ (۵۰۰)
چھپاۓ:- کوہِ نوٗر پریس، دہلی

قیمٔت
۵ روپیہِ

# فہرس





# گوڈٕ کتھ

"سون ادب" گۆڈنیُک جلد کوٗر اَسہٕ ۱۹۶۰ ٔس منٛز تہٕ یہ بروٚنٹھ کُن پیش، یتھ منٛز ۱۹۵۹ ٔس منٛز لیکھنہٕ آمتہٕ کٲشرِ ادبٕکۍ چیدٕ چیدٕ نثری تہٕ منظوم تخلیق جمع اَسہِ کرِنہٕ آمتۍ۔ "سون ادب" زیرِ نظر جلد چھُ تمَن ادبی تخلیقن پیٹھ مُشتمل یِم یِتہِ میٖن ترین وَرِین کٲشرین قلم کارَو لیکھۍ۔ یہِ چھُ محض اکھ انتخاب یُس تیار کرن وِزِ ساٖنۍ زیادٕ کھۆتہٕ زیادٕ یہِ کوشش چھَ روزان زِ یوٗت و تیوٗت گوڑٕ نمایندٕ ادب پیش سپدِن۔ چنانچہِ یہَے کتھ نظرِ تَل تھوٚوِتھ چھُ اَسہِ کینٛژن جاین انتخاب کرنس منٛز معیارُک خیال تھوٚو مُت۔

"سون ادب" یہِ جلد نظرِ تَل تھوٚوِتھ ہیکہِ اکھ پَرَن وول آسانی سان اندازٕ کرِتھ زِ کٲشُر ادب چھُنہٕ اَکِہی خاص نَہجہِ پیٹھ رُوزِتھ گومُت، بلکہ چھُ اَتھ منٛز معنوی تہٕ ہیٔتی لحاظٕ کینٛژٕ خوش آیند تبدیلیہِ آمژٕ۔ یِمہٕ اَمہِ چہ بجاییٚ تہٕ اَمکہِ تابناک پگہُک نیب چھِ دِوان۔

(رشید نازکی)

# نظم

ارجن دیو مجبورؔ

# شونگان ئیلہ رات

شونگان ئیلہِ رات بالن شانہ تھاوِتھ
ووٚتھان میانین خیالن ژھان لوٚت لوٚت
گرٛزھان چھونی زندگی ہنزِن تتابن
قلم میونے گژھِہت آزاد ہیوٚ زن
بہارن نالہ دی دی شیرہِ لاگان
نبس ہیچھ تارہٕ کن ہنزِ ژھالہ ڈیشِتھ
وٚچھس تل روٗ ژھٔمتہ ارمان توٚشان
خیالن ہندی ملک نیران سائلس
گژھے ووٚگنہار ڈیشِتھ ہوٚل گنڈان دوٚر
گژھے سنزرن اندر موٚختس دِوان زالی
گژھے ششدر گرزھان روٗزِتھ چھِ حاران
اَما ییتھ کالہِ گژھِ گاشُک یتاہ چھا؟

چھہ آمُت کھر نظامس ڈینجہ ہندی پاٹھو
ژہ پننہ تلی ڈینج انتس ڈینجہ تلی پن
سنن گوژھ پرپھہ اکھاہ یتھ کاییناتس
برون گوڈ پرپھہ اکھاہ گوژھ دون حیاتس
غولامی ہندی ژکھ بلہ نک دوا گوژھ
دوا گوژھ مایہ ہند پیمانہ آسُن
سوکھ سامانہ گوژھ دونی عام آسُن
بہارس گوڈ بھرُن چھُنہ کینہہ تہ آسان
یہ گوو سقراط سندی پاٹھو زہر ژالُن
یہ گوو دارس کھسُن منصورنی پاٹھو
یہ گوو نیرُن یکس تلوارہ دھارے
یہ گوو عائشس تہ آرامس کرُن بس
توے یتھ راژ منز یلہ غم دوہ تھان تھود
نہندر راوان شیران جائے گاشس
رگن منز خونہ کئے سیلاب ہیو زن
نوِس صُبحس رِکنی سامانہ شیران

ہۄا رِنگاہ وٕپان "مہٕ تہٕ ما چھُ آرام

پٕرچھس راتس دِوان زخمن پٔنُن رٔتھ

تِمن ہۄ ہۄ کران چھَس ہِم چھِہ تھٔکمتۍ

دوہس یِم محنتکۍ گُل شوٗبہٕ روان

چھِہ ییمہٕ وُنہٕ پتھ سیٹھاہ سمارٕ سی منز

تِمن غمگین حۄرن چھس دِوان پیٹھ

بٕ چھُس موصُم شُرین نورس دِوان سگ

چھِہ تِم پگہکۍ سیٹھاہ تھدٕ پایہ انسان

تِمن گۄڑھ آشہٕ نِی پرٛاگاش آسُن

تِمن گۄڑھ مایہ ہیوٗ اُچھ گاش آسُن

تۄرے شبنم رٔچھان چھس مایہ کرٕ ہی گرٕ ہی

گُلَن وۄشلُن دِوان چھس تِہندہٕ بایہ تھٔ

جۄین رِکُھتہ آب ساران چھانچھ وارن

کھٔہن منز مایہ کھاران دان گُلین چھس"

یِہ بوزِتھ سخت سیٹھاہ سپُزم مہٕ واراہ

سوٗرِم اندرِی پٔنُنۍ تِم یار واراہ

چھہٕ یِم اِنسانیُک کِتھ جامہٕ شیران
چھہٕ یِم ادبس دِوان نۆو زندہ گانی
چھہٕ یِم دادِین دوہ کھٕن دِلہٕ سینہ نیران
چھہٕ یِم ظُلمس ژُلان گنہٕ گار قہرُک
چھہٕ یِم لولس تہٕ حُسنس ژھائے کاسِتھ
پیٹھر دھرتک تہٕ دِینُک نیاے ساوان
چھہٕ یِم نذرانہٕ زُو دِلہٕ ٹاٹھ پیٹھنی
دِپان مظلوُم دوہ نی کاشہہ گوژھہ نہٕ آسُن
کمی کالاہ گژھت دوہہ رات نھوٗن دوہ نی
دوہ کھٕن وۄنی نیندرِہ ہۆتو بیدار سپدن
پیٹھر سوندر محل ہیوٗن پانی پانے
فوٗلن دوہ نی ٹُوریی کاتیاہ پوش نوی نوی
بہِن راتکی ملأیک ژٗورِہ نوب کُن
شُرین موصُم بُتھن فولہٕ نوٗر پانے
چمن وُزِہ ناوِہ کاتیاہ نغمہٕ لوٗت لوٗت
گُلن بیہِ زوو تہٕ بُلبُل شاد سپدن

گُکل گیوِہ راگ صُبحچ ساز وایان
ہُٹس روٗدنہٕ جانہ وارن وفنی کرَن چھونی
زمانس گاش ییہِ پائرہنہ تہٕ فعولہِ نوٗر
گنزھن سعتہٕ ساعوٕ نیتھ ننئی لولہِ بٕ مجبوٗر
چمن لوٕلکٕ اشس کتی بانہٕ شیرن
خیالَن ہندی مدھری رگلہِ ٹوٗرہی نیرن
نوین باغن نوِہی نوٕی آلی بیدرن
بہارَن ژھائے کاسِتھ ماہہ ہتی کینتھ
سنگہ مالَن نبس پیٹھ جائے شیران

امین کامل

# نتیجہ نئیہ معنہ

ژُلفن چانین ہُند گوٚن سایہ
ییتھ صحراوس میانی مایہ
پیٚچھ یارنیٚہ چھم چانی یاد
دلہٕ کس درواز س ڈُبہٕ رایہ
وانُس بیہٕتھ کمہٕ ژُور ہیر یوٚژھ
تمہ ہتہٕ ماسمارس زایہ

•

واوَن کوٚر بلہٕ شمہس گیُند
نبہٕ کیٚن ژانگین وُژھ تھتھرایہ
جگرن تھاویہ دادین ٹھان
کرہٕ کیا دل چھس بد ہمسایہ
نفرژ، حسرت، وُٹھ کوٚ مجار
لولس نعمت، اُشی دد رایہ

•

سوٗنچکۍ پیٚمانے گیہٕ تنگ

بیٚیہٕ ماسنہٕ کینہہ قالب درایہٕ؟

ہیٚتہٕ سہ بہٕ تہٕ کینہہ لوٗکھ سٔریہہ

ہیٚتہٕ سہ بہٕ تہٕ چھُس ژٕہندی ترٛایہٕ

کمُہ دوٚپ یِتہٕ چھنہٕ آدمی بوٚ ہے

ییمہٕ کیا، اَدہٕ چھا سارِے ژھایہٕ؟

•

اُچھرن ہُند زَربَف نایاب

نٔیتھہٕ نٔنہٕ معنے گاٹہٕ ضنایہٕ

•

ہُونِس گرٕدنہٕ سعہٕ ہُند کوٚر

رَتہٕ چھَپہٕ لگیو اَتھ وتھہٕ چھِہ رایہ

•

یِتھ ہِندِرِس شہرس مَنٛزٕ میوٗن

بڑٕکیٖل[1] دِل تہٕ چھُہ بوڈ سرمایہ

[1] بڑٕکیٖل :- بڑٕکہٕ تُلہٕ وُن (ٹمٹماتا ہوا چراغ)

امین کامل

# ژٕہ آیکھ ووٗنی مگر......

ژٕہ آیکھ ووٗنی مگر ہلمس لدِتھ پوش
کنڈیو رٕتہٕ داغوی کوٗرٕئلہِ میون یاوُن

جُدٲیی ہندی میٚہ ہردٕن رنگ ناں ڈوٗل
وٕل کرِتن ماگہٕ بُزی وصلک بہِ شراوُن

ژٕہ یتھٕ پوٚشپُر بنِتھ گٔتھ کرہِ آیکھ
سہ ژوٗنگٕ ژھبوٗ، بکیا چھےٚ پرزٕناوُن

یِہمو وُشنیو دُکھو شینس ہہ کرہٕ میٹھو
یِہ گوٚو وُشنیر پننےٚ راوٕ راوُن

یِہ امریتہٕ کھوٚس گُنہِ سیکہِ لس ڈیکس لاے
سہ ترٕشی پھٹ، سہ جوشک سوٗر یاوُن

میٚہ دٕمتیٚ گاسہٕ تُلی تامت زمینس
اوٚبر کھاٲلِتھ ژٕہ کیاہ ہیکھ آبہٕ ناوُن

میٚہ کیاہ ووٗنی تلِمہ کرِتَن کانہہ نقابس
میٚہ ہیوٚ تُمت پان پننےٚ ژوٗرِ تھاوُن

میٚہ ہوٚکھ میخانہ کیٚن کوٗچن اندر خوٗن
ژٕبہٕ پُرژھنے ڈٲل ہواوس چوٗن تہٕ چاوُن

میٚہ زَن گوٚو ہیرِ کھسہ وُن پوٚو نیرِتھ
ژٕبہٕ پُرژھنے زندگی ہُند بام چھاوُن

٥

پریم ناتھ پردیسی

# دِگنہٕ بَل

دِگنہٕ بلہٕ کیا چُھک گیوان
ہیرٕ پیٹھٕ پیٹھین بٕہ ن وُسی ہیوان

رِمیوٗٹھ کوٚتاہ چھوٚن ساز!
نغمہ کرنُک کیاہ انداز!

ییٚخ سیٹھا چھک آسہٕ وُن
اوم دمہٕ دِ ہیو باسہٕ وُن

پرٕنی تہٕ سعوندر چأنی تنَ
ونگلہٕ وُن کوفُر زن

گرٕیزہٕ وُنی چھک شینہٕ مأنز
اوٚبرٕ کی یِم جامہ چأنز

وَنہٕ چِہ اَشنےٚ ژالہ ہیو
بالہٕ کےٚ کھنگالہ ہیو

لولہٕ کیٚ فریاد زن
ژھوٚپہ ہِنٛد کرِکہ نادرزن

یاتہٕ چھُک وۄنِدہ لوبہٕ دُن
وٕگنہٕ ونہٕ وُن شوٗبہٕ دُن

تیز کوتاہ چھُک پکان
موخطہٕ پھُلہٕ ییم کس چھکان؟

چانہٕ وتہٕ چھی آرہ بَل
یان تہٕ ہِنٛدٕے وارہٕ چھل

ٹھرہ منزٕ چھُک وتھ کڈان
برونٛہہ کُن پرچھہ وزہٕ برٛٹھان

زانہٕ وُن ژٕہ ور تہٕ ژھل
لارہٕ وُن چھُک سُدرہ بل

دُدی میتین شہلاوتھ
زندگی ہیچھہٕ ناوتھ

●

پیتامبر ناتھ درِفانی

# قدم تُل

وۄتھ یارہ! ژٕ وۄتھ یارٕ سنٛدِ اِنہارٕ قدم تُل
دُچھہٕ نقشِ قدم ژُھنکٕے، ادٕ وارٕ قدم تُل

ژٕلہٕ لارٕ نوان کوٚت ژٕ یہ عشقو! موت یہِ جنوٗں پچھے؟
سنگلاخ وَتے وارٕ وارے یارہ! قدم تُل

ٹھہراو قدم، پرژھ گلن، اوٚش کیا ژٕ اَسُن کیا؟
امہِ چاوٕ وڈنے واوٕ! کمُہ آوارٕ قدم تُل

رفتارٕ اکے سُنٛز دوٚ گنہٕ زانکھ نہٕ وَتے ہنٛد
رہدار گنٛے، لوٚت گنٛے، رہوارہ! قدم تُل

زانُن ژٕ یہ اگر راز پچھے، ہمرازہ! خودی ہنٛد
اِنکارٕ قدم تُل، مگر اقرارٕ قدم تُل

یتھ ژھانٛڈٕ وتہِ حسن پانے چانہِ جنوٗنٕچ
تتھ پاٹھی ژھٹان نار عشقن یارہ! قدم تُل

مستي نه سو مستي نيندر ۾ به سه پاوه ارادن
جس هوش بجا ٿائو ٿئي ميخاره! قدم تل

دل شيش محل شيشه پيٺه اڏيل ته ملائم!
لوه ته پايه اتي يار سنده اماره قدم تل

ڪيهه ميچهه ڪران ٻاگراوان ماڇه مودر قند
خوش رويه، خوش اهاره، خوش گفتاره قدم تل

وڇو وڇو ڙيه ڦولن گل تر پرنه لن زونه ته اختاب!
خوش گامه، خوش اندامه، خوش رفتاره! قدم تل

فاني! ته نظر تراؤ، بيه ڦولي پوش بهار آوه
وه ته درده ڦلي ڇاوه، دل افگاره! قدم تل

# یِیلہٕ اُسی سمکھو

نارک نب اُسہٕ        یِیلہٕ اُسی سمکھو
اُژھم رژھرِین ووسہٕ        بیٚیلہٕ اُسی سمکھو
ہیٚچ کیٚچ اُسُم گرٛژھہٕ        گمہٕ سرٛی رُم گرٛژھہٕ
بُھتہٕ چھیلہٕ ٹھپہٕ پھٹوسہٕ        یِیلہٕ اُسی سمکھو

برٛتل بُہتہٕ نیسرہٕ        دوہ وسہٕ نوٚہ ہیرہٕ
کمہٕ چکرٕ چاوہٕ کھسہٕ        بیٚیلہٕ اُسی سمکھو
کرِشنس نئے مشہٕ        گرٛپین پئے مشہٕ
یوگین مد وسہٕ        یِیلہٕ اُسی سمکھو

سونتس ڈٲبکہٕ پھولہٕ        سوٚمبلس تہٕ مسولہٕ
پیچان رزہٕ کھسہٕ        یِیلہٕ اُسی سمکھو
آرہٕ وسہٕ کمہٕ امہٕ        میوہٕ گُل بوٚن نمہٕ
موٚت یاوُن لسہٕ        بیٚیلہٕ اُسی سمکھو

پمپوش مٔتی کرہٕ        کھیل آلہٕ ویٚیں نرہٕ
کُندن لسہٕ بسہٕ        یِیلہٕ اُسی سمکھو

جانباز کشتواری

# یہ چھہ اسنے وطنچ شان

کوٗن مندرن پرن تہٕ کوٗن استانے
کوٗن رام تہٕ کوٗن رحمان
ییمہٕ چھنہٕ دینہٕ روٗس کوٗن تہٕ انسانے
یہ چھہٕ اسنے وطنچ شان
تھوٚسہٕ حصہ آمنُو نِنہٕ یوٗزر میدانے
سرحدچھہٕ اسہٕ ہیی شان
اسی کرو اچھہ پان جان قربانے
یہ چھہٕ اسنے وطنچ شان
تھوٚسہٕ چھُو اسہٕ زانُن غیرزانے
اسہٕ سرہٕ کرہٕ چھہٕ میدان
ییتہٕ رہتھ رلی ملی ہندی مسلمانے
یہ چھہٕ اسنے وطنچ شان

کشتوٲرؠ کوٗتۍ جایہ پؠتھ چھہِ روزانے
ییتہٕ تہٕ تتہٕ چھہ آسان

اتھٕ چھےٚ پرونچٕھ کنہٕ سون نذرانے
یہٕ چھہِ اسنے وطنٕچ شان

●

# پادشاہ تأر

ژٕہ چھُے نوٗہ آنہٕ زُلفن شانہٕ کوٗرمُت
نوٗوُے کعبا نوٗوُے بُتخانہٕ ۔ گوٗرمُت
ژٕہ ہُریٕنے آسے لچھہ گن آسے ہُریٕنے
ژٕہ چھکھ شیٖرِین تہٕ مۆت فرہاد چونُے
وُچھت چوٗن جلوہ شایِدٕ یا شیٖر ہیُت

ژٕ ٹھتھ سنگلاخ پیٚسہم دوٗرہ آیٚژ
یہٕ دوہ دوہٕ کوٗل چانہٕ بابت ڈٲلی سوٗزن
یہٕ دوہ دوہٕ کوٗل یمی حیاتس سگ ژٕہ دِتنے
یہٕ دوہ دوہٕ کوٗل تازٕہ ہمہ سیٖنہ روح چھُہ سۆدان
یہٕ دوہ دوہٕ کوٗل زَن چھُہ اٹھ وۆزھ دٲر سورگس

یہ دوٗدٕ کوٗل زَن چھِ گٔمٕتۍ منز چاٗنۍ روٗخسار
یہ دوٗدٕ کوٗل کیٛنہہ دٕنان یتھ بادشاہ تاٗر
سَمِت اَسۍ ژاٗٹِتھ باٗج معمار وطنٕکۍ
نوٗوے جوشا دِلَن منز ہیتھ چھِ دراٛمِتۍ

ژٕ ہوٗت یاوُن مرژٕ چھُے لولہٕ ناژُک
ژٕ تژ حُسنس مہ باسان چھُے بہاژُک
ژٕ ہے وُچھتی ناب راوان شہسوارن
دِلس دُبراسے باسان چھَم بہارن
ژٕ بوٗرمت لول چھُے از لالہ زارَن
خبر کاٗژتیاہ چھِ مُتۍ چاہن اِشارن

ژٕ ہوٗت یاوُن پلَن منز شولہٕ نادان
گُرِی کستوٗری بیہ جَل بولہٕ نادان
ژٕ ہے وَنہٕ چھَو یارِ دِی چھُے نال وٗلمُت

تہٕ وِگنیو زٕونہِ راٲژن سال کوٚر مُت

میٛٔ اَز یِتھ زٕونہِ راٲژ کوٚر چوان ماہٕ وَس

دَماہ ژھٕہرت تہٕ نظراہ دُور ترأوم

مندان تھٕکھ آبَسی زَن دہ دژہ کوٚر مُت

خُماراہ سوٗرمہٕ چَشمن کمہٕ ژہ بوٚر مُت

چمن لال چمن

# وُڈو

(۱)

قلم کاکُداہ ہیتھ بہاں چھُس ہینی نَس
یمی دارہ کنی چھُس وُچھاں آسمانَس
ہیواں سام اَندی یکھی بہٕ چھُس وارہ پاٹھین
نظر دورہ ناداں بہٕ ہیور بوٕن زمانَس

(۲)

گراہ چھُس فقیرن اندر اکھ فقیراہ
گراہ یُری یہٕ لاگِتھ اَتھاں شیشہ خانَن
گراہ چُونہٕ لاگان چھُس زُونہٕ بُتھِنی
بَنِتھ داستاں چھُس گیواں داستانَن

(۳)

وَنن وائی چھِم کیتہہ وناں "ہے یہِ پاگل"
"بنیا زانہہ اندیا زانہہ شُشتر شیشہ سپدیا"
"گرا چھُے یہِ ماگس اندر باغ چھاواں"
"گراپے کڈان دانہٕ یکہٕ شاٹھ وہ پدیا"

(۴)

وُچھت بونہٕ بَرگن چھِم گاہ وشہ زِلی بُتھی
بہٕ سوچاں یمن آسہ سونتُن یہِ فیراں
یہِ کیاہ ماچھ تلر بوتہٕ دِرژ کام اَنجام
بہٕ سوچاں کُنتِج رُوہ چھتس ہیٹھ چھِہ نیراں

(۵)

بہٕ چھُس زُونہٕ گاھے وُچھس سیتی روزان
سو رَتِم اوٕنگِجہٕ نوزُک مبہٕ مستس چھِہ پھِراں
بُتھس ہیٹھ پِتھُے چھِم تسندی زُلف وُاتاں
وَنے کیاہ ژہٕ سَن پانہٕ کیاہ آسہٕ سوچاں

(۶)

وُچھاں چھُس اَتی بییہٕ ہناہ میور کھساں چھُس
وُچھاں عرشہ ہیٹھکی بہٕ سمسار ساری
زمینک لِواں لول جھُم بوٕن وُساں چھُس
یہِ ڈیشِت چھِم تار کھ کراں آہ و زاری

(۷)

چھُس سالہٕ بوٚمبراہ اَنان ناد لأیتھ
کراں جُوٚرہ مستس بہٕ یمبرزلَن چھُس
مزازٕ چھُ آمُت عجب شأعری ہُند
کراں نالہٕ متیو سوٚ پنہٕ چَن مسوٚلن چھُس

(۸)

وُنل پکنہٕ وِزہ چھُس وُچھاں وارہٕ اَتھی کُن
میٚیہ باساں زہ ہر دِن چھُ سامانہٕ اوٚنمُت
بہٕ چھُس ژوٗنٹھی دِلٕسی کلا بوٚتھ چھاوان
مُشتھ چھُم گژھاں میٚے چھُ دامانہٕ ژھیٚوہ نمُت

(۹)

وُچھاں یام چھُس سِری یہٕ کمزور گوٚمُت
کھساں یار لأگتہٕ بہٕ چھُس توٗری تاپَس
سُہ چھُم تورہٕ باواں بہٕ چھُس یورہٕ باواں
وُچھاں اَکھ اَکس دوٚہ دوٚہس اأتی راتس

(۱۰)

بہارس گُنتھ دِل کڈیم یام گلہِ ہشی
بہٕ چھُس شینہٕ سِی منز اَناں وِیرہٕ بامَن
نبَس نظرٕ ستین اوٚبرٕ چھُس بہٕ ڈالان
زمینس ہُراں بوٚش ہیٚوٚ نأگی جامَن

(۱۱)

بہٕ چھُس وُزملَن سوٚرمہٕ لاگان چشمَن
نظر نارہٕ نیرِتھ چھُم شہجار چھاوان
وُچھت مَس پریشان کٲنہہ ہارٕ جنتیچ
بہٕ چھُس فُلٕلہ ہیٚتھ تَس گژھاں ترٕیہ واتاں

(۱۲)

سوٚ چھُم تورہٕ چشمن ہند پیالہٕ زَن
میٚیہ اَمہٕ پنٕنہ میخانہٕ مے چاوناوان
کراں تیز دُب دُب چھ سینکُ وزاں لَے
بہٕ چھُس یورہٕ غزلاہ تُلان بوزہٕ ناواں

(۱۳)

بہارس وُچھت چھُم یہ یکدم میٚیہ باساں
سنگرمالہٕ سُمہٕ کیُت چھُ سیماب آمُت
چھَہ دیہی شبنمس پلوٚ رنی سیتی کٲمژ
توٚے دوٚہ چھُ نیٚتھ نوٚن یہ ازیور آمُت

(۱۴)

مُشک پوشہٕ نی ہنز بھراں چھُس بہٕ ہلمَس
اَمی سیتی ٹوپ چھُس لَچھس مُشکہٕ ناواں
رِدواں سنگ بہٕ اُشہ وانہٕ چھُس پوشہٕ نرگس
بہواں یوٚد چھ یِیرہٕ چھُس مگر پوشہٕ ناواں

(١٥)

بہت ڈل دِہس بیچھ وُچھاں چھُس نظارٕ
ملہ برٛشہ نہہ کنیتھ چھُس تلاں پانہٕ آبس
اُتی نس بہت تل پتا لکُ اناں۔ سپدی
اُتی نس بہت زن گڑھاں نیندرٕ خابس

(١٦)

اوٚبرٕ چھُس بناں پرٕ لواں ہیم وُچھاں چھُس
کراں لولہٕ باران چھُس یتھ زمینس
بناں موٚختہ رنگدار چھُس رُودٕ قطرن
رٹاں جاے چھُس بیچھ ڈکس ماہ جبینس

(١٧)

نواں ہرینہ نے ژھالہٕ چھُس بالہٕ داہن
پنُن چال وُچھی وُچھی بہ توشان پانس
گژھان پانہٕ قدرت پریشان پیوٚنتاہ
اَنان ڈالہٕ اکہٕ چھُس کمر آسمانس

(١٨)

زُولمال کانٛھ ہمسفتاہ ہشی اناں چھُس
ٹھواں جاے تس ینہٕ کوہ چھہ منز بناوتھ
اُچھہ والہٕ دِی سیتی تس نیندرٕ تُلی تُلی
اُتھن کیتھ رٹاں چھُس ضیا فرش سجاوتھ

(١٩)

بہ چھُس شیچھی خبر ہیتھ گژھان لولہٕ الین
گراہ واو لاگتھ گراہ کاو لاگتھ
بہ گاہے گژھاں پانہٕ مہرازٕ بنی بنی
اَناں زوٚن چھُس اوٚبرٕ چی ناو لاگتھ

(٢٠)

گہے ہیر لاگاں نیس سیتہ شیشو
گہے پان اوٚبرس اندر راوٕ راواں
گہے مرگہ کنہٕ چھُس کراں ژانگی زولاہ
گہے چھُس نیگہ منزی ینُن پان پھِرواں

(٢١)

نہ لیتھ کُنی ٹھواں چھُس گرٕ نتہ حورٕ ہشی زن
دواں دِل چھُس دِلبری ہنز جوٚانی
دوہ دس ڈل گژھاں سینہٕ المُن کھساں زن
سوہ گگی گژھاں میانہٕ اُمہٕ مہربانی

(٢٢)

بہ چھُس سیرٕ پتہٕ سیرٕ دیوار کھاراں
بناں نقشہٕ گوٚر ینینی محلہ خانن
سجاوتھ ٹھواں کُٹھی کراں رنگ تہٕ روغن
اُتی یژھی اناں چھُس نتہٕ ٹھراے ٹھانن

(۲۴)

بہٕ چھُس گاہ بناوان پننہٕ نٔے نظاماہ
نوٚی ہیرِ بہِ تارٕ کھ گراں چھُس بہٕ پانَے
بہٕ چھُس پانہٕ قونوٗن بعضے بناوان
حِصص پٕرِ ہیتھ اکِس چھُس دِوان لچھ خزانَے

(۲۵)

گاہے نار چھُس زَن اُتھو سِینتہٕ چیِران
گاہے پانہٕ شہجار چھُس یاگراوان
گاہے شورہٕ پھترین بہٕ کھاران گُلی کٔنٹھ
گاہے گُل تہٕ گُلزار پننی بناوان

(۲۶)

بہٕ چمن کیاہ خبر چھے بہٕ واتان کوٚت کوٚت
بٔنِتھ فرِشتہٕ پھمب چھُس پکان سائہٕ نیران
رٕٹاں جاے چھُس تالہِ پیٹھ گاشہِ شمہِ منز
گراہ چھُس چمن گاشہِ دِتھ مُشِٹھ نیران

○

چمن لال چمن

# مُلاقات

راتھ سوزنِ شیٖچھ بگاہ سمکھُن بہٕ گھرہٕ کمہٕ شوقہٕ دراس
از ہیری کھنڈی کتھ تمُس سیتین ژوٗلتھ اُسم کمہٕ نی
صُبحنس تامت میٚہ اکھ اکھ ژیٚوہ سیدٕ زن وری یہ بڈی
ژھایہ گیتہ بابیم راتس نیٚندرہٕ منٛزی منتظر پرہنی

نصیف راتن گو صداہیوٗ رودہ پھیری یِنہٕ کے نیٚبری
نھوٗد وٕ لتس نبہٕ سی وُچھم اتہٕ اسی تارکھ بے شمار
ٹُبکہٕ بہاے یوٗدو نیٚندرس ژوٚگ تہٕ میچھر دیٚن اچھن
ساس چیس اسم شونکھ تے ساس چلس اسم ہُشار

یانہٕ سی ون ون کرِم ہٕنتہٕ ساسہٕ پھرہٕ سپدییہ میانی
وٕنی لگن اندو عدہٕ ساری بے قرارس یِیہٕ قرار
نانہٕ اگر زن آسہن گامتی تہٕ وقتس بُتھی بدٕل
پدی پھیٚسن یانے ششر کالس اژن ہردے بہار

گاہ دوٚپم اکھ شیٖچھ اگر تمہٕ سوز پزاروناہٕ تیس
دیوٕ یہ ننہٕ کمہٕ حدہٕ سوہ از سوچان میٚہ کیٚت دگدار یاہ اٹھی
گاہ دوٚپم ہرگاہ سوہ دینہٕ ییٚتھ کُنی وٕنس ہیتھ کُنہٕ جواب
گاہ دوٚپم تمہٕ ناہٕ یورُے کانہہ کتھاہ دمدار یاہ اٹھی

اُتھی اندر نٕوٕن ہیوٚ میٚہ اَمہٕ اَزٕ کیتھ سنا بیٚہتھ ژھور تَس
سوٚنٛت کالک راز دِپوٚسرہ گوٚ ہمبٕرزل وٕنی رِوان
لول ہیوٚ نُسے ماچھ نیتہٕ تیزاں میٚہ چھُنہٕ فِکرٕ ہی ترٛان
یَتھ ہواوَس بارہٕ صِفتاہ ژوٚرہٕ شیٚچھی یِیتہٕ ہُت نِوان

اَزَ تِھُنے تمہٕ پرٛانہٕ کیتھ سرہ کرٕنہٕ نوٚرہ اَنما نہٕ دِژاس
یَتھ وُچھس مٕنز ساسہٕ بُدی اَنکار تےٚ آنکار اٚسی
پےٚ میٚہ چھُنہٕ پانَس کیاہ کرٕ نہٕ ناہ لوٚکُس کیتھ کُنی لوٚکُس
ہیرہٕ وٕسوُن تلہٕ پدین تل زنتہٕ یِھمبہٕ دستار اٚسی

دُورہٕ ڈِیٹھم وَنہٕ کُدام دِل گوٚ میٚہ سَتھ سَتھ گُرہٕ ژٕلِتھ
آرہٕ کرٕ ساسوٚ کَتھو —— یکجا دماغس وٕتھ خیال
یِہی وُچھاں یوٚس یوٚس کتھاہ سُوچُت میٚہ اٚسِم گیٚہ مُشتھ
دٕنتہٕ بیترِ دِمہاے جوابی کیتھ بہٕ تُلہٕ مائٕ کُس سوال

دوٚل تمہٕ دٕسی پوٚسی کرٕنس دِیُت میٚہ یٔلِ اَسنوٚ ژھتھ
مێنٹ گیٚیم گمہٕ وانہٕ دہٕ دنی روزٕ نگ مرکزٕ ژوٕلم
پرٛدن اَکھ چیزاہ بہٕ چھُس یَتھ پیٚٹھ زٕواں والس مۆرنگو
شبنمس نٕش گاٚہم ہارین ڈٕل اٚتی کھوٚرہٕ ہیوٚ ڈوٕلم

○

حلیم کشمیری

# تیلچ مستورٲژ مۄل

ژٕ ٲسکھ برٛونٛہہ نٕہ سوندر زُہ نٕہ ہُندارٕ
اما پۆز رُوسی کٕنٛڑ زوالنہٕ لٲگتھ
ژٕ یِہ ٲسی جامہ شوٗبان رۄپہ بدنس
وُچھان تصویرٕ زَن ٲسی پانہ لٲگتھ

یِشِل اوس دیدرٕ ہُند ہیو چون بوٗلُن
مگر راتس دوہ ہس پنجرس اندر بند
دِوان ٲسی ژٕ یہ قدمن میٹھی دِلبر
اما پۆز چانی وُٹھ زٕ ٲسنتھ شکر قند

سُخندانو وۄنی چھیکھ جنتچ حوٗر
کھُٹتھ تھوٚکھ ژٕ زَن اَچھ دارٕ ٲسکھ
اَسُن مچھ تیر لاین چون اندام
مگر پۆز زالہ الجھس ہارٕ ٲسکھ

پنہن ہاوس ژلان اُسی اَئہ چانے
مگر ژاَئنتھ زہ چھکھ ارمانہ روٗستے
گلاَس داغ وۄن ہاے شوٗبہ وُن ساز
ژِہ ماَئنکھ نازنینا مانہ روٗستے

ژِہ آیکھ نار ژھیوہ راوان ژگتُک
مگر تیزرے یہ رہہ چاَنس الاوس
دزہتھ تن دادِی یتراُوتھ ٹکن ہندی
مگر ژہی لاَجہکھ افسوس داوس

ژگت بدلیوہ یامت روے بدلیتھ
نوٗوے عنوان دِیُن ییہ گلستانس
بنے یشبز یمبرزل نارہ وُزمل
زمین لیج آسمانس مۄدیانس

بُنتھ ژنڈی تیتھے ــ ل اوٗنتھن
غروٗرَن ترٛاس کھیو لوگ ظلم داوس
وُستھ مندورہ ییہہ گگرایہ چانے
نوٗوے رفتار بخشتھ یام داوس

سیہ سر مأئی مرژا ؤسکھ ژہ بے بس
دِیان اَسی تھاوِ مرژہ بہتر نی دِین کھار
مگر سرکش بُنِتھ یَیلہِ برونہٹھ دژایکھ
سپیز مردانگی نأدِم شرمسار

یہمو چشمو مُہِتھ اَسکھ نوان دِل
رتموہِ ہیُت خشمہ سیتین نار ہارُن
کنان یِم ناز سرِ بازار اَسکھ
رتموہِ ہیُت مانہ رینہ ہُند دار ژھارُن

بُنِتھ لَل دِتھ ژہ دژایکھ چاک جامَن
کورُتھ نِلہ وَلِتھ زمانَن ہُند ژُنِہ اَز کار
دِتُھ ہاوِتھ شُوِس شکتی چھُہ لأزِم
دوِیوَ چرخو یِکان سمسارہِ وِہ ہار

بیدردس لولہِ کس سوزس بوزِتھ گوڈ
پرِتھے یکھ ژونِدہ ہار چمہ زِوُن تابان
ژِیہ ہُو وُتھ گژِیسی سنز اکھ گُور اَستھ
فلَس ادبس چھم کتھِ کنِز شولہ ناوان

ارٕنی لاگتھ اونٕتھ کنٕتھ جیرٕ صبرس
بداوس اندری گو شاف تتہٕ ہریو
دِلاسا دِتھ گیکھ مسول ژہٕ باغس
غرورک مدہ ہرتھ پیو لاث تژھریو

وژھکھ جہانسی اندر ییلہٕ رأنی سرکش
الپو عالم وسِتھ پیو تاج شاہی
ژیٚہ کھارتھ تیر اسمانس جہانس
نوِی انسانہٕ چھاوتھ کج کلاہی

کوٚرتھ بے وایہ سنگین تتھے موٚت
ظلم مند چھو تر پھوٚل ڈیکہٕ انقلابس
رتس لیچہ گژھتھ حبابس جوش تیزہٕ یو
فلک ویسر یوو ڈیشِتھ پیچ و تابس

ژہٕ آیکھ ماجی زمس بونہٕ شیہجار
پکھن تل یوٗتی کھیٚل ژھٹہٕ واوہٕ رو چھتن
وچھک امر پتھ تھوٗپتھ ارزان فراوان
حیاتک تھو ژیٚہ کمہٕ چکہٕ چاوہٕ رو چھتن

بۄنِتھ حوا قرارس ناد لۄیُتھ
توٚے آدم بنیو دیوانہ چۄنۍ
تھۄوِتھ سر تازٕ لۄکی پۄشہٕ امبر
توٚے پھیوٗر عالمَن افسانہٕ چۄنۍ

بۄزِتھ گۄڈ زندگی ہِندِس خمارس
اَسُن زِژھر تہٕ حُسنس بۄش کھورُتھ
وۄمیزِن زُو دِ متھتھ ارمان پاٲلِتھ
دِیشٲرِ کہ نیلہ سرٕ پمپوش کھورُتھ

گمٕو بینہٕ نیو ژیہ نۄوُتھ محنتک روٗے
وژھکھ ڈلی یام داں ڈل وۄلسنس آیے
گیوٗن مرگو نیٚو ہیوٗن شوقہٕ چانے
ژیہ پراوِتھ ذرہٕ ذرّا تیچھی سیٹھاہ مانے

مگر دَر لوگ غرضَن یام لۄلس
کنڑٲلی چشمہ ڈیچھم نار ہاراں
نوٚس وٲلیس تہٕ دِ ینھ ژھم تراے بدلی
وُچھم تُس پۄشہ نہرِہ ہِندہ لرزہٕ تھاراں

# ژ نتس چھیہ؟

ژ نتس چھیہ کینہہ وزی برونہہ تا یہ دفہہ اکھ
پتمہ پہرے وشنہ اُش وانہ نادِتھ
پننیو تمنّا وے منز ژوُرہ ساوِتھ
دِلچ دُبہ راے ہیتھ سوزہی میہ اہی
میہ دوپہے لس تہ اس تھو دشانہ پراوِتھ
ژیہ ییژھنے لولہ بانچ پادشاہی
ژیہ ژِدوُتھ ازسہ دُنیا نہا دِہ ناوِتھ
میہ گیہ لاوین امارن روسیاہی
وُچھان گژھہ میون دُنیاہ برونہہ ہنایکھ

•

میہ لگہ ہتہ شاٹھ کاٹنیاہ ٹاٹھ ارماں
گمہتہ میانین خیالن شاہ پریشاں
ژیہ ژِدوُتھ پوشں پرژنتھ لول میونے
میہ گیہ کرنِکھ دِتھ پھلے منز سونتہ واران
چھ وُزہ نِلہ ٹارہ کھوتمت اول میونے
دُدرہ بینیہ سیتہ بوجاہ وُٹھ چھ پھیشاں
امارہ تریشہ ہوت یژ کول میونے
ژیتس پادہی کمھاہ اکھ کہ دِہ کھرژہی ژکھ؟

رادھے ناتھ مسرت

# اَکھ تصویرِ وُچھتھ

نارس اندر شیہجار ہیُو
برجستہ کانہہ گلزار ہیُو
عاشق امیک یُس اَکھ بنیوٚ تس موتھ باسان یار ہیُو
سقراطَ زہرُک جام ہیتھ منصوٗر ژھارن دار ہیُو
طوٗفانہ منز زَن ناو ہیُو
دیدارہ روٗس دیدار ہیُو
زَن یاوٗہ ناشاداب ہیُو
یا اوٚبرہ تٔلۍ ماہتاب ہیُو
یا زَن نہ قادس منز چھُہ اَز سیٚنتایہ وُچھمُت خاب ہیُو
نتہ لاٰلہٕ ژھارن ماگوٚمُت مجنوٗن موٚت بےتاب ہیُو
بےتاب زَن سیماب ہیُو
یا زن کھلس ہیٚتھ آب ہیُو
زَن شالہٕ مارُک شام ہیُو
یا روٗے زَن گُلفام ہیُو

یا ڈٕل دٕہس ہیٚنٛتھ شامہ پٔتۍ زٕن شاعرس الہام ہیو
یا زٕن تہٕ کانٛہہ کلہ وال پلہٕ وان تشنہٕ لبہٕ سۍ جام ہیو
زٕن تھکۍ مٕتس آرام ہیو
یا محنتک انجام ہیو

•

چس بتھاوہ وٕن میخانہ ہیو
کانٛہہ پوشہٕ وٕن بارانہ ہیو

زٕن باں گاٚئتھ عارِفن لوٚبمٕت موٚلُل دُردانہ ہیو
یا کرِ یکھ لایَن "من خدا" دارس ہیٚتھن مستانہ ہیو
دیوانہ زٕن پروانہ ہیو
دِل دِلبرس نذرانہ ہیو

•

گٹہ کارہٕ منز زٕن گاش ہیو
یا ناو ویدن آش ہیو

یا زٕن کمِلۍ لوٚسِتھ چھہ ازیٚژ کاٚلۍ کوٚڈمُت واش ہیو
نتہ مول آمُت وٕول سنٛس گوبرس کران شاباش ہیو
یا یارہ سُند یاداش ہیو
نتہ صُبحکۍ پراگاش ہیو

زَن یاوہ نکُ الّاو ہیوُ
یا سونتھ کالکُ واو ہیوُ

یا زن تہٕ سنگرمالہِ صُبحے سریہٕ پیٹھ چکہ چاو ہیوُ
یا پوری لوٚت تراوان زَن گُستام باغس ژاو ہیوُ

یا زن تہٕ حُسنس باو ہیوُ
نتہٕ زیوٚ نمُت زَن داو ہیوُ

•

زن داو پوٚک ہُشیار ہیوُ
نتہٕ زیرِ دِتھ سیتار ہیوُ

زَن شامہ شفقس کالہِ اوٚبرکُ راٴچھ دربیدار ہیوُ
یا زَن خزانس حُسنہ کُس بیٚتھ نیندرہ ہوٚت شُہمار ہیوُ
زن سیتھ پوشس خار ہیوُ
یا زَن تہٕ آدن یار ہیوُ

•

زن رُو ٹُھمتی شُند ناد ہیوُ
یا قیدی کانہہ آزاد ہیوُ

یا زن تہٕ ازگُستام داراہ کاٴلی ہیوٚمُت یاد ہیوُ
زَن ناوِہ اندرِ دِل چہٕ بھوٚومُت یارہٕ نی ازیاد ہیوُ
زن دِل گوٚمُت ازشاد ہیوُ
اَکھ عالماہ آباد ہیوُ

•

# دٔمہٕ وہرِ

بے خیالی منز بہ تُھکی بارہ بلس بیٚیٹھ ووتُس

دٔہ وٕری بروٚنٹھ تہٕ یہ کوٚل اُس یژھی سٕنۍ باسان
بوٚنہٕ بیٚیٹھ اُس یتھے پانٹھ گٔژھان مُنزی بوٗلیاہ
زنتہٕ خاموش سرس منز چھہ تُلان ووٚبھ گاڈاہ
تُسے لکرٕ پھلیہ ہوا پرانہٕ شرابچ نیٚہ ہیٚیتھ
نب یِیہ ہوٚی ناگ دنگ، زوٗن یِہے زَل پرِیاہ
بے خیالی منز بہ تُھکی بارہ بلس بیٚیٹھ ووتُس

نیب آوارہ دِلس لگہٕ تہٕ نظر سیتی آیس
اوہٕ اُمی براندہٕ ورژھایہ سعہ باوٕن گٔنڈی گٔنڈی
اوہٕ یٔمی کوچہ وٕچھان مانزہٕ اتھو تُوٹ دٲیوُن
اوہٕ یِیہ ہوٚی درمنہ ژٔگل پوشہٕ بدنو شیٚہلاوُن
اوہٕ یٔمی ہیرہٕ قدم میٚیٹھہٕ دِدان گٔنزاویس

اَوہٕ یوٚہوٚ ہی آب براں میانٮ۪ نظر پیٚیزہ ناوٕن
بس یُیمی وقتہٕ ییتی وعدٕ کوٚرُن خاب گوٚرُن

دَہ وُری گئےٚ تہٕ یہٕ وَکھ آو دوہ ہے مَس قدمو
دَہ وُری گئےٚ تہٕ یہٕ کھوٚل از تہٕ ترٕشھی سَنٕز باسان
دَہ وُری گئےٚ تہٕ یہٕ بُوزٕ از تہٕ چھہٕ مُدراوان خاب
دَہ وُری گئےٚ تہٕ تمِس ییوِ نہٕ وُنیکتامَت یاد
آدنُک وعدٕ رَچھُن یارہ بلس ییٚیٹھ داتُن!

قبرِ پیٚیٹھ کرٕ یکھ بہ دِمہٕ ہَس نہٕ سعہ ماکرٕ یکھ بوزہٕ ہم
قبرِ منز ما چھُہٕ ڈلان کاٗنسہٕ کِکرٕ پھُلیہٕ ہَوا
قبرِ پیٚیٹھ پیوُر چھُہٕ پرانان نہٕ پھولان نُوی سوسَن



# ریٖہہ تہٕ رقص

حُسنٕچ شیٖہلتھ عشقُک نار
خابَس منز روزُن بیدار

ژھوکھ ڈٲلِتھ کیاہ تراوُن وۄش
وُچھ گُلِ لالَن روٗچھ وۄزجار

بیٚیوٚن بیٚیوٚن لفظَن منز راوِتھ
شوٗبِیا مارُن موصُم شار

اَتھ حالَس منز شوٗران روح
چھوک وۄتلان راوان بُلغار

ہِجرس اکھ ژِیُہ زیٖٹھان ماگ
وِصلَس وأنس سونٕتٕچ لار

•

مرنٕچ مجبوری وِیٖٹھ پوٗٹھ
زیوٗن ہیٚوٚے کٔمی بخشُے یختیار

گرٲون پھتھ ٹلِ راوِی وکھ
یا گوو چھُے کاتھہ بوزُن ھار

عرشَس پیٚٹھٕ آدمی ژھاے
فرشکی سٔجدٔے وارفتار

کونٛشرِ مَس تٔ سعٕرگی حوٗر
میانی ارمانُک اِظہار

•

سعٕدرس منز چھُک لہرن گنٛد
شُری بادشاہ کر، تُل پھموار

گُل اَسہ نأوِتھ ہاوِی چاک
کُنڈی ڈلی ژٕڑی ڈٔڑی ڈکرنے پیار

مَس چھُے ٹیوٚٹھ پوٗز مستی چھَس
اَتھ نارس شبنمی شیٖہجار

•

ذرٕہ کھارکھ دِل سیٖدِی تنگ     اَچھ مژرٕنٔے تان باسی بار
دِپی تھاوکھ بٔلی راوِہی سٕمہ کھ     سوٚنبلن منز نُچھنَے شہمار
ییٚمی راتس رٕچھ صُبحچ گَل     دُنیاہ تیٚمی لوٚب معنے دار
پھرتیکھ نرٲ دِتھ تُل باتس لَے     پوٚت دیو پھیری موٚت لوہ کچار
دوہن ہند میلُن طالع رُت     بیٚہہ کٕہ دِل مژرٲیتھ گفتار
سوٚنتس کٔتھ جَن ہُند وَنوُن     ھر دِس بُلبُل موسیقار
شرٲون ہی چھے موسُم ویٚلس     ماگس پھوٚلنَے چھٕنتی گُلزار
فرصت کم تَے ہاوس کیٚتھ     پرارُن گوہ وبٔلی ژاپُن غمار
نردِس گنڈنُے چھے حاصل     ہارتھ زیو نٕتھ ! نرینتھ ہار
سالُک سنٕز کرِ نیرِی پھروُژ     سنگرن کھٕنتھ اوبرکی رہدار
دِپھ گمُناوِتھ نظراہ کہ     شین طرفن کانٔسک زنگار
کینژھ ہنز موسیقی بوٗزتھ     جنگلہ پوٚشی تان واین تار
میٲنین خابن ہند تعبیر     جانٔین زُلفن مُشکنہ دار
وقتُک دُلدُل گوہ تَس سوٗمہ     مَنوتھ آخر ییٚمی اوٚن یار
رٕژھس میانس پھٔلیاہ لیٚژ     چھاوُن لایق چھُم سمسار

نارکھ پریزلَن راتس از
حُسنس عشقس گیہ ملژار

رشید نازکی

# میہ باسان

سحر پھول پوشہ ٹورنیو جامہ کری چاکھ    خموشی منزی وونتھ واوس پنن راز
پدین چھس بستہ شبنمو تو تہ لاران    چھناو چھہ تنبہ لیومت زن نظرباز

گلس، واوس تہ سحرس یوت کیاہ غم
میہ باسان آسہ ما امار چونے

ڈیکس لگہ مز چھہ دزہ کیاہ آسمانن    کوٹھین ہتھ اضطراباہ امتحانن
چھہ لولکہ سودرہ نم بوڈی مہتی جہازن    طوفانو رفرخ چھہ پھیرمت بادبانن

امارن نکھ چھہ دیتمت ناوہ مید ی
میہ باسان آسہ ما انکار چونے

گلو دوپ بلبلن اسہ آے ہری تن    دلو دوپ لولہ چی دبہ رائے ہری تن
دیان مونگ کائناتن رمہ ریشین آے    مونگمے لولن شولن حسنس آے ہری تن

یہ کیاہ سورے لودے بہ تہ بوزہ ہا زن
میہ گوہ وشک آسہ ما اقرار چونے

سحر پیٹھ زلیوو رنگ روٹ آفتابن    زمانن زندگی ہیتھ ناد لاینز
گمانو راتہ کیو ازنو سکھر کر    گژھن شروع نی کوردوہن ہا ستی سازو لاینز

سعہ راتچ معہ ردہ گی تے خامشی ژٕنج
میٚہ کوٚہ شک آسہِ ما انہار چوٗنے

ڈٕیان بلبل چھہ از پوشن پوان زیٚو    قمری، ڈٕہارہ، جل، کستوٗری بولان
ڈٕیان سازن نہٕ نغمو از قسم ہاوی    چھہ سوٗنے بخت وقتک سر تہٕ پرٛزلان

گُل افشانی تہٕ نغمن ہُند مزر کیا؟
میٚہ باسان آسہِ ما گُفتار چوٗنے

نبس پیٚٹھ آچھہ گامژ زوٗن پیاران    گُلکی خوشبوے دوران واہہ لاران
ستارو شبنمس پأغام کیاہ وون    ژھیپر ژھانجن گندتھ امارہ ژھاران

سکھر سارین چھہ از کیتھہ تام کُن زن
میٚہ باسان آسہِ ما دربار چوٗنے

ژٕ یہ چھےٚ خبر ژٕہ حُسنچ کائینا تھا؟    میٚہ چھم خبر بہٕ لوکُ حاری تا تھاہ
ژٕ یہ نش انداز روٗٹ نا نوٗبہارو؟    ہرد میانے غمکُ اکھ واری دا تھا؟

دٕمن بستین گندن یم ساسہ بٕدی وہی
میٚہ باسان آسہِ ما پیٚتہ کار چوٗنے

سروانند کول پریمی

# ژیہ کُن

(۱) کامہ دِیواہ جامہٕ لاگِتھ

چانہِ تنہٕ مُشکنہٕ عنبرُس مُشکہ ناوان عالمس

چون اَکھ اَکھ اَنگ چھُہ پرِیزلان ماسہٕ بنہٕ زِژہٕ زوتہٕ وِنی

گاہ ہیوان سنگرن تہٕ سنزن بنیہِ کوہن ووہ گنیارنی

زُون تارکھ زوتہٕ ناوان چون اَکھ ٹٹھارُبس

چانہِ زیوہِ موٚدریر کوتاہ ، چانہِ کتھِ میچھر سیٹھاہ

سوہ کھ لبان امرِت چیوان

یُس چھُہ بس چون پئے لبان

کامہٕ دِیوِکم جامہٕ لاگِتھ عالماہ دیوانہ چون

(۲) چھُک وسیع سُدراہ زِہ سون

لولہٕ کُے آگُرہ ژہٕ چونٕے ناو اَکھ دُریاو اَکھ

رات دوہ پکہٕ وُن تہٕ رنبہٕ وُن خوش یوٚن رفتار چون

ساسہ بُدی چانین ہیٹھین ہیچھ آنتہٕ رُسی کمُ تریشہٕ ہیتو

یارہ بل ؤالان نٹین، کھاسین، گلاسن، گاگرن

لولہٕ سان امرتؠ ؤان یُہی یُہی ییمن بانن اندر

ترییشہٕ ہنتہٕ ہنی ترٕیش گالان

مارہٕ متیتی لول ژٕلران

میوٚٹھ، موٚدُرمس ملرہٕ یُہی یُہی باگ گراوان بے حساب

(۳) پوشہٕ ؤنی چاگنی زیتھ

اُز تہٕ وُزہٕ ناوان میانین شوٗنگمتین ارمانہٕ ہنی

اُز تہٕ میانین ؤلوٗلن للہٕ وان، تھنہٕ ہیتھ لولہٕ سان

پوشہٕ ؤنی اۆولی تہٕ زاُولہ لوہ ہٕ ؤنی نوٗزک خیال

بییہٕ ییمن میانین حُبابن، لولہٕ دُبراین اندر

بس ژھوہ یاُری یٕرہٕ یزلان چوٗنے لول تے انداز چون

لولہٕ ہیٚژ چاگنی نظر

لولہٕ سان بخشان تھزر

میانین ییمن پونت ژھایہٕ ہنی، گژاین تہٕ بییہٕ ژھلہٕ ترٕاوہنی

(۴) چون باسُن برونہٕ ڈکنہٕ

چون باسُن برونہٕ ڈکنہ میانِہن ووہمیزٕن رٕتھ وندان

چون باسُن یکھہٕ دِوان، میانِہن حُبابن گنتھ کران

چھک ژہٕ میانِہن آشہٕ نِہی نوٗ ژُرِاسے بخشان پوشہٕ وٕنی

چھک ژہٕ میانِہن پوشہ ڈُورِین، خُشبوٗ رنگین موصُم دِلن

مُشکہٕ ناوان، سانہٕ یارٕان ، نازبرداری کران

تازگی ووہزہ جارٕ چھٕ نے

پوشہٕ وُن انہار چھٕ نے

بس ہیمن میانِہن خیالن ، ژاوی جارٕن، گمہ ڈبران

(۵) پوشہٕ وٕنی اکھ پوشہ ما ہ

مُشک دار، رنگین، نیترٕ تنبہ لاوان اکھ نظر

نالِیس ترٕاوِتھ تمِس لس زندگی ہُند پیے لبتھ

آش ساریٕ راش ہیتھ آمٕژ چھ سوندر حُورٕ زن

ادٕ کمیک محتاج ییلہ تِس پایہ بوڈ دلدار آو

پوشہ باغس یام ژاو

نالِ ترٕاوِتھ مال دژاو

اَدٕ تِمٕس سورُے کھوٚرن تَل، لول ہُسنُک موٚختہٕ ہار

(۲۶) واو صُبحُک آوھیتھ

ییلہٕ پہٕ باتٕس چاًنی منز چھم کنن لولہ بران

چھُم ژٕلان آلُتھ ہُسرتے نیندرہٕ اَدٕ ڈٲکہ سوٚرزَن

اَکھ نۆہی زِتنیاہ دَوان میانین انگن، میانین رُمن

چھُس نوٚوُے سمسار ڈیشان ییمہٕ نوٚوُے ووُدہٕ ہار چھِلان

چھُس سنگہٕ یالن کران نۆئی نالہٕ مُتی چھُم دِل پھوٚلان

چھُس ہاہوان دوٚرُن ڈٲوُن

چھُس ہاہوان بولُن گیوُن

مِیانہٕ موٚکھ منزٕ اَدٕ ہاہوان نیرِ نیرِ کم کم حُباب

عائشہ مستور

# وَنہٕ وُن

بالہٕ چھم تمنا لالہٕ ییہٕ سائلی　　کھائلی مالہٕ تراوسے نائہٕ لیہ
کنن چھم لائگت سونہٕ انگہ وائلی　　پیپھڑ چھک مہ ختے بائہٕ لئے
کمخواہ بسی پیپھڑ میہ اطلس جائلی　　کھائلی مالہٕ تراوسے نائہٕ لئے
پیشکش تھوسے رنگہ رنگہ ڈائلی　　روغن جوش وہنہ ائہٕ لئے
دوہ دوہ ہیپالن سیتہ الہ بیائلی　　کھائلی مالہٕ تراوسے نائہٕ لئے
تس روس نشاط شالمار خائلی　　تس روس ترنہٕ تور بائہٕ لئے
پوشو چھی لاگی متی جامہٕ کزائلی　　کھائلی مالہٕ تراوسے نائہٕ لئے
تراونا غوصہٕ غم پینا سائلی　　اوشش لچھرہٕ میہ نائہٕ لئے
زرد ہیتی چھم وُٹھ وہنزائلی　　کھائلی مالہٕ تراوسے نائہٕ لئے
خاموش رُوزت یم ستم میہ ژائلی　　وُچھو دلپچ ہمت عائہٕ لئے
رہ کیا کھارس پھٹہ ئلہٕ کائلی　　کھائلی مال تراوسے نائہٕ لئے
سینس میہ گامتی ہنجرنی زائلی　　سائلس نیہٕ ہم سائہٕ لئے

ویرناگہ انہِ کیاہ تس کرِتھ ڈٲلِ — کھٲلِ مالہِ ترٛاوسے نٲے رلیٚے
چھُم گرٛژھان ازٕ دِلس کیاہ تام بٲلی — جِگرس چھُم وٕتھان کرٲے رلیٚے
یہیوم مے یاد سُے ازٕ یٔرٛ کٲلی — کھٲلِ مالہِ ترٛاوسے نٲے رلیٚے
دُنیاہس دِیٕ چھامیأنی کٲلی — کم کم گندرام گٲے رلیٚے
موٕلہ وٲلان کینٛہہ لال مولٲلی — کھٲلِ مالہِ ترٛاوسے نٲے رلیٚے
دِچھ پانٛنوُر آہ ہردے سٲلی — دردنیٚے چھُس وزان بٲے رلیٚے
تسنز ہی لبہ ترٛاو پردہ زٲلی زٲلِ — کھٲلِ مالہِ ترٛاوسے نٲے رلیٚے
پننیوٕ نترٕ پرٕ ویوٕد کرٕ دِتی میہ کٲلِ — ییٚمہ دِلَن کَم تِھیر ژٲے رلیٚے

مستورٕ وٕنی تراو تس پان نٲلی
کھٲلِ مالہِ ترٛاوسے نٲے رلیٚے



غلام احمد عابد

# سوزنیہ وول

وَچھ ژُمژراوِتھ
سَت سوزیائوِتھ
گوہم اوِبِل
دِل تنبلاوِتھ
دوہ کھتے داوی از مُشراوِتھ

سوزنیہ والیو
سوزنے وائیتھ

•

زنیتھ مس چاوِتھ
غم منساوِتھ
بیاکھی عالم
زَن پُشراوِتھ
فوہ درتسی از وُٹھ کملاوِتھ

سوزنیہ والیو
سوزنے وائیتھ

•

کتھ پلہٕ ناوِتھ
دِل سنبلاوِتھ
وَلہٕ وِیرَن زَن
کلہٕ نوٚمراوِتھ
یکہٕ وَٹہٕ ساری اُسی سوہ مبراوِتھ

سوٕ رنیہ والیۆ
سوٕ رنے وائیتھ

•

دِسکۍ باوِتھ
شِلکۍ ہاوِتھ
کاندرٕ وانے
تَن پیہٕ ناوِتھ
لَل گیہ واکھن زَن وٚیژھ ناوِتھ

سوٕ رنیہ والیۆ
سوٕ رنے وائیتھ

•

دُنیاہ تراوِتھ
پوٚت وَن پراوِتھ
لوٚلی گوٚہم
چیسہٕ وٚیسراوِتھ

ست ریشنی ہیندِ رٕشتھا ہٕ وِتھ

سوٗرنیہ والیو
سوٗرنےٚ داٗیتھ

•

اٗسہِ دُزہٕ ناٗوِتھ
اٗچھ مُورہٕ ناٗوِتھ
نَرٕ سِرہٕ زخمن
بێیہِ تچھہٕ ناٗوِتھ
زُنہٕ گاشَس اَز کوٗنگ ملہٕ ناٗوِتھ

سوٗرنیہ والیو
سوٗرنےٚ داٗیتھ

•

وَنہٕ پےٚ ہارے
زَن اچھہٕ دارے
سَنہٕ کور لولَن
کوٗوہ سندارے
شاہ باؤک گوٗد دِل تنبلاٗوِتھ

سوٗرنیہ والیو
سوٗرنےٚ داٗیتھ

•

دِل گرمأوِتھ
یَخ کُملأوِتھ
پَلنی سیتِن
زَن گَو وچھأوِتھ
رآنگرٕ کُنرِک آلَو دِیأوِتھ

سورنیہ والیو
سورنۍ وأیِتھ

•

دَرخ گَو نوزُکھ
دردٕکہ سوزُکھ
دِل گَر لگہٕ بو
نتہ چھےٚ دوزُخ
یُتھنو گُنٕہٕ ہَم نَے پھُرکأوِتھ

سورنَیہ والیو
سورنۍ وأیِتھ

•

غلام رسول سنتوش

# وۄنیس میانۍ نوٗرآہ

وۄنیس چھم نوٗراہ
موٗسآسُند زَن
طوٗرُک جلوہ
نارٕ کھنبہٕ کِس اَنہٕ پٔٹس منز
کارٕ تیکیچ زَن
زوٗناہ پھوٚلہٕ وۄنی گاہ ترادان
زَن برٕڑہ ڈٕلہٕ کِس اَنہٕ ہرس منز
منز کھٔچلہٕ دُنھرن
نوٗن پیوٚشاہ زَن شوٗبان

ناپھ پرٕ پرٕزلوٗن
زٕ ُنہٕ ڈٕبہ منز باگ رۄہ پہٕ رٕھر لاگِتھ
دوٚدٕ کِس سپیالاہ
زَن سوٚہ نہٕ تھالس منز نایان
ہٹہٕ زَن جِگنیاہ وِگنیاہ لاگِتھ
منز زُنہٕ گاشس
گلہ گلۍ گاہرٕ زَن مَند چھان

●

وۄنیس چھم نوٗرآہ
ڈیکہ تس پھوٚلہٕ ووٗن
ادبرہٕ تلک ہیوٚ

وۄنیس چھم نوٗرآہ
بادٕ م چشمن
برٕی برٕی تھوٚومت
زَن مَس کھاسین
پھوٚلہٕ ونہٕ زوٗنے تھنہ زَن پیمٕژ

تارکھ جُوریاہ — وٕنیس چھم نُوراہ
کنہ کٲری بانن برٕ مرٕ ماے — دُرِتھ پھلی زٕن چھس
کڈ لیک نقشا بادٕمی پیالن — منقل وُہہ وٕنی
یمبرزلہ پیٹھ — شاہ تُل زٲناہ
زن بومبورو رٕٹمرٕ جائے — خونِ دلک ہیو نون رنگ بورمُت
زن یاقُوتس

وٕنیس چھم نُوراہ — مہنزِن گوزمُت واجہ کیتھ کرانکھ
روہ خسار زن چھس — کمہ تام مجلونن زن وُنی ہیو
شوخ ووہ زلی ہیو — لالہ ہندٕ باپتھ
کیتھ داٲناہ — تازٕ چھُم دیتمُت جگرس چاکھ

آرول جوراہ زن منز باغس
پأنی پانس سیتی — وٕنیس چھم نُوراہ
نکھ گُلِ لالس زن ووہ شلان — ہوہ نجہ ہُند حالاہ
یانہ چھہ یا ہیو کوتر جُوریاہ — اَرکٕ ہتھ ہیو
ووہ سہ ہی آمتی — زٕن معہ یہ والاہ
منز آکاشس ژھوہ ماران — ہی پوشن منز سونبلاہ پھولمُت

اُہو زٕن گومُت
وٕنِیس چھُم نُورٕآہ
لَنجہِ پیٚٹھٕ بُلبُل ہیوٚ تنجہِ ہُند خال
گمہٕ شبنم تَس
اَکھہِ منزٕ منقاہ وُسی ہیوٚ پیوٚمُت
موٚختاہ چھکرِتھ
زٕن ناگُی رائیس
زٕن روٚہ پیٚہ نِھالُس
واتان ووتمُت تل پاتال
نٕنہِ ہی تنہٕ زٕن نار کھ زٕدُ نے

•

چُونٕہِ چھہٕ تِرِ جرِی جرِی
وٕنِیس چھُم نُورآہ
زٕن ہِنگہٕ لاگِتھ موٚختے مال
پائیٚ ڈِ مستاہ چھُس
بانبرِ ہِنٛزِ ہی وُٹھنی زٕن کٕمرٕ تام
وٕرِ وارِن ہُند
اَستان کنہٕ پیٚٹھ
زٕن شیٚہجاراہ
دِکہٕ زد لایکھ وٕچھمُت فال
سوٚنہٕ تارِن زٕن پیٚتراہ کرٕ مٕژ

•

زٕن مینچرابُس
وٕنِیس چھُم نُورآہ
دٕرٕ دِتھ ترائوِ متھِ ریشمی تھان
مٕژ نٕنہٕ وارِین
رٔشنہٕ بالس پیٚٹھ دائرِ تھ دِیُتمُت
پھمبہٕ دِتھنَ پیٚٹھ
دوٚہٕ ژھنبرِن ہیٚو
مُنفقٕ چھہٕ تھوٚوی متی
زٕن آبشار وٕلدِ ہیوٚ پان
یِم کٔبہٕ ہِینگی مَس ملرِین دوٚن

•

دُبہٕ دِلھ ہٹاناہ

طاقس ہینیٹھ زَن دُبہٕ سرپوش

دوٚن امبرین ہینیٹھ کوٚبلِ دَچھ ہندی

دَچھ پھلِ جوراہ

وُٹھِ وُٹھِ ٹھوٚی مِتھ زَن پمپوش

وُیِس چِھم نوٗراہ

مُوساشِندزَن

طوٗرُک جلواہ

●

# چِٹھِ ہُند جواب

چھیون خط آونا میٚبرٕ ہیٚنٛژ زن پیاٚرِ کھوٚت آفتاب
زن شبستانَس سنگرٕ پھٔلی زنتہٕ باغَس پھٔلی گلاب
چھُم مےٚ باسان زنتہٕ یٚہنٛژ وٲران دِلَس آو نوٚو شباب
یاتہٕ زن باسان مےٚ بیٚیہٕ وَزنہٕ لوٚگ لولُک رباب

روٚٹ زمانَن پھُلیہ سرٕ ہہ شولَن ہِیتِن زن آبشار
آو ظاہرٕ ہ ماگہ سِہی متر باغہ دِلہ سِہی نوبہار
چھیون خط باسان متیو چھُم ہاوَس ہُند لالہ زار
ہیٚوت مےٚ کھولن شوقہ سان دوہ ژ بوسہٕ دِتمَس بے شمار

ٹاٹھِ یارو چون خط پرٕ تھی مےٚ گوٚ دِل بے قرار
ٹاٹھِ یارو گوٚ مےٚ جاری چشموٕ ہی کنہٕ آبشار
ٹاٹھِ یارو خط پرِتھ یا سیو مےٚ زن گوٚو یتھ بہار
زِندگی ہندِس ربابَس زن ڈٔیلے یَم تار تار

آہ بہٕ کیاہ لیکھمُت ژٕ چھُے وانیج مےٚ چھم کرتل وسان
چھُم مےٚ باسان تیلہٕ ژٕ منزی منزی ژاسہٕ ٹوک ما چھُے پران
ماٹھٕ یارو بے خبر پاٹھین ژٕ چھک خُوناہ پچھکان
چھک نہ اکھ رژھ امہ جدائی ہُند ژٕ کانہہ پرواہ کران

خط پرِتھ باسیوو مےٚ زن چانین تمن نورٕ زک وٕٹھن
کاوٕ دچھ ہُند رنگ ما آسی ژٕ گومُت از تمن
شہ سنبر ما آسہٕ تیلی کھوتمُت تمن ووہ زلین روخن
آسہٕ ما تیلہٕ کاشر لوگمُت تمن رنگین نمن

شوق ما آسی ژٕ تتھ معصوم دِلس ساگُک گژھان
از ژٕ ما آسکھ تمن باغن اندر پھیرُن پژھان
وُہی تمن باغن اندر گُل اُسہٕ چھی ورچھی منڈٕ چھان
اُسی بلبل روہ بے وُچھت باغس اندر کم ژھٕ پران

یتھ نہ زانتھ سوچک بہ کتھ یتھ توٚ مےٚ زانک بے وفا
چھس بہ روٗٹھمُت روزگارن یُس چھُ دوہ دہ لادوا
ساسہ بدی غم بیہ چون غم میانہٕ یارو با خدا
یا چھُ زگتن نتہٕ زمانن اسہٕ بہ کوٚرمُت بد دعا

وُہٕی خیالَن منٛز بہٕ اوٗسُس ژٲنگی زالان ہاوَسن
بار ہا سونٛچان بہٕ اوٗسُس سال کَمہٕ ہیو دوٚن ڈلن
بُلبُلَن ہِندی میٹھی آلو بوزہٕ ہیو بیہہِ در چمن
زٕونہٕ کاشُس منٛز بہٕ مِتھہ ہیٚے مانٛز تِمَن نوٗزُک اَلحَن

چھُس بہٕ سونٛچان کیاہ ہہٕ بُلبُل اَکھ بہٕ ژھٕنٛزاہ ییہٕ نابیارٕی
وُہٕی بہٕ پرژھہس بُلبُلاہ وَنتَم ژٕہ ما دِژا یوکھ تیارٕی
مانہٕ کَتھ بُلبُل ییہٕ کتھہٕ کُنی تُس چھُہ اَز یاوُن ژھٕپارٕی
بُلبُلس دِل خوش چھُہ پانَس تَس تہٕ ییہٕ فرصت کیارٕی

ساسہٕ بُدی اُمی داُدی رُدٕ ہیتی چھُک نہٕ ژھی اوتن بیمار
پریتھ اَکھا یتھ لالہٕ بزارس منٛز چھُہ آسان داغدار
ہا کلیو یتھ نوٗژہٕ زِنگتس پیٹھ کرِکھ نزاہنہٕ اعتبار
یتھ نہٕ زٕنہہ اَتھ پرژھ کرِکھ دُنیا فندن ہُنٛد مرگزار

چھُک ہیوان کمہٕ خاطرن یتھ زندگانی انتقام
مطمئن گژھ زندگی پیٹھ لولہِ دلہٕ کُے چھُے پیام
ٹوٹھ چھُہ ہرگاہ دِل قرارو زندگانی ہُنٛد یہِ جام
یمہٕ یہٕ وہترود چھُے لَبائی در حقیقت سُے مُقام



غلام نبی خیال

# دکھ چھہ پھران کمن کمن

زبہ یۄدوے زندگی ہندہ پھلیہ باغٕک لوب چھُے رژھرن
زمانس کُن وُچھت کوہ چھک تلان موہ تیچ سوہ اُران کنجہ
ییمچ اکھ ژھایہ رژھ چانس وجودس گژھنہ ہرگز پینہ!
خدا تھوی نے سلامت اننہ ژلن عرشس تہ تھم نیر لٹھ

تینے گژ تاں دوہی گئے یلہ یہ دکھ مندنین میہ نش آیوو
میہ اوسُس طمہکس مجبس غمک سر پوشس تھوو تلمت
خبر کُس اُس تیوتگن پیچھ یہ تھوہ میہ نئے حریرو دل
یہ لبہ ہندسات یتھ بئز کال دوہ نی اُتھنی اویزان گوو
بہ یۄدوے زانتھ وُچھان اُکھ کُن یہ وایان دکھ یکان یانس
زمانس کُن وُچھت کوہ چھک ژہ ہندر اوان ہینی ہاوس؟

صُبح دم دائن ٹھرہ بیٹھ بہُوٹھ کستوٗراہ - گیوٗن اوٗسس
میہ ٹھوٗدمس کنہٕ بہ تے کُس طوطہ گلہ دِوٗس غمو فکرو
بہٕ یؤد ییمہ جگرہ کینہ خاموش چاکنٕ زبہ اُنتھ ھیکہ ہا
یہ دکھ ہاپچھہ ناوہ ہمن گیہ منز کہ نی پیغمبری مگا شیخ
اتی چانین جوان شوقن تہ کاٹرٕھاہ دلبری کرہ ہاے
تہ کاٹھ مستانہ شاعر چانہ یارانکی غزل پرہ ہاے

چھہ یتکیو نو بہارو نافہ سیتین ژھرِی ہالم بہٕ ی ہتی
یتکی فضہن چھہ عشقس پننہ امر یتہ وانہ چھجہ تن
یمی کو نگہ وارہ حبہ خوتونہ اکہ دوہ ہہ کرٕ منزم یارز
رسول میرن تہ یمہ ناگہ راون پیٹھ دلن دوٗلٹھ گدٕٹھ
یتی پیتھ دان کھہس منز گرٕ یسی کوٗراہ دِیتھ ہا مجبوٗرن
تہ بہٕ تہ ہیمہ آنگنچہ دوہ سہ تل ژیہ کنٕ ٹھلہ ٹھلہ وُچھان اوٗسُس
مگر دوہ تی تنز تہ گوٗ وقتاہ سہ دوہس اندہ وُندژھنکھ ہا ٹھرتھ
گوٗمُت دیتھی دان کہ کنیز ژُے ہیمہ تیتھ کنیٔ ژیہ کنٕ وُچھنس؟
بہٕ کیتھہٕ پانٹھین کڈان دوہ دوہ ژیہ ٹھوٗی نے بے خبر تیمہ نش

ژٕ چھکھ اَکہِ ببرٕ باغٕچ مُشکہٕ گوندرٕ، ڈوٗڈھ نِشس رٕچھنے
چھہ نتہٕ ہردٕرٕچ ہوٕ گِھے سرٕہٕ دار مُولَن تام دوٕ دہٕ راوان
یہِ نِیَے خوشبوٗن فریباہ میانِس بے کل دِلس پھیرٕ ہیے
میہ ماتیلہ سونتہٕ بروٗنٹھی یوٗسمن نظرِ نیرٕ ہٕن    بامَن
ژٕ جرٕ ہٕکھ موٕ ختہٕ میانِس دامنس، دامَن ہٕ گوٗژھ آشن؟
گُلالکی یاٗٹھی اَکی داغَن دِژِم زندگی میہ وونٛدمس رٕٹھ
چھُم مُرِ مُرِ زندٕ گٔژھی گٔژھی لول پیہم کہوٕ چین کھوتمت
چھہ موٕ تیج نٔو حقیقت وونی میہ نِش سردار افساناہ
مہ کرٕ اتھ شورٕ ڈیرس پھیرٕ ژیہ یوٗدٕ نے چاندہِ گگہِ پنِنی

میہ یَتھ زہراب پیالس ترِیشہ پیالک ناو دِتھ موٕ فی کرٕ
ژیہ چھے تتھ کُن وُچھت میٹھِن وُٹھن ہند میوٗٹھ رس ہٕ کھمت
خدا تھٔوی نے سلامت! یُتھنہ عرشس تھَم ژٕلَن نیرِتھ!!

●

غلام نبی خیال

# چون حُسن میون عشق

تیلہِ شولہٕ بہٕ یلہِ چون حُسن زٕرونہِ کانٛہہ ٹاک
تیلہِ شولہٕ بہٕ یلہِ میانہٕ دِلکی داغ بنَن ژٕ آنگر
تیلہِ شولہٕ بہٕ یلہِ ساٚنٛزِ گرٚیبان گژھَن چاک

وُنہ کیٚس ژٕ اگر پانہٕ رٕچھک شوق وَچھس منز
زن شام رنگ بوسہٕ رٕٹھتھ وۄشلہِ سنگرمال
زن سۄدرہ بلَن موج وۄلھَن زۄنہٕ پیچھس منز

مَس کھاٚسی براں لول سراں پانہٕ بُنٕے پچھے
ازٕ تےَ تہٕ پگاہ سیدٕ فراقک بہٕ منزل ٹلے
ازٕ نے تہٕ پگاہ وصلکہِ انمانہٕ مبُنٕے پچھے

فِلحال چھُہٕ اکھ چون تصوّر میہ دِلس آش
یُس ازٕ تہٕ گژھہ چون حُسن سیدٕ نہٕ پامال
فِلحال چھُہٕ سُے چون تصوّر میہ اُچھَن گاش

اکہٕ چانہٕ قدم تراونہٕ سروَس تہٕ نمٕن ہیوٚ
رٕوے چوٚن وُچھت زوٗنہٕ چھہٕ اسمان تہٕ گژھان تنگ
اکھ لولہٕ نظر چانٛژ! تلکھ بیٚھ میہٕ دِلس گوٚ

بُتھ اَژ بٕیتھے شام ڈٲلتھ جامہ کنہٕ لیوٚ لی
زوٗلٕم بہ پچھے ہرنہٕ اچھن سوٚ رمہٕ ژیہ لاگان
میہ چھُہ اَز تہٕ وصل ژوٚلھ توٚ ہے ہوٚت میہ ہجرٕ ملی

یلہٕ وٲژ نصف رات تہٕ وُہروٚ گٹہٕ زال
زن چانٛژ پریشان زُلف پییٔ میہ نرن ہیٚھ
ژیہ وَرٲے گُذٲرم نہٕ کھینہٕ رات بہر حال

صُبحاے بٕیتھے بادِ صبا نافہ ژھٹان آو
تنہٕ سیتیٚ زٕہم چانٛژ مُشک دار پیشچ یَن
ژہٕ مہٕ زان ژہٕ چھک دوٗر میہ نش تراونہٕ ظٕون تراو

کیاہ غم چھُہ اگر تشنہ بہ اوسس تہٕ زہر چوم
یم شوق تہٕ ارمان جوان تھاونہٕ باپتھ
کیاہ غم چھُہ اگر خوٗنِ دِلس آب کٕرن ہیوم

کیاہ غم چھُ اگر سون عشق زون لگوٚ سٕروٚگ
کیاہ غم چھُ اگر آے کنہن چھاوٕنہٕ یِم لال
تس میوٚٹھ لگان زہر تہٕ یَس جام تُلُن نوٚگ

چوٚنے چھُ سُہ غم یُس نہٕ میہ کانٛہہ غم چھُ تھوٲنِ
نوٚوِ نے ژیہ روٗح خَن پھٹہ پیٚہ ژنِہِ پھُلیہ ہُند انہار
گژھ رُومہٕ ریشُن آے ژیہ اتھہ مست جوٲنی

ووہ زلاوژٕ یِم وُٹھ میہ گژھن تازہ دِلکہٕ سٕرو
بَرچاوٕ ژٕہ حُسنُک میہ چھُ عشقس وُنہٕ یاون
ژٕہ مہ سوٚنچ بہ چھُس دوٗر ژیہ نِش تھویہٕ سنُن تھو!

تنقید چھ آسان عجیب عام لُکن ہنز
بیٚنہٕ چون اَکےٚ ووٚش بنہِ عنوانِ فسانَن
بیٚنہٕ لیلہِ تہٕ شیرینہِ تھوَکھ پام لُکن ہنز

زہرس بہ وَنان آبِ حیاتھاہ تہٕ چھیپان چھُس
دُنیاہ ستم گرانِ میہ پیوان چانٛی کرم یادِ
گَیےٚ واٚنجہ پٕرکالہٕ مگر تہٕ توتہٕ گیوان چھُس

غلام نبی فراق

# بُلبُلس کُن

بےٚ خبری اندر آلواہ شوٗخ لُوٚکھ!
رُسُل راگ تےٚ چانٛنی رس دار آلو

یہ دل سادہ دِل میوٚن پھلوٲے کوٚر کھَن
کنُو یام بوٗزِم دوٗرٕ ژیوٚت گوٚو شعورس

زِہس منز ژۄیہ بدلوو کھَن میون دُنیا
ہَمی دم یہ وُوتُس بیٚیس عالمس منز

گُلو بُلبُلو سوٗنتہ سبزار بوٚزکھَن
ہیٚیوٕ تمُ ماگسی منز نُلُن حظ بہارس

یہ اوسُس پھِران ژٕروٚن یوٗنانٛی ڈراما
گُلس تَل روُٹھی رِشہ پھچھ یُس ہیٚر تےٚ بوٚن

ہنُن پان مُشرِتھ ہنُن شوٗق چاوان
ژٕیہ مضراب لوٗیتھ چھُلےٚ ہیٚر مینہ چھاوٕنی

پٕران زندگی ہِنز مُدر بادشاہ کتھ
دِلَن ڈوٗرہ دِیت شوقہ چین گانہ ٹہرَن

کِتھٕنی فتنہ نوٗی نوٗی ووتھان فتنہ ساوان
بہارس چھُ عادت نظر راوہ راوٕنی

وُچھم ہیرِ پریزلان نیلِس نبس پیٹھ کُنِھس منز بہٕ چھُس دارہ دروازہ ترٛاوِتھ
ہنا دُور پرٛون شین ہیوٗ اوبرہ لو نگاہ نَبر کہنی ششر گانٹہٕ زَن شیشہ پریزلان
بہٕ زَن ژاس محبوب ہنیتھ وُش اَکس منز نبس ازتہٕ ژادر وَلِتھ کالہٕ اوبرٕ چھ
کھوتُس لانکہٕ بیٛچھٕ دوہ ڈلُن تُلنہٕ منٛوجاہ تُرُن واو دوہ دماجہ ہُند یادٕ پاوان

اچانک کنٛھس بہٕ منز شورِ یارن کُنہٕ بونہٕ وُتھراہ چھم ہتھ بونہٕ شاخس
بہٕ خابی وُڈِتھ گوو بہٕ بیدار شُدس بُنے چھس لاش زَن ہاسہ کوٗٹس اویزان
تہ ژٕ شینہٕ ژصط ژایہٕ زن حملہ آور بہٕ منٛ مد ہنی دوہ، بہٕ منٛ شان ماگس
توٗ چھم پان تُتھی بیٚتین وُڈی بہٕ اوٗسُس بِہیٚس منز بڑھ نارٕ کانگرٕ چھُم ہاتان

عجیبی ژہ چھک بلبلو جانوارہ
کرامت کران چھاے مدہٕ ماے تی آلو
حماقت مگر چھوٗن احساس مُنشرن
وَندَس منز بہٕ پھیرنوٗ وُتھس پوشہٕ مرگو

فاضِل کشمیری

# زُونہ مٔنز ڈل

بالہٕ پتھٕ کھٔژ زُون وُزھ بے اختیار آبس اندر
یِی ڈلس مٔنز عام گو وگنِی اشتہار آبس اندر

ڈنٛگ دِوان وُلہ وُلی کھان ییتھ پاٹھی کالی آمٕژ آن
ہِہ زمین آسان چھ سحرٕن لارٕ لار آبس اندر

نِندرِ وُزھ راتچ جوانی گاہ ہُر بیٛرٕ تُل چھوتُو
زُونہِ وُلی مہرازہٕ شونگمت کور ہُشار آبس اندر

زُونہ گاشُک ساز بے آواز آبُک جل ترنگ
یِی کنو بوزُن نِندرِ ہٕنوت ووتھ تہ شار آبس اندر

دُورِ دٔرِ گنڈ وِیرِ دارو بوٛیِ بیار ہیوٗ گیوٗن
بالہٕ دامنٕ نشنہٕ لگی بھرلس کیوٗ چنار آبس اندر

آنہٕ خانس مٔنز سجوٗ ولی حُسنچ پریے محل
وُزھ لیہ کمنٕ وُز کلو چھکی موختہٕ ہار آبس اندر

دُوٗن نسیمن لیٛچھ تھپ دِتھ زُونہٕ وَس اَتھ ہیے گندو
رُوف کرو دٔر گاہ ترو وہ نی دی میہ تار آبس اندر

بالہٕ ہیٛچھر ہر جایہِ استقبالہٕ باپتھ لالہ درایے
برونہہ ٹھو وتھی باغ نشاطکی آبشار آبس اندر

کہکشاں ہیٛتھ رات ہیٛتھ تارکھ تہٕ صبح و شام ہیٛتھ
حُسنِ قُدرت ہیوٗ نمیوٗ پروردگار آبس اندر

زُونہ وچھ پریتکی ساری صنم پوٗزا یہِ وتھی
دٔرشنس پیاران قطار اندر قطار آبس اندر

آیے تارکھ چاندہٕ مٔنز گنہ یکھ دِتھ دوان ژب رایہ زن
زُونہ وچھ وچھ ژانگ زا لکھ بے شمار آبس اندر

میانہ وطنک جھیل ڈل وُچھ چھُہ ژوٗ دایم زُون زن
دُورِ دُون الہ کُن گرٛھان وایہ چھے آبس اندر

# یتھ وَتہِ پیٹھ

یتھ وَتہِ پیٹھ پکو پکو میہ تہِ اکھ وٲنساہ گیہِ، اکھ مُدتھاہ اکھ سپدیوو۔
ماگنز ژھٹ، ژم فہریمژ، دِل ہٕندریو مُت یتھ سرکہ تہ شاید۔
وُزلہِ چھ وُڈوُنی ژھاۓ پننز ژھیہ ژھارہ گندِتھ یُتینی مُشراوِمژ
ہُتیتھ بالَس شنکراچارس پیٹھ شِنیہ ہانٛج ہِش بے سوز خموشی!
کنہہ وِس بدنَس اَمہِ کِس پیٹھ رٲئِل ہوی گُلی    زن فلوا گامتی
یَتھ نالَس ژم ہندریمژ، سوہ نتیج تھتھراۓ مُٹھمژ آبَس
ڈلہِ کِس یتھ بے داغ ہریس پیٹھ زن پیمژ سۄہ ٹھکیچ ژادر
یتھ وَتہِ پیٹھ پکی پکی میہ تہ اکھ وٲنساہ گیہِ، اکھ مُدتھاہ اکھ سپدیوو

وٲنس چھ کیاہ وَرِی ین کینژَن ہنز گرینہ، یاوَن ہُند اکھ صحراوٕ اوٕ
اَکھ صحراوس منز ژھہ نوی طرفَن بدلی وحشت وٲرانی
بعضے اَکھ منز گاشیچ ژٕژ تامت پراونی باسان یژھ مشکل

انسانس اَسمان نہ لبنے یِوان گرِتھان کو تاہ دَم پُھٹۍ دِل
کاٹژن رائژن ہُند کرہ ہیہنیر، کاٹتھن صُبحَن ہنز شوبھ چھ راوان
اَکھ گہلس جنگلس منز، یَتھ وَنہ پیٹھ، پرِیتھ گُنہ موٗڈس پیٹھ، پرِیتھ وِزہ
اَکھ اَکھ دِل قربان کران چشمن ہُند گاش چھ اَتھ وَنہ راوان
یتھ وَنہ پیٹھ یکِہ یکِہ مہ تہ اَکھ وانسا گیہ، اَکھ مُدتھاہ اکھ سپدیوو

یُتھے وَنہ پیٹھ یکِہ یکِہ مہ تہ دِل ہار یوو، لوکہ چارِک ہاوس راوُر
یُتھے وَنہ پیٹھ مہ تہ مانزِہ گُلن محبوبس ہنزِ لس میٹھ دژ آیای
یُتہ نہی میانو چشمو پرزہ ناویوو تہنزن چشمن ہُند دُنیاہ
یُتہ نہی سونتہ ہواون سوت سوت لولہ سمندر اکھ وُزہ ناویوو
یتھ باغس ہتھ پوشہ گُلس تل ہاس میانس پوش بھرے ین
یتھ دِلہ کس گُل لالس بخشیم شبنمی چشمن ہُند امرِتھ
یتھ باغس ہتھ پوشہ گُلس تل مہ تہ شیریوو سُپنن ہُند دُنیاہ
سُپنن ہُند دُنیاہ' اَکھ ہیوہ ساہ، سُپنن ہُند، دُنیاہ اَکھ گِندہ باشاہ
شُرِہ یارانہ، کوتت نامت ہیکہ دِلہ کین زخمن مرہم نفاوِتھ
سونتہ ہوا ڈوٗل تس، دِل ہُند ریوو، یتھ لنجہ شاید پوش ہرِتھ ہیوو

میانِس یارس، تس دلدارس، شاید ییہٕ نے وعدہ مُشتھ گو و
مشرب کوتاہ میوٚنُھ چھُ، وعدن ہیند دُنیاہ کوتاہ اوٚزتھ آسان
مشرب دِلہٕ کین ساسہٕ بدٕن نوشورن ہیُند لافانی مرہم
مشرب انسانن ہنز فطرت، مشرب زن عرفانُک عالم
مشرب زن تہٕ شرابُک سوت سوت میوٚنُھ سروٗداہ، ٹاٹھ خموشی
مشرب زنتہٕ یمن پنزہن چشمن ہنز وٲرٲنی مُشراوِنی
وائے، میہ ییتے تیٚتھ دِل آسہا یتھ زن بہٕ یہ سوٗرُے مُشرِتھ ہیکہ ہا
وائے، میہ تیٚئے یتھ دِلہٕ کِس شیشس لوٗکُ حرفے ناہہ وُن تگہ ہا
وائے، میہ یتھ دلہٕ کِس دماغس گوٚزتھ مشرب ہیوٚ شبنمی شبہجارا
پوٚز مشربہٕ کِس مست شرابس زھاران یاداشن لُب تیزی
یتھ وَتہٕ پیٹھ، ہتھ باغس منز، یتھ موڈس پیٹھ پرہتھ کانہہ دل شوریوٚ
پرہتھ کانہہ دل، یُس ہمہ وَتہٕ یکی یکی، پرہتھ ساتن یتہٕ نی دفناویوٚ
یتھ وَتہٕ پیٹھ یکی یکی میہ تہٕ اکھ وٲنساہ گیہ، اکھ مُدتاہ اکھ سیدیوٚ

یتھ بازارس دل ہیندر یومت، یتھ باغس رونق چھمبی گامُت
ہتھ پوشس بتھ زمِھیومت، یتھ ڈوٗرس رنگ زن شوٗری چھ گومت

یَتھ دُکانَس پیٹھ کاٲتیو انسانو یتہِ نَس سوداکوٚرُت
پوٚز مییٚ زانہہ تہٕ کٕنٛہی سوداکرِ نَس موٗل توٚگ نہٕ زٕنٛہی پرٕکھاوُن
یہٕ چھُہ بدٕلی دُنیاہ، سوداگرو اناہ ، انسانن ہنٛز بستی
شُہرِ بارٕ انگٕ غل گوٚشاہ ، اکھ زٕیٹھ وُتھاہ ، یادن ہُند صحرا
اتھ صحراوس ہٮ۪کہ ہٮ۪کہ ہارن گرٕ یکھ بعضے تن گمہٕ ناوان۔
بعضے ماگھُن ژھوٚٹ بتھ ژٕکہٕ ران ، ذرس ذرس دِل ہند راوان
اَتھ صحراوس ژھٕ ہٕ وٕرنی پاسن ، بس اکھ وحشت اکھ وٲرٲنی
اُتھی زٕیٹھس سفرس پیٹھ کُن زوٚن ، پھِیکِس صلیباہ ہیتھ چھُس دراُمت۔
پرٕیتھ طرفن اتھ صحراوس منز زخمن ہنٛز پھُلیاہ چھُس چھاوان
یتھ وتہِ پیٹھ یکہ یکہ مہ تہٕ اکھ وٲنساہ گٕیہٕ ، اکھ مدُھتاہ اکھ سیدیوو۔

مُظفر عازم

# اکھ رات

دوہہ شبن ہیوت زال وہراوُن ڈہکۍ بُلبُل کلیاۓ
اَز مبیہ چھُم بدنس اندر گردِش کران تیزاب زَن
از سمندر ہاوسَن ہُند گرابہ ماران پیے یہ پےَ
اَز دمادم زھالہ ماران شوخ ہوسَن ہندۍ هرن
اَز بیتابس لولہ دیوانس حرام آرام گوو
اَز متیوُمت دِل چھُہ گنزراوُن ہہوان پرانین چھوکین
دَم کرِتھ عالمَ، زمین تہٕ آسمان لگُو چھنہ خاب
آوسِتھ زَن وۄل حیاتکۍ چرۍ گِشن موُنگُ کفن
کیاہ ذٕرِتھ ہیکہ دِل؟ رہِتھ رۄزِت چھُم گوُمت کائنات بنا
اللّٰہ اللّٰہ! جوُدکیاہ کوٚر راٗز ہندۍ بازۍ گرَن
اَز چھُہ تنہا شب گذاُرن موتہٕ کھوتہٕ باسان گرُٹھر
دوہہ گرَس کرُمژ چھنم اَز قبرِ ہنز حالت شبَن
دوہہ ہیمن نوژُک ستارن تارۍ آسن لوٗ سِتھ

واے کانژھاہ جانہ واراہ ٹاس ہیوٚ کڈِہ ہے پچھن
واے کاشھ ہمسایہِ سُند موصُم شُراہ گرِتھ ھے ہُشار
باشِہ نَے کرِہ ہے ژٕہا دِیہِ ھے ہَنا زورَس ےپٔہَن
وائے تنہائی تہٕ خاموشی ! دِلَس پُژٕہ یار گوٚہ
اکھ مداواہ ، اکھ کتھاہ ، اکھ حرکتھاہ گرِتھ ہے کٔنن
تسلیاہ کرِہ ہا دِلَس لوٚت پوٚرِ ہی تراوان آو آو
میون اکھ دیوانہ آلو بوز اٖغخر دلبرن
پے وو میزن ہُند تھُتھے لبہٕ ہَن مِتیہ ہاوس آشر رسی
ہاوہٕ ہا شبہٕ کین سِیاہ خانَن پٔہَن دیوار وسی!



ناجی مُنوّر

# لولہ باغچ چھک گُلالہ ژٕہی!

ژٕہ چھک غزالہ نتہٕ چھک غزلہٕ ہُند نوزُک خیالہ ژٕہی
پناہ چھم چھےٚ رُکمچ سیٖتس اندرٕ ژٕے میٚٹھ دُبرارے
حیاتُچ کائیناتس ساری سۭی منز لیہ سہٕ چھم سرارے
تۄرٕے سمسارسۭی منز زندگی ہنز چھک مثالہ ژٕہی
نتہٕ چھک لولہٕ کِس باغس اندر بدول جمالہ ژٕہی
بہٕ چھُس لول اَسِتھ چھُس زمانکی داٖدی مُشرادان
دِلس پیٚنٹھ آکھ تیرن ہندی زٕییہ نش چھُس کھٹی کھٹی تھادان
مگر مے اکھ طرف ترٲوِتھ گلاہچ چھک مثالہ ژٕہی
ژٕہ چھک ہیٚمبر زلالہ نتہٕ ضیایہ گامٕژ چھک ژٕہ ہی مالہ
کوٚرے چھک پردہٕ ترٲوِتھ زاٲلی ہیٚنزٕ منزی گمرٕش نلوا
حصر کیاہ تہٕتھ گُلِس یُس بالہ کھیٚنگرے منز گومُت زِتھ
ژٕہ ژھین ہیم پردہ زاٲلِتھ لولہ باغس کرہٕ تہٕ اکھ سالہ
ژٕہ چھک زُوناہ نبیچ نتہٕ لولہ باغچ چھک گُلالہ ژٕہی
میہٕ لولے اَز چھوٚرہیوٚ زندگی ہُند جاوِ پیالہ ژٕہی

○

# اہرہ بل

ووہلہ بہٕ ہاوے قُدرتُک اکھ شاہکار
ساسہ بدی کائب چھ اکھ کسبس نثار

شوق کُس گوو ہوو کمہٕ یتھ گاٹہٕ جار
رو چھ کنین منز باگ حُسنُک زاوی جار

تولہٕ الین سیدہ نا دل بے قرار

یا وُچھن گژھ اہرہ بل کیتھ آبشار

کونسر مرک شہزادہ گرہ وُن نوجوان
زو کلہن گژھ ناسناہ یاور سہن

دُشمنن سیتین چھ زن مُنہٕ مُنہٕ کھوان
یا چھ کنہ بیٹھ تال ژٹین سرکشن

فوج ہیتھ لاران غنیمس شہ سوار

یا وُچھن گژھ اہرہ بل کیتھ آبشار

آب گوو ہیم بال وُچھی وُچھی شستس
لاجی مژ چھکھ آسمانس سیتی ٹھول

بیہہ تہ اکہ لٹہٕ شیچھ نیا کاشہ خوبروس
ووہلہ سہ فرہاد ان اونے شیرینہ معول

منز چھ کہ مژ اُمہ تہ سے وتھ اختیار

یا وُچھن گژھ اہرہ بل کیتھ آبشار

کمیٚ سنا سنگلاخ ژٔٹی ژٔٹی ترٛاوٕ مِتۍ   آہنی دیوارہ نِنی کمیٚ سینہ چیوٚر
زندہ کٔرمی کٔری کمیٚ سنا یمہ تھاوی مِتۍ   چھان کُس کس اسمٕ پٔرِتھ تیز تور

ساس کارِیگر چھ اَتھ کسبس تیار
یاوٕ چھُن گژھِتھ اہرہ بل کیُتھ آبشار

وٕژہ یہ کمیٚ زورٕ اورٕن اَتھ کامہ تن   کمیٚ سنا دامانہ وُہن بالَن رٔلو
ٲس کوٚس سرنا وہ سہ یِتھ یِتھ اوس پن   کم سنا اَتھ آسی طِلہ اَتھ کمیٚ سہ چھو

یوٗت آخر داٹھ کمیٚ کوٚر پایدار
یاوٕ چھُن گژھِتھ اہرہ بل کیُتھ آبشار

کمیٚ یہ پادر سہہ اَما تمہ سانتہ گونڈ   کمیٚ سنا وُہ بنس نوٗ تامت روزِ سہ
کمیٚ یہ دس کوٚر جیٖر کٔنی گوٗر اہرہ گونڈ   رات دوہ یُس یوٗت ژالُن زیٹھ گَہ

کمیٚ سہ اَتھ نِش کوٚر کٔنِن بیٚہِتھ اعتبار
یاوٕ چھُن گژھِتھ اہرہ بل کیُتھ آبشار

یٔمی حلیمی ناگہ جوٗرین یادٕہ کرٕ   یٔمی گُلن شبنم ڈٔکس زٔن موٗختہ چھو
تریش یٔمی چامٕرٕ چھ کونسر ناگہ ژٔر   یٔمی سمندر سانہ باپتھ نِندرہ سو

اہرہ اسے چھاونتہ چونے ووشہ کھار
یاوٕ چھُن گژھِتھ اہرہ بل کیُتھ آبشار

پہ وہ تلۍ وُچھ آفتابن چون رُخ    چاۓ ژٕنگی گے تس تہٕ ستوسے رنگ نُنز

گاش ووندنے یام ڈیوٗنٹھن چون معکھ    آبہٕ قطرن پھانہٕ نیٚ دُرداہٕ چھُنز

ہوو کنڈیکُ آب کمۍ چھُنہٕ موختہٕ ہار

یاد چھُن گژھ اہرہٕ بل کیتھ آبشار

رات دوہ اے اہرہٕ بل چھُک درسفر    زانہہ ژیہ ٹھک کدانکُ گژھن ما چھےٚ خیال

آو ما ہتھ کاںٔسہ چونے شور و شر    اُٹھی چھیا اَضی ژیہ جنگل کوہ تہٕ بال؟

ونتہٕ گوٗناہ کال دوتے بیقرار

یاد چھُن گژھ اہرہٕ بل کیتھ آبشار

ناظرا! ادہٕ کیاہ ژیہ بوزنہٕ زانہہ مرا    کوہ تہٕ چھی جنگل تہٕ چھی دیوانہٕ مائنۍ

زیر و بم ہیتھ چھُس ہیمن سازندرا    چھی ہمہ اُشہ وانہ برمتھ بانہٕ میاںٔنۍ

سوز و سازکۍ مُتھ چھ آدن باجہ یار

یاد چھُن گژھ اہرہٕ بل کیتھ آبشار

ونتہٕ کھوتہٕ للوان کُس چھُم دمبدم    زندہٕ چھُس بالن کوہن ہند شیرہٕ ہیتھ

گُلۍ چھ مُرزن یام زُلفن پیچ و خم    ڈالہٕ واتن وادہٕ رنگ خوشبوے ہیتھ

عاشقن کاںٔسن لگُ سورُے غبار

یاد چھُن گژھ اہرہٕ بل کیتھ آبشار

کھنٛدٕ باپتھ چھُک گومُت دیوانہٕ زَن    یاوَن مارَن چھُک تَنٕۍ کٔلۍ چھاوَن پلَن
دادٕ کمۍ سنٛدٕ چھُک وۄنہٕ س راتس دۄن    اوٗش کنہٕ تامتھ زٕ پہ کنۍ وُچھ وُچھ وسن

میون ما مانگھ بہٕ دٔپہٕ ہے اوٗش ہار
یاوُچھن گژھ اہرٕ بل کیُتھ آبشار

ویرٕ چانے دژایہ سالَس سالہٕ مۄتۍ    پرہیتھ اَکِس گوٚو چانہٕ دیدارُک ہوٚس
پایدل کینہہ موٹرن کینہہ گاڑٕ کھتۍ    سات کھنٛڈ روٚخصت کرن دادِس غمس

گَے شرابَس تشنہ لب وۄمیدوار
یاوُچھن گژھ اہرٕ بل کیُتھ آبشار

شکل و صورت چانٛۍ چھم سیدٕن عیان    مس پریشان زنتہٕ جنتچ حوٗر ہش
مُشکہٕ صابن زن ملان روٗسہٕ پتن چھلان    انہرش شاہ بند رازٕنۍ کوٗرٕ ہش

کیٚتۍ عاشق چانٛۍ حُسنن کٔرۍ شکار
یاوُچھن گژھ اہرٕ بل کیُتھ آبشار

خوبصورت چھُک تہٕ قدرچ شوٗب چھُک    غمزدن ہنز چھُک کرن ژٕ ہی دلبری
لولہٕ بیمارن ژٕ کاسن لوٗب چھُک    زندٕ بقاوھتہٕ میانہٕ وطنچ افسری

ناظرن کڈۍ چانہٕ حُسنکۍ اشتہار
یاوُچھن گژھ اہرٕ بل کیُتھ آبشار

نند لال امبار دار

# سحرتہ تنہا شاعر

مہ کرٕن اشارہ کاتھہ مہ تُلن بہار نندرے ‎ مہ سحرٕن زِ وِتھ وِتھ وِتھ جویبار نندرے
یہ کُنےٚ زٕتےٚ میہ اندی اندی وُچھ سوز زندگی ہُند ‎ پوٚت زوٚن یہ پوشن ولن تُلہ لولہ نار نندرے
چھُ نوٗدے جہان منز ڈک گلن تہ دیدر ینی ہُند ‎ یہ سرود بوز چمن وُچھ لالہ زار نندرے
یہ کسہ نیا سنن چھم میہ رگن اندر بین منز ‎ چھُ قرار دِل انن کاتھہ لوٗگ بنیار نندرے
چھُ در وٗدی مسجدن منز وُتھی گرہ دوارہ گرنھی ‎ وٕزہ شنکھ یہ ہمنو تُلی۔ ون کمہ تہ نار نندرے
چھُ امس خمار چشمن منز نندرہ سوندرا اس ‎ وِتھ شیشہ وُچھنہ حسنک رخ تا ہدار نندرے
میہ تصور اہ دِلس منز میہ خیال چون شونگمت ‎ میہ یہ لول چون لوٗت لوٗت تہ وارہ وارہ نندرے
یہ نیبرہ چھُ وز ملاہیو چھُ اندرہ یہ ہانکلاہ ہیو ‎ یہ گوہ لا بہ کےٚ دلاہ ہیو وِتھ گرم نار نندرے
میہ دِنیک سہ شمع صدین لیس گاش روزہ ہاون ‎ یہ وٗدن سہ نغمہ سینن یہ تُلن سہ نار نندرے

نہ کیا زہ چھک زہ تنہا یہ خیال کمہ زیہ دِتنے
زہ وٗچھک زیہ سینہ سحرن تُلی جانہ وار نندرے

# ٹیگور

تمیٚ اَمارس کائیناتس زائِلِ دِتی مستانہٕ پاٹھی

تابہٕ ترٛاوِس رُوٗدٕ شرٛائین منزٕ اُچھو تمیٚ یار وُچھ

تمیٚ سوٗ مہرٕ کم مومِن ہِندی راوِہتی موصم خیال

ہے سہ وُچھ اڈوِی مگر تمیٚ کیتھ کنن سمسار وُچھ

کائنسہِ جیو علمک سُدرس بوٗ وُسہ تورے زن وُزان

باگرُن واراہ نوَے ُبنہٕ راَتہٕ لادن رُوٗزِ ہیٚر

میانیٚ تصوِی آلوٕ تمن تہندین خیالن آلہِ وُتھ

واوہٕ گرائن منز یِموٕ زن تار لوٗب دِلدار وُچھ

یاسمن کشمیری

# اوزرِدہ دِل

وسان کوتا، نژوٗ چھک پننس وقارس
بہٕ کیاہ تکہٕ موج چانِس نوٚ بہارس
جوانی جوش آسِتھ ہوش روٗدم
بجر باسیوم دفہٕ دُر ژام دیوہ دارس
تمٕس کیاہ غم یمِس پھوٗلمُت دلک باغ
مےٚ جگرس داغ گومُت ماگھ ہارس
بہٕ ہیہ مال وٗنی دِوان چھس ناگرائس
شہ پیپہٕ ہے میتہٕ رنیہ ہے شالہٕ مارس
مےٚ عشقن نال ووٚل زن کالہٕ شہمارس
سیٹھاہ ٹالیوم دِژایم نرہٕ نارس
دِلی دُشمن مےٚ اوس یتھ سادہ یارس
رملےٚ مازاشہ مےٚ گرہِ ہے سیتی یارس

اُسُن گِندُن چھُہ رِندَن زندگی مَنز
مَرِت مرتب ہُران پیچھے زاۓ وِ حارس

چھُہ سیداں چشمہ مُنزرِت حال روشن
کران بندگی چھُہ بُلی کُمنہہ اندکارس

گژھاں گانگل مَنس منز سادہٕ مُنشن
وَسان تیپہٕ ریشہٕ تہٕ بعہٕن اَتہٕ شِہہ جارس

رنگس منز یاسمن بے رنگ چھُہ پھولمُت
یہِ ننگ کَس نوبہارس لالہ زارس

# مضمون





اوتار کرشن رہبر

# گُل ریز

## کاشرِ ادبٕچ لازوال مثنوی ـــــــ اکھ تنقیدی نظر

ییٚمُن ختم سخن الحمدُ للہ
پَرن والین چھُ حق للہ فی اللہ

گناہن مغفرت منگُن ز غفّار
پَرن والین بحقِ ایں گنہگار

سنہ بہ شت شیہ پیٹھ شیتن برابر ۱۲۸۶ھ
بہارس منز یہ نسخہ ووت تا سر

۲۴۲۷

چھ ژوٗرہ شت ستوٗرہ بیت تعداد ....

(گُل ریز ـــ دربیانِ خاتمہ میگوید)

لل دَید تہٕ شیخ نورُ الدین صابنٕ واکھ، حبہ خوتونہٕ، اَرنہ مال، محمود گامینی تہٕ رسول میرنٕ وژن۔ پرمانندنہ لیلایہ چھ کاشرس ادبس منز اکھ تھود تہٕ معتبر درجہ تھاوان۔ اکھ ییتھے تھوٚد پوٚد تہٕ درجہ چھ مقبول شاہ کرالہٕ وارِی سٕنٕز "گُل ریز" تہٕ تھاوان۔ "گُل ریز" چھ اکھ مثنوی ہیٚمچ حیثیت کاشرِس ادبس منز سوٗے یوٚہ سہ اُردو ادبس منز میر حسنٕ سٕنٕز مثنوی "سحرالبیان" تھاوان چھ۔ یہ مقام، یہ درجہ تہٕ یہ برابری چھنہٕ موٗلے اوہٕ کنہ۔ زہ دوٚہ شورٕ مثنوین چھُ پانہٕ وٲنی کانہہ ہشر یا پلاٹ یا بیانکہٕ لحاظہ کانہہ واٹھ۔ کتھ چھ یہ زہ اَمہ پتہٕ چھنہٕ کاشرس ادبس منز بیٚیہ کانہہ مثنوی لیکھنہ آمٕژ۔

مثنوی "گُل ریز" ہُند قِصہ چھُ اَکھ پرٛون جاے ہنزا کھ لوک کتھ (Folk Tale) وَنہٕ چھُ یِوان یہ قِصہ اوس ضیاؔ بخشبی نادٕر اَکہِ شاعرَن فارسی زبٲنی منٛز گنٛڈِتھ لیوکھمُت، مقبول شاہ سیٚدِی یہِ پرِت سیٚٹھاہ متاثر۔ تِمو نیوٗ یہ ہے قِصہ، نادِھٲوِ کِ رِہمے تہٕ عام مثنوین ہندی پأٹھی کوٚر تِکھ اَہمیک گنٛڈنہٕ مداح رعہ سیٚتیٚ شروع ۔

سرم بادا نثارِ چار یارس | فدائے آل و اصحاب کبار رضؓ
چھُ سردارِ جہاں سلطانِ شاہاں | جناب قطب عالم حمزہ سلطانؒ
زِ بیی یُس تَس مُدا حاجت روا چھُے | بدر دِ دل دوادادُس شفا چھےٚ

مثنوی ہُند قِصہ چھُنہٕ تِہُنت زیادہ نُندہ بون تہٕ معولہ دُن یُوت مقبول شاہن فن۔ مقبول شاہن کرِہ پنہٕ فنہٕ سیٚتیٚ اَکھ مثنوی منٛز تِمہِ ادبی تہٕ فنی خوٗبیہ پأدٕ زِ یہ بنے یہ اَکھ پوشہٕ وٕرِی، یُس رُوح تہٕ لازوال مثنوی، تِمو بوٗزِ اَکھ منٛز شہ شیرہ شہ رُس ہتہ شہ میچھر یُس اَکس اصل غارٕ معمولی تخلیقہٕ منٛز تہٕ چھُنہٕ آسان ۔ یہ بنے یہ کأشرِس ادبس منٛز ہمیشہ بہارکِ پأٹھی پوشہٕ وٕرِی تہٕ پُرنوٗر اَکھ تاکِ پأٹھی پرِہ لوٗنی مثنوی۔ مقبول شاہن کوٗر ضرورتہٕ موجب زیٹھس بیانس ژھمہ حر ۔۔۔ گاہے اَمہِ مثنوی منٛز مقبول شاہُن فن پیہ کڈنہٕ یہِ روزِ نہٕ کہینی بلکہ اَکھ باغ ہِہ بُنہیر کتھ منٛز نہٕ آب باسہ نہٕ تاب نہٕ رنگ باسہ نہٕ مُشک۔ حامدی کأشِرِی چھِ پننہِ بوحقانہٕ "مقبول شاہ کرالہ واری" منٛز اَکھی کتھ یِمن لفظن منٛز وٕرژھ ناوان ۔۔۔

"مقبول شاہن اوس فارسی زبٲنی منٛز لیکھہ پٔر کرمُت۔ ضیاؔ بخشی نہٕ گُل ریزہ تمبہٕ لوو اَو ہندِ دل زیادے پیٚہن۔ تِمہٕ وٕڑل قِصس کأشرِ زبٲنی ہُند جامہ ۔ تِموٕ بوٗر پننیو فن کارانہ کوٗڈرو (صلاحیتو) سیٚتیٚ اَکھ رنگ ۔ یتھ منٛز لوب ہنٛزِ شخصیت ہنٛزِ جاذبیت تہٕ طاقتن یتھ حدس تام زِ یہ

بنے یہ تمن پننی تخلیق تہٕ اصلس سیٹھا رُود اَمیک تیوٗتے
واتھ یوٗت شیکسپیئرٕ نین ڈراماہن ہیٖلن شیڈٕ نین کنہٕ کنہٕ
سیٖنی چھہٕ .....؛

یہ وَنُن چھُ پیٚوان "گل ریز" تھاو مقبول شاہن زندٕ مگر یہ وَنُن چھُنہٕ ٹھیک زِ "گل ریزٕ" کیاہ تھؤو مقبول شاہ زندہ۔ مقبول شاہنٕ کارنامہ چھہٕ واریاہ، مثالے بہار نامہ عیوب نامہ، پیر نامہ، گریسی نامہ تہٕ کُلیاتِ مقبول یُس سہ عبدالاحد آزادن مرتب کرٕ۔ یمن سارنی کارنامن منز چھُ گریسی نامہ" اکھ سیٹھاہ ٹھزٕ اہمیت تھاوان۔ مقام افسوس چھُ ازتام دِژ نہٕ اتھ کُن کانٛسہ تن، امہ چہ ادبی تہٕ فنی خوٗبیہ روزٕ گنٛز رنے۔ "گریسی نامہ" چھُ اکھ ہزلُو (Satire) سُہ ہزل تہٕ مذاکھ انداز تہٕ وطیرٕ یُس اکھ منز موجود چھُ۔ سُہ چھُ سانٛس ادبس منز کم تہٕ غائب۔ یتھ کارنامس پیٚٹھ زیادہ بوز شوژ کرٕنی چھُنہٕ جایز مگر یہ وَننہٕ روٗس تہٕ چھُنہٕ چارٕ۔ یہ اکھ مختصر کارنامہ چھُ مقبول شاہس زندٕ تھاونہٕ خاطرٕ کافی۔ مۆلہ تکہٕ چھُ کتھ یہ "گل ریز" ہندی عوامس منز سیٹھاہ نام ٹھٕ تہٕ مقبول آسنچ کُور یہ "ہجو" پانس تل یتھ پاٹھی میر حسنہٕ سنزٕ مثنوی تہنزٕ بختہٕ غزل گوی پیٚٹھ بہہ لُونہٕ تھاو۔

"گل ریز" چھُ کاشرین ہندین ذہنس منز راتچہ حسین کتھ ہندی پاٹھی موجود۔ گامکین ہندین ذہنن منز زبادے یہن۔ گامی باغی چھُ آسان کھاہن منز، ڈورین منز تہالی کران۔ گلہن ژوٗر دوان، تھل رُوان، نندہ کران، ڈارن منز راچھ کران، فرصتس منز لولہٕ ہٹہ ہور تُلتھ اکس اکس شارس وکھنے کران، تیٚمچہ تارہ ژاٹن آسان ؎

ویسیے گُلن آے بہار  از سالہ اَنتن بالہٕ یار
ولہ ڈلی انو پھلی لالہ زار  از سالہ اَنتن بالہٕ یار

یا

گگرو یہ کوٗر لتھم بُلبُلس دِل دیوانہ تے
مسہ خارٕ چانے یارٕ گوٚو دِل جانانہ تے

مقبول شاہن چھُ لفظن ہُند استعمال سیٹھاہ ہُشیاری سان کوٚرمُت۔ تحقیقن بحرن ہُند استعمال چھُن کوٚرمُت یِم موسیقی برُت چھِ۔ یران یرائی چھِ لفظ سنطور تہٕ رباب پانٹھۍ اکھ مدٕ آواز پادٕ کران۔ اکھ اکھ شار چھُ دِلس تھتھٕ پانٹھۍ وسِت گژھان۔ وٲرِنجم چھ اکھ حسین سرہہٕ ہیوٗ ہیوان۔ بدنس چھ ییٚہے کھٚۓ ہش رٹان ؎

دوٗرٕ چھی دوٗرن دُردانہٕ لالٲنی      چھم کراو گُلنیٚ ہاو دیدار ....

گلاب رویس گمہٕ چھیٚ ڈٲلٲنی      شبنم یُتھ ڈلہ برٕ گُلنار ...

دِل تازٕ کوٚرنم اکی کاکلٲنی      چھی زُلف مُشکین سیہ مار

کوٚت زٕلہ یِم مار نال یِس وٲلٲنی      چھم کراو گُلنی ہاو دیدار

یوٚتام مثنوی ہندٕ ہیتُک ( Form ) واٹھ چھُ۔ مقبول شاہن چھُ پرانین فارسی مثنوین ہُند ساکھ تہٕ آیہ نظرٕ تفاوت اکھُک راد پوٗرمُت۔ مثنوی چھ واریاہن حصن منز باگرینہٕ آمژ تہٕ اکھ اکھ حصہٕ اندواتہٕ ناوان۔ چھُ مقبول پننین فن کارن کرٕنی ڈالان، مطلب ( Finishing touch ) دوان۔ آخرس چھ تمام خلقن ہندِس حقس منز تہٕ پننہِ عاقبت وِتہٕ اننہٕ خاطرٕ دعا منگان۔

"گُل ریز" چھ ہٕنہٕ کھٕ تہٕ کم صفن پیٹھ جاۓ رٔٹِت۔ امیُک قصہٕ چھُ اکھ خاص عشقیہ قصہٕ یمکی ییمز دوٚنہِ وٲلی کردار چھ نوش لب، عجب ملک، معصوم شاہ تہٕ ناز مست۔ یمو علاوہ چھ طیفور شاہ (معصوم شاہن مول) شاہ بہگرٕ (عجب ملکن مول) سپہ سالار (ناز مست ہُند مول) نوش لب ہنز موج، راسخ (عجب ملکُن دوس) تہٕ عنفر "گُل ریزُک جن" کینہہ ضروری کردار۔ یِم اصلی ژوٚن کردارن چھ لکس تہٕ پھیٚنس منز اکھ روٚٹ کران چھ۔ بییہ تہٕ چھُ کردارن ہُند اکھ لوکُٹ موکٕ ہجوم، مسکین، رازہ، گیون وٲلی درویش صفت انسان، حکیم ہتٕرِ مثنوی ہندِ کنویس پیٹھ گذران۔ مثنوی منز چھ بییہ دُنیہکۍ کردار مطلب یری دیہ جن تہٕ تھتھٕ پانٹھۍ موجود زِن تہٕ تم چھ اکس خاص انسانی

جمائژ ہنر نمایندگی کران ۔ مۆل چھُ یہِ قصہٕ تتھہٕ پأٹھۍ ووننہٕ آمُت ، ژھنَن ، پرٕین تہٕ دیٖوَن ہندہٕ ذریعہ چھہِ انسانَن ہنز نفسیات مُشکل تہٕ دُشوأری روٗس بیان آمژ کرنہٕ ۔

مثنوی ہُند قصہٕ چھُ یہِ ۔ " مالک طیفور شاہ چھُ اکھ نیک دِل ، علم دوس تہٕ غریب دوس بادشاہ آسان ، لُکھ چھہِ آسان اَمی سیٹھاہ خوش خوشحال تہٕ آسودہٕ حال ۔ بادشاہ تہٕ چھُ یتھہٕ پأٹھۍ خوش آسان ، مگر اکھ کتھ چھُ تس تہٕ تہندس عوامس بنگہٕ زِ کرمژ آسان ' بادشاہس چھنہٕ کانہہ شُراہ کوٚٹاہ آسان ، سُہ چھُ ہمیشہ اَمی امارن پوٚوُمت آسان ، بادشاہ تہٕ رعیت چھہِ اَکھہٕ تُلۍ تُلۍ خدایس زارہٕ پارہٕ کران منگان آسان تہُند یہِ مُراد ان باعمل ۔ دٔیان اوٚ ہند دُعا گوٚو پوٗر ۔ تس زاو اکھ شکیل تہٕ حسین لٔڑکہٕ ۔ لٔڑکس اوس تیوٗت شکلہٕ یوٗسُف زَن تہٕ گٔٹہٕ منز اوس ژٔندرہٕ زووتان ۔ تس آو معصوم شاہ ناو تھاونہٕ ۔ معصوم شاہ آو خونِ جگرٕ سیتۍ رٔچھنہٕ ۔ بیترٕ تہٕ برونٹھ آس وُچھنہٕ ۔ لوکچارہٕ پیٹھے آو پریتھ کُنہٕ علمس تہٕ فنَس سیتۍ واقف کرنہٕ ۔ دٔیان نابالغی منزی ژھنہٕ اَمی سأری علم چیتھ ۔ سأرنی فنَن سیتۍ گوٚو خبردار ۔ یوٚتے نہٕ ۔

سیٚتھن ماہر بہ علم آسمانی ۔ نموده کشف اسرار جہانی
بہ ہر فن در ہنرمندی سیٚتھن طاق ۔ بدانائی سُہ گوٚو مشہور آفاق
بہ علم پہلوانی گوٚو قوی دست ۔ سیٚتھن در ہر ہنرمندی سُہ سرمست

معصوم شاہ بٔلیہ ووہ ڈاہ [۱۴] وُہُر سۅُد ۔ تہنزہٕ شکلہٕ لوٚب اکھ نوٚو بہار ۔ یاونس لوٚگ جوش ۔ دٔیان سُہ گوٚو تیوٗت شکیل ، ،

گلابن جامہٕ کرُم ڈیشت سُہ رشوخ چاک

وُچھت تم وُٹھ ووہ زٕلی یوٚو لالہٕ در خاک

معصوم شاہ لوٚگ عام شہزادن ہندی پأٹھۍ رنگین مجلسن منز شریک سپدنہٕ ۔ چنگ ، ستارہ ، سنطور ، ربابُک مۆل گیوٚنُک سۅُد سیٹھاہ شوقین ۔ دوہے آسہٕ

پرٛژھ مجلِس لگان ۔ دٔپان دوہہ اکہ بیٹھِ معصوٗم شاہ اوس یتھی اَکِس مجلسہ منٛز بیٹھ تس گوو اکھ خوشرنگ جانوار اوارہ وربنیٹھی ۔ معصوٗم شاہس کوٚر یہ جانوار سیٹھاہ خوش دِلس منٛز ووٚتھس یتھے دگ ہش ۔ سُہ گوو بیقرار ہیوٚ ۔ تمۍ اَنہٕ نوو یہ جانوار رٔٹِت ۔ معصوم شاہ گوو حأران ییٚلہِ تمۍ وُچھ یہ جانوار کیتھہٕ کران ۔ معصوٗم شاہ گوو شکن نہٕ خبر کیاہ دلیل چھہ ۔ خبر کمۍ تام چیزن چھُہ یہ جانوار مصیبتس تہٕ گیرِس منٛز ووٚلمُت ۔ سیٹھاہ زارٕ پارٕ کوٚرنس زِ سُہ وٕنِن تس پنُن دوہکھ تہٕ دود ، لوگ یہ جانوار وننہٕ ۔

جانوارن ووٚن تس چھُہ ناو نوشِ لب ۔ سو چھےٚ شاہ پری ہنٛز کوٗر ۔ تہندِ روز نیچ جاے چھےٚ بیت الامان تہٕ تہندِس مالِس چھُہ مشہور شاہ ناو ۔ نوشِ لب کیتھہٕ پأٹھۍ بنےٚ یہ جانوار ؟ سو لیجہ اکھ پرٛوردِ عشقچ دلیل بوزٕ ناونہٕ ۔ دٔپان ترٛکستانک بادشاہ شاہ بہگرو اوس سیٹھاہ جان تہٕ غریب دوس بادشاہ ۔ مُلکس منٛز اوس امن تہٕ آرام ۔ لُکھ اُسی راضی تہٕ خوشحال ۔ اُمسی زاو اکھ شکیل تہٕ حسین لڑکا یس عجب ملک ناو تھاونہٕ آو ۔ عجب ملک ییٚلہِ بوڈ گوو کمۍ تام پیر بزرگ انسانن کوٚر سُہ نوشِ لب ہندِس حُسنس سیتی واقف ۔ زبأنۍ زبأنۍ تعریف بوزأنی گوو سُہ نوشِ لب پیٹھ عاشق ۔ جانوار گوو وَنان "سُہ گوو میانہٕ دیدارٕ موکھہ گیرتہٕ بے قرار ۔ بوزٕو یوت گوو سُہ اَمہ غمہٕ زِنہٕ دادہ سیتی علیل تہٕ بیمار بادشاہ سپُد حأران تہٕ پریشان ۔ حکیم آیہ بلاونہٕ ۔ سارِوی کرۍ پننہ تبر خألی ۔ عجب ملک گوو نہٕ کُنہِ رنگہ ٹھیک ۔ آخر سپُد اکھ قأبل تہٕ دوٗر نظر حکیم اَہندِس دادِس واقف تمۍ ووٚن شاہس عجب ملک چھُہ نوٗزک بیمارہ "عشقس" منٛز ولِنہٕ آمُت ۔ شاہ بہگرون سوٗز پنُن اکھ وزیر عجب ملکس نِش یہ راز معلوم کرنہٕ ۔ اَمہ کیتھہٕ ہُند لیے پتاہ کڈُنہٕ یہ پری کوٚ سہ چھےٚ یمہٕ تس جود کوٚرمُت چھُہ ؟ وزیرن ییٚلہِ خیأ لی عشقچ کتھ بوٗز ۔ سُہ آو عأجز ۔ گژھے تہٕ گژھِ کوت اَسے تہٕ اَنہٕ کتہٕ ۔ سو پری یمہِ سٕہ عجب ملکس حاجت چھُہ ، تہنٛزن اَچھن منٛز بسیمژ چھےٚ تہندِس دِلس پیٹھ حکمران چھےٚ ۔ تمۍ کیٚر کیمژ کوٗشش عجب ملک گوژھ خیأ لی پری ہند

خیال ترٲوِن ـ سیٹھاہ ژال تال وۄننس ـ دۄپنس ؎

دۄباره شہزادس دۄپ وزیرن    چھُہ کرشایان شاہَن تہ امیرن

زنانن ہُند رٹُن دردِل محبت    کنُو بوزُن گرُٹھن برباد تھۄ پتھ

وفادارٕی زنانے چھُنہٕ پیشہ    جفاکارٕی تہنز خصلت ہمیشہ

وزیرن بوزہٕ نوِ تہ حضرت عیسےٰ ابنِ مریم سُنز دلیل زہ کتھہ پانٹھی اُکس عاشقہ سُنز بیقرارٕی، پریشانی تہ دلہ زارٕی وُچھیت کرٕ تمی تہنز محبوبہ قبرہ منزہ کڈِتھ زندہ مگر یہے زنانہ سپز اکس بادشاہ بندس محبتس منز گرفتار ـ تہ مرد تروون پریشان تہ لاچار یُس تہندس ہجرس منز چھیہ رہ چھیہ رہ کران اوس ـ عجب ملکس اوس چونکہ عشقُن تیر کارگر گۄمُت تہ لوُگ تس عشق و عاشقی ہندی گیوُن گیونہ ـ تس ییوہ نہ وزیرہ نین کتھن ہُند کانہہ اثر ـ وزیر گوو کیتھ نام ہیو ـ تہ آو اکتھہٕ موُران تہ دوونُن یہ سورُے قصہ شاہ بہگروس بادشاہ گوو گیر ـ ساری گیہ گیر ـ مو خضر عجب ملک دراو پنُن دوہہ بوہی راسخ ہیتھ اُمس پری ژھارنہ ـ یمی تہندس دِلس تھتھرائے تجُرٕ ٲس ـ عجب ملکن تہ راسخن ژھنجہ سارے وَتہ ، سارے جایہ ، خشکی تہ تری ، مگر نوش لبُ ہُند نیب دراکھ نہ کُنہ ـ بچارن قسمہ قسمہٕ دُشواریو تہ سختیو تہ ہووُکھ تُبھ ـ مگر یہے دراکھ نہ کانہہ ـ تمہ گیہ برونٹھ برونٹھ پکان اَتھی ژھارتہ پریشانی منز پیلہ تم اکہ دوہہ دری یاوٕی سفر اٲسی کران تہنز ناو پھٹ ـ سورُے مال و اسباب گوو کولہ ـ عجب ملک بچوو اکھن پچھہ کھ دوان ـ تُرٹھ دوس راسخ تہ گوس اکتھ ـ عجب ملک گوو گیر تہ پریشان ؎

پیوان برخاکِ راہ از ناتوانی    کھیوان افسوس برجان و جوانی

دِوان فریاد عشقس مارہ کورتھس    پرٲمس ماجہ نش آوارہ کورتھس

تہ راسخ گوم کوت یُس یار اوسُم    سرَن محرم غمَن غمخوار اوسُم

بچارہ لبہ چھہ ہیوت، تھو کمُت نہ ژھیونمُت عجب ملک ووت اکِس

وٲرانس منز۔ نہ اوس کُنہِ کلانہٕ کوٗتاہ نہ انسانہ نہ جاروٗیاہ۔ نہ اوس زن کُنہِ نہ زانہٕ پتھن۔ آخر آو تس دوٗرہ اکھ محل خانہ بوزنہٕ، سُہ سیٚدیوو اوٗری۔ یِیلہِ سُہ اندر ژاو تمیٚ وُچھ اکھ حسین تہٕ خوش شکل پرٛی یاہ اَتہٕ۔ سُہ گو تس وُچھت سیٹھاہ حیران۔ پتہٕ ژھ گاٹرکرتھ تمیوس یہ چھہ عنفرن اکی جِنن ییتہٕ زبردستی بند کٔرمژ تس چھُ ناو نازمست۔ تہٕندِس مٲلِس چھُ سپہ سالار ناو یُس بحرینُک بادشاہ چھُ۔ عجب ملکن تہٕ ویٚنی تس ہٮ۪نزِ دلیل۔ ییتھ پیٹھ نازمست تہٕ ووٚنُس نوش لب چھ تہٕہنز دپس۔ تمہٕ چھ یکہٕ ٹھ بڑہمژ۔ عجب ملک گو رٕتیوٗت خوش حابہٕ چھپنہٕ۔ تس اندر زن آو اکھ روومُت طاقت ییٚمہٕ وایس۔ تمیٚ مور ہینہِ اکہٕ تیرہٕ سیتی جن۔ نازمست تہٕ عجب ملک یِیلہِ بحرین واتی۔ سال تہٕ سپہ آیہ دِنہٕ۔ سپہ سالار سپُد خوش۔ عجب ملک سپُد شادی یِیلہِ تمیٚ وُچھ راسخ اَتہٕ۔ راسخ اوس اوس اکھ غلام اَتہٕ بنیوٚمُت۔ موخصر نوش لب تہٕ عجب ملکس سپُد ملاقات تم سپدی اکھ اکی سندِس محبتس منز گرفتار۔ مگر یِیلہِ نوش لب ہنز ماجہ یہ دلیل بوز زہ یری ذات چھ اکِس آدم ذاتس سیتی محبت کران۔ سوٚ گیہ شرارہٕ تہٕ سیتی پاگل۔ تمہٕ دِیت نہٕ لبہٕ ہیعہ کتھ تہٕ سوٚ بنیہ اکھ وُڈوٗن جاناوار ....."

یِیلہِ معصوم شاہن یہ عجیب تہٕ پُر درد کتھ بوٗز، تس آو غارت۔ تمیٚ زنو یہ جاناوار سیتی تہٕ ووت بیت الامان ییٚنہِ شاہ پری روزان اُس۔ نوش لبہ ہنز موج اُس کینژھاہ ییٚنہِ غلطی پیٹھ شرمندہ۔ کینژھا ڈنبی داٗدی گیر کٔرمژ۔ نوش لبہ ہند اوسُس سخ لول آمُت۔ یِیلہِ تمیٚ معصوم شاہنہٕ زیوٚہ یہ بوٗز سوٚ چھ تس سیتی آمژ تس مُغنیہ بوٚہ کرٕ۔ نوش لبہ میوٗل ییٚمہِ ہنزِ حُسن، پنیٚنی پرٲنی شکل۔ برابر وُہہ وُہری ہنزِ میچہ ماجہ کورہٕ اکھ اکِس سیتی کرٕکھ نالہٕ مَتی۔ نوش لبہ ہنز موج گیہ معصوم شاہس پیٹھ حدہٕ روٚس خوش تہٕ تمیٚ کور معصوم شاہس پنُن زامتر بننُک درخواست۔ معصوم شاہ اوس چونکہ ساریٚ سی قصس سیتی واقف۔ تمیٚ کڈہٕ نوو عجب ملکہ سُندی پیٚ۔ سُہ آو نازمست نِش اتہٕ ناونہٕ

معصوم شاہ ، نوش لب آیہ ناز مست ہند گھرِ ۔ اتہ سید معصوم شاہ ناز مست ہندس
عشقس منز گرفتار ۔ مو خصر دوہ شوپی سید نیتھر تمن آیہ لاگنہ ملہ وٗن کرنہ ۔ نوش لب تہٕ ناز
مست بیٹھی پننین پننین ملکن منز ۔"

یہ وَنن زِہ مقبول شاہن بیچھ گل ریز الہ غایب چھُ بلکل غلط ۔ یہ اوس سُہ
وَکھ ، سُہ دورییمی مقبول شاہ قلم تُلنس پیٹھ مجبور کور ۔ یہ کام باکل اُننس پیٹھ آمادہ کور
مقبول شاہ چھُہ ۱۲۴۲ھ سنہ یعنی ۱۸۲۰ء ہس منز زامت ۔ یہ چھُ سُہ وَکھ ییلہ کشیر سِکھن
ہندِس قبضس منز اُس ۔ یہ وَکھ چھُ کشیرِ ہندِ تاریخہ منز اکھ سٹھاہ خراب تہٕ ذلیل
وَکھ مانہ یوان ۔ غریبی ، مُفلسی ، ابتری ، ظُلمن تہٕ جبرن اوس ژھوہ پارِ اُس وہرو وُمت
مقبول شاہن وُچھ یہ سورُے پننیو اچھو ۔ سِکھن بروٗنٹھ تہٕ اَسہ بہٕ حالات جان
رُود متھ ۔ ہوا اس اوس بروٗنٹھے رُخ بدلیومُت ۔ فضا ہس اُس بروٗنٹھی گژاے لگمٕژ
پٹھانو تہٕ افغانو اُس بہٕ ظُلمس تہٕ جبرس منز کانہہ پرہ گی باقی تھاوِمژ ۔ فرانسیسی سفیر برنیر
چھُہ اَمہ وقتچ تباہی یمن لفظن منز باوان :-

" People were reduced such destitution that robbed of their hearts and homes, they had to lie on the bearground under the open sky ...."

سِکھن ہندِس وقتس منز گیہ حالات بیییہ تہٕ ہنا پتھ ۔ لُکھ اُسی بےٚ طاقت
تہٕ ڈیٹھ ، کم ہمت تہٕ شُس گامتی ۔ حالاتن پننین نزین ہندِ زورِ تبدیل کرنک اوس
نہ سوالے ، لوکن اُس اکھ وتھ صرف اکھ وتھ یمہ سیتی تمہ بینہ نُس پانس اَمہ تبالہ
منزہ کڈتھ ہیکہ ہن ۔ سُہ اوس موت اکھ اندر کوٗر خدا ین لوکن اکھ رُوٹ ۔ ۱۸۲۷ سنہ ہس

مُشنہٕ آو اکھ وُگرٕ بُنِیل ۔ بُنلہِ پتہٕ روٗد وہلہ وباہ ۔ اَمہِ پتہٕ روٗد ۱۸۳۱ء ہس منٛز اکھ وُلنہٕ دزاگ ۔ تہٕ اَمہِ پتہٕ آو اکھ کھوٚ وایہٕ سَہلاب ۔ مورٕخ دیان مُلکچ ترٕپہٕ حصہ آبادی گیہِ مرِتھ ۔ ۱۸۴۶ء ہس منٛز لیج کشیر ڈوگرن ہندِین اَتھن منٛز ۔ اَتھ اندر لوٚب جاگیرداری زُرہنا بجر ۔ گرٛیس تہٕ مزدور گییہ زیادٕہ خراب ۔ یمَن حالاتَن منٛز بیٚیلہِ تہٕ حکومتس خلاف کاشہٕ نعرٕ گومُنگ وارٕ اوس بیٚیلہِ تہٕ یتھی خیال باوٕنکی وار اوس سے

چھُہ گوٚمُت تیٚلی مقرر زندگی ہُند رنگ بدلاوُن

وٕنی گوٚو دُسلابہِ دُسلابس چھُہ لازِم انقلاب آسُن

دوٚیمِین زبانَن ہندِ ادبکہِ پاٚٹھی "تصوّف" تہٕ "رُومانیت" آیہِ بارسَس تصوّف اوس بروٚنہہ پیٹھے شروع گوٚمُت ۔ شت کنٹھ، لل دیدٕ، شیخ نورالدین، بابا نصرالدین چھِہ خاص ناو یمو یہِ شروع کوٚرمُت اوس ۔ اَمہِ پتہٕ لوٚب اُمی شاہ غفور، سوٚچھ کرال، نعمہ صاحب، پرمانند، شمس فقیر تہٕ دوٚیمِین شاعرن ہندِ اَتھہِ یاوُن ۔ رُومانیت تہٕ اُس اَمہِ بروٚنہہ شروع گامٕژ، یہِ گیہِ حبہ خوتونہٕ ہندِ پیٹھٕ اکھ غیر شعوری تحریک ہِشِس پادٕہ ییٚنہِ لوٚب اُمی اَرنہِ مال، محمود گامی، رسول میر تہٕ مقبول شاہ نہٕ اَتھہِ زوٗ ۔ مقبول شاہ نِس وقتس منٛز چونکہ تصوّفن اوس خلقَن پیٹھ اکھ خاص اثر تروٗومُت ۔ تمی ہیٚچھنہٕ یمو خیالو نشہِ بینٛز نظر بچاوِتھ ۔ یوٚہے وجہ چھُہ اہلِ تصوّف چھِہ گُل ریزٕ منٛز عشق حقیقی ہندی آکھ ژھار نِہ ہیوان ۔ "گُل ریز" چھُہ نتہٕ صاف "رومانیت" تحریکہِ ہنٛز پیداوار ۔ یُہ وقتہٕ موٗجب پکان اُس ۔ اکھ غیر شعوری تحریک ہِش چلان اُس ۔ یہِ رومانیت چھِنہٕ تِژھ رومانیت ییتھ ذلیل تہٕ ناکارٕ رومانیت وَنوٚ ۔ یہِ چھُہ سوٚہ رومانیت ییتھ زندگی ہُند رَس تہٕ شیرٕ وَنوٚ ۔

مقبول شاہن لیوٚکھ "گُل ریز" تمی مُشروو خلقن دوٚد دگ ۔ دِلس واتنہٕ ناو اکھ پائدار شرے تمہِ وقتہٕ ییٚلہِ نہٕ تمَن کانہہ مرہم اوس ۔ مقبول شاہ چھُہ پنٕنی پاٚٹھی اکھ

اَکھ "مقصدی فنکار" سُہ چھُ جایہِ جایہ تِرٛژھ کتھہٕ وَنان، تِرٛژھ نصیحتہٕ کران یِمہٕ انسانی زندگی ہُند ایمان وُ نوٗر۔ مقبول شاہن ذہنس پیٹھ اٲسی قرآنی احکام ثبت۔ تِمو کرٕ جان خیال جایہِ جایہِ پیش۔

ومامن دا بہ کر یاد اول
کران پرٛیتھ کانٛشہِ چھُے سُے مُشکلس حل

یِتھے پاٹھٕ ابنِ مریم سنٛز ذکرٕ تہٕ دوٚیمہٕ کتھ چھےٚ اَمچہ مثالہ۔ مقبولؔ اٲسی ضرور اکھ مقصدی فنکار تِم چھِنہٕ اُکس موٗلوی سنٛدی پاٹھٕ فنکین نوٗزُک جامہٕ وَلِتھ پننہٕ مقصد پیش کران۔ یُس دِلُس شرٛپت جِگرس سٕزِت گژھان چھُ۔

مثنوی ہنٛز اکھ بٔڑ خصوصیت چھےٚ اَمِیُک ڈرامائی انداز۔ یہِ انداز چھُ مثنوی منٛز شروع پیٹھہٕ آخرس تام موجود۔ یہِ انداز چھُ تیٚتھہٕ زہ گوڈٕ گوڈٕ چھُ معصوم شاہی مثنوی ہُند ہیرو لبنہٕ یِوان۔ مثنوی ہنٛزہِ اَکِس اَکِس کتھہِ منٛز چھُ ربط، اکھ خاص حُسن موجود یہِ کتھ چھےٚ پٔز مقبول شاہنہِ زبٲنی پیٹھ چھُ فارسی زبٲنی ہُند اثر زیادٕ لبنہٕ یِوان بلکہ گُنہ گُنہ جایہِ چھےٚ فارسی شار تہٕ مصرعہ پوٗرٕ پٕتہٕ تھوٚوت لبنہٕ یِوان۔

(۱) درِت دار الشفائی خاص و عام است
مرادِ دل ز تو ہر دم تمام است

(۲) جوانِ گلعذار و سیم اندام
ہمایوں طالعے فرخندہ فرجام

مُلہٕ تلہٕ چھُنہٕ یہِ مقبولؔ شاہُن قصوٗر، فارسی زبٲنی ہُند زور تہٕ شیرگوہ و قطب شاہ تہٕ بڈشاہ نہٕ وقتہٕ پیٹھے شروع۔ مغل تہٕ پٹھان دورس منٛز لوٚب اَمہِ بٔنیہِ تہٕ رٕژھا زور، کشیرِ اندر گیہِ وارہاہ فارسی شاعِر پٲدٕ۔ سٲنی زبان تہٕ سون کلچر سپُد متاثر۔ بقولِ جیالال ناظر "یِتیٚلہِ فارسی ادب تہٕ کاشرِ زبانِ ہُند ٹکراو سپُد، اکھ نوٚو مِلہٕ ژار، مرکب یا آمیختہ زبان

سپیٚز پأدٕ ..... حبیب اللہ نوشہری سُند کلام وُچھِو کوتاہ بلیغ چھُ۔ ع

بادہ چوں قلقل سراید ساز چوں کاں کاں کُند
سوزِ عشق اندر سوٚرُم چوں مانچھ گن بھاں بھاں کُند
پوشنول ارسوخت حق دارد ولے من سوختم
زیں کہ زاہد ہینٛزٕ کأمی وش عبث ژاں ژاں کُند

گُل ریزِ ہیٚنڈ چھُ فارسی زبانٕ ہُند اکھ خاص اثر مگر بیانس منٛز چھُ اکھ حُسن تہٕ نوہر۔ جایہ جایہ چھِ تیٚتھۍ شار یِوان یِمن منٛز اُزیکُ ہیوٗ نوہر تہٕ صفائی چھِ۔

چمن تے ڈوٗری ہٕری ہٕری سوٗری پوشو
سگوٗری ہیتھ چینہٕ کیٛو نافے فروشو
دوٚیُس شاہن تہٕ کمیٚو ماہِہ ووٚلہم
کوٚ ووزن شین شراونہٕ کژایہ گوٚلہم

مثنوی منٛز چھِ جایہ جایہ حسین تشبیہہ استعمال آمژٕ کرنہٕ۔

برے تمہٕ چشمہٕ ڈیشِت گیہٕ ینبرزل
ژٕلِت گیہٕ ہرنہٕ ہانگل لگہٕ بہٕ جنگل

یِتھے پأٹھۍ چھِ منظر نگأری، واقعہ نگأری تہٕ جذبات نگأری کینہٕ یہٕ مثنوی اکھ تھوٚد مقام تھاوان۔ یِمن ہیٚنڈ الگ الگ مضمون لیکھنک ضرورت چھُ۔

○

سوم ناتھ زتشی

# ہاؔجوٗرٕ سٕنٛز کأشِر شاعری

ہاؔجوٗر چھُہ کأشرِ شاعری ہِنٛدٕ آکاشُک بۄڈ لوٗن تارُک یُس نہٕ رۄزٕ نابٕد نیپہٕ ہیوٗ کران۔ اُمی باکمال شاعرن یُس احسان اَسہٕ کأشرن، سانہِ زبأنی تہٕ سأنِس ادبس کوٗر، تمُک تذکرٕ روزٕ ہمیشہ سپدان۔ تہٕ یُس شخص نہٕ مُشراوِ، تس نہٕ چھُہ وطنُک حُب، نہٕ چھُس خوٗدی، نہٕ چھُس لول نہٕ ماے تہٕ نہٕ شعوٗر۔ ہاؔجوٗر اَسہِ درمیان اَز یِنہٕ چھُنہٕ، مگر تِسٕنٛز شخصیت چھےٚ اکِس زندٕ جاوید انسان سٕنٛز شخصیت، یُس اَسہِ دارِیامِس کالس وَتہٕ ہاوُک بنہِ۔ اَما تمہ کم سٕنا اوصاف اَسی، تمہِ کمہٕ خوٗبی آسہٕ یِموٕ کنی اَسی ہاجوٗرس قومی شاعرٕ سٕنٛد درجہ دِوان چھِ؟ اَکھ کتھ یتھ بحث کرنہٕ برونٛہہ کرو اَسی ہنجأرِی یأکھٕی۔ یمہ کتھِ ہٕنٛز ذکرٕ زِ ہاؔجوٗرٕ سٕنٛدِ شاعرانہ عظمتُک احساس گو اَسہٕ تمہِ وِزِ یٕلہِ تس کٔشیرِ نیٛبرِمیو ادیبو تہٕ نقادو خراج تحسین پیش کوٗر یٕلہِ رابندرناتھ ٹیگورن تس کأشرِ شاعری ہِنٛد ورٕ ڈزورٕ لٕتھ وٕٹن۔ توٗت تانی اَسی نہٕ درمیأنی تہٕ ہیرِمہٕ طبقکی یِمی لیکھمتٕ لُوک کأشرِ شاعری کانٛہہ خاص قدر کران تہٕ ہاجوٗرس اَسی اکھ عام شاعرٕ زانان۔ چنانچہ چھُہ ہاؔجوٗرن پانہٕ یہ کتھ وٕنی مۄژ ؎

ہاجوٗرٕ کأشرِ کأنٛسہِ زٕ زونکھ نہٕ وِنِس نام
یِم زانہٕ نے تمہِ وُنہٕ چھِ زِنتے بوز کانٛہہ زاو

تہٕ یمہِ وقتہٕ بقول ہاؔجوٗر کانٛہہ زاو۔ تمہِ وقتہٕ اوس قومی تحریکس دریر سیدمت

کاشرِ زبٲنی تہٕ شاعری اوسُن بوش ہیٚتہ تمُت کھسُن تہٕ کینژٕو دانشورو ہیٚتی مہجوره نِس دوہ دس کنڈٕ ژارنی۔ مگر تمہندِ خاطرٕ اوس مہجورَن کُنے جواب ؎

تراوِتھ ییلہٕ مہجور باغ چھاوُن
ادٕ شہر آرہٕ دل مسوٗلہٕ کُن
رازدار ناز بردار کوٚتے گوم
بٲرلیٚ آدنُک یار کوٚتے گوم

مہجورس پیٹھ تہٕ تمہٕ وقتس نام ژرارُن۔ تسُندِ زندگٲنی منز ہی سپدی تسُندِ شاعری ہُند مداح پٲدٕ۔ سُہ گوو ینہٕ گاٹہٕ جارٕ تہٕ شعورٕ سیٚتی کاشرِ شاعری آبیاری کران۔ تس اوس یانَس تہٕ ینَس فنَس پیٹھ پوٗرٕ بھروسہ۔ تہٕ اکھ وقت آو ییلہٕ کاشرٕ لُکو مہجورَ پننِس قدَس تہٕ پایہٕ بڈِس مقامَس پیٹھ بیہنوو۔

کاشرِ شاعری منز رسول میر تہٕ محمود گامی نِہ پتہٕ ۱۹۴۷ء تس تام یُس زمانہٕ اوس۔ تتھ سارِی سِی زمانَس وَنوٚ اَسی مہجورَن زمانہٕ یا مہجورُن دور۔ اگہٕ مہجور آسہٕ ہے نہٕ۔ کاشرِ شاعری ہندِس ارتقائس منز آسہٕ ہے اکھ بوٚڈ بارٕ خلا پٲدٕ سپدمُت۔ تہٕ ۱۹۴۷ء پیٚیورُس دور آو۔ تمہٕ کین شاعرَن گژھہٕ ہے اُزی کس مقامَس واتنَس بڑٕ مُشکل۔ یہ چھُ صحیح زِ اکھ دورس منز دراو آزاد تہٕ مٲدانَس منز۔ مگر سُہ دراو رژٕ ہنا پتہٕ شہلین۔ تہٕ مہجورَن اوس توٚت نام تاپُک ترٛاژ ژولمُت۔ مہجور چھُ سُہ عظیم شخصیت، یمہٕ ارتقاچ ہیرِ شیٚسترٕ کھٕ تہٕ مضبوط اکھ پوٚو گوٚر۔ یُس پوٚوہ دوہ نی اُزی چہٕ شاعری ہندِ خاطرٕ اکھ صحت مند روایت تہٕ اکھ استوار بُنیاد بنے مژ چھہٕ۔ حقیقتاً چھُ مہجورَن دور کاشرِ شاعری ہُند جدید دور، تہٕ اُمی سنز شاعری چھہٕ کاشرِ شاعری ہندِس سفرس منز اکھ میلہٕ کُنی۔

مہجورس تروہ ہیم شاعر وٕفمتی چھہٕ، مثلاً لل دید، نُندہٕ ریوش، حبہ خوتن

محمود گامی، رسول میر، مقبول شاہ کرالہ واری ۔ تِہنٛزِ شاعری ہنٛزِ وُرثہٕ روایتو نِشہِ گُل مہجورَن بڑٕ فایدٕ ۔ مگر سٕتی بچٕوُن ہنٛ پان تہٕ شاعری تِمو کَتھو نِشہِ ۔ یِمو سٕتی تِہنٛز شاعری محض روٲیتی شاعری روزِہ ہے ۔ تہٕ یِمہٕ سٕتی نہٕ تتھ منٛز کانٛہہ جدت یا نوہر بابہِ ہے ۔ تِہنٛزِ شاعری ہُند — خواہ سہ لوٚلیچ تہٕ عشقیچ شاعری یا وطنکہِ ژیچ سہ خودی ہنٛز شاعری چھیہ، یا امیری تہٕ غریبی ہُند تفریق مٹاونٕچ شاعری ۔ تٕہٕ یتھ جایہِ چھُہ سُہ روایتی شاعری نِشہِ لوٚب رُود مُت ۔ بوٚرت تام فنُک تعلُق چھُہ، تٕس پیٚٹھ اوس کلاسیکی شاعرَن ہُند اثر، مگر تِہنٛزِ تصویرِ چھ لیہ تہٕ رُومانیتہٕ نِشہِ رُود سُہ بدُون ۔ سُہ اوس یہٕ زندگی خواب مانان بلکہ اکھ حقیقت ۔ سُہ اوس زانان زِ امہِ زندگی نِشہِ ژَلُن چھُہ قومہ خاطرٕ جدوجہد تہٕ لُکن ہندِ مستقبلہ خاطرٕ اکھ زہر ۔ تتھ مقابلہ اوس سُہ زندگی سٕتی محبت کران ۔ تٕس اوس کشیرِ ہندین جوین تہٕ ناگہ رادن، ڈلس تہٕ تیل بلس کوہَن بالَن تہٕ نیٚین ۔ باغس تہٕ امہِ کین بُلبُلَن سٕتی آنتہٕ روٚس عشق ۔ چنانچہ چھُہ سُہ یتھ جایہِ زندگی ہندٕ سبق ہیٚچھہ نادان ۔ وَنان چھُہ ؎

وندٕ ژٕلہِ شین گلہِ یٖیہِ بیہِ بہار
مہجورٕ لوکٕ ساز تھوٚو تیار
گُل پھوٚلن پانے ژٕہ ذرا پھانہٕ ین
جان بن، جان بن، جانانہٕ بن

بیٚیس جایہِ چھُہ زندگی ہندِ ابدی آسنُک یہ لافانی شار وَنان ۔ یِمہ شارُک خیال چھُہ مشہور انگریزی شاعر Shelley سندِس خیالس سٕتی بِلکُل رَلان ۔ مہجور چھُہ وَنان ؎

گُل ہردٕ ہران سوٚنتہٕ یِیہِ دوبارٕ کران دَور
مرُی مرُی چھِہ پھیران زندگی وسواس مرنُک تراو

( چنانچہ یُہے شار چھُس قبرِ پیٹھ تہٕ کھٔنِت )

مہجورٕ سٕنٛز شاعری وٕچھ ناوٕنہٕ خاطرٕ پزِٕ اَسہِ سیاسی تہٕ سماجی پس
منظرس کُن سیٹھاہ خیال تھاوُن۔ بیٚیہِ تٔمِسٕنٛزِ زندگی ہٕنٛد، یِمہٕ سٕے نہٕ امہِ پس منظرٕ نِشہِ
کانٛہہ بدُون ذات آس۔ یِہنٛز زان چھےٚ پانے یِتھ شارس منٛز کرٕنہٕ آمٕژ

مہجورُ وُچھِنکُ یوٚدۍ چھےٚ ہاوس  نکتہٕ بوز تمۍ سٕندۍ سخنہٕ چھی خیال تٔس
کارو کٔنہ چھہٕ  دیوانا

حقیقت تہٕ چھہٕ یِہ زِ مہجورٕنۍ زندگی تہٕ تٔمِسٕنٛز شاعری چھےٚ اکھ اَکِس
نِشہِ بیٚون۔ تٔمِسٕنٛز شاعری چھہٕ اَسہِ تٔمِسٕنٛزِ زندگی ہٕندۍ مختلف پہلو ہاوان۔ تٔمِسند حُب
وطن تہٕ ہاوان تہٕ کشیرِ ہٕنٛزِ خوبصورتی سٕتۍ بے پناہ عشق تہٕ۔ غریبن تہٕ مظلومن
ہٕنٛز غمخواری تہٕ تہٕ مذہب کین ٹھیکہ دارن ہٕنٛز دُشمنی تہٕ۔ تٔمِسند پوٚز عشق تہٕ تہٕ تٔمِسٕنٛز
خوددارۍ تہٕ۔ تٔمِسٕنٛز سادگی تہٕ تہٕ تٔمِسند باغیانہٕ طبیعت تہٕ۔ وُنۍ گوو اَکے چیز چھُنہٕ
تٔمِسٕنٛز شاعری ہاوان اَسہِ۔ سُہ گیہِ تٔمِسٕنٛز خاندانٕنۍ ذات مُتعلق تہٕ بیٚیہِ تٔمِسٕنٛز شکلہٕ
شباہت۔

پیٹھم کُنۍ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ کانٛشر شُہ، یُس نہٕ مہجورس زانہٕ ہے۔ تٔمِسند یُہ
خیالاتو کُنۍ، تٔمِسٕنٛزِ شاعری کُنۍ، بیٚیہِ یِمہِ کتھہِ کُنۍ زِ سُہ اوس محکمہ مالس منٛز حلقہ دار۔
چنانچہ چھہٕ پانے اَکِس غزلس منٛز عارفن پیٹھ طنز کران وَنان

چائی شار مہجورٕ چاوان عارفن آبِ حیات
مانہٕ ہیوت درویش کامل آسہِ یِکھہ نۍ حلقہ دار

مہجور اوس تحصیل پلوامہ کِس متریگامس منٛز اَکِس پیرزادہٕ گھرس منٛز
اگست ۱۸۸۷ء عیسوی پس منٛز زامُت۔ ناو اوس غلام احمد، مالِس اوس ناو پیر
عبداللہ شاہ۔ مٔج موٚدُس ڈوڈ وُہرِ کِس۔ ابتدائی تعلیم پرٕمی پنٕنِس مالِس

نِش یُس فارسی زبانٕ ہُند عالِم اوسمُت چھُ۔ اَتھ زمانس منٛز اوس علی گنائی عاشق ترالگ اکھ جان شاعر، تَس نِش تہٕ پرٕن تعلیم۔ تسٕنٛزٕ شاعری سٕتؠ گٔیہٕ وہ پرٛزٕ مُتأثر۔ سدٕ(۱۷) وُہرِس تام آسہٕ اُمی فارسی کلاسیکی شاعری ہٕنٛزٕ وارِیاہ کتابہٕ پٔرِ مٕژٕ۔ ہمہٕ تمہٕ زمانس منٛز تعلیمہِ ہٕنٛد معیار مانہٕ یِوان آسہٕ۔ مثلاً نظامی سٕنٛد پنج گنج مُہ کہٕ لادُن۔ تمہٕ پتہٕ ترووُکھ ژاٹہٕ ہال۔ یِتہٕ اُمی مدٕرٕس تام تعلیم پٔر۔

مہجورُن مول اوس یژھان زِ یہ تہٕ گوژھ خاندانٕ پیشہ پیرازٕ اختیار کرُن مگر اُمی کٔر اَمہٕ کِنہٕ نٕشہٕ بغاوت۔ سنہ ۱۹۳۵ہَس منٛز گوٚو جوٚم تہٕ تتہٕ پیٹھٕ ووت لاران لاران امرتسر۔ یِتہٕ اُمی وارِیاہن شاعرن تہٕ عالمن سٕتؠ ووتھُن بِہُن ہیوٚو۔ تِم گٔیہ مولانا عبید اللہ بسمل، مولانا شبلی وغیرہ تہٕ تِہٕنٛزن علمی تہٕ ادبی مجلسن منٛز بِہِتھ کوٚرُکھ تمہٕ ماحولُک اثر قبول۔ اُتی باسیوو اُمِس شاعری باپت سازگار ماحول تہٕ اُمی ہیوٚت فارسی زبانٕ منٛز شاعری کرٕنۍ۔ تخلص تھوٚوُک مہجور۔

اکِہ دۄہہ ییلہِ مولانا شبلین پرژھس۔ "مہجور کیازِ چھےٚ ژیہ تخلص تھوومُت۔ ژیہ کٔسنٛد ہجر چھُے؟" تورِ دِژن نَس یک دم درجواب "پننہِ وطنُک!"

مولانا شبلین پرژھس بیٚیہ۔ "ییلہِ ژٕ وطن واپس گژھکھ تیلہِ کٔسنٛد ہجر آسی؟" دوپُنس حضرت تُہُنٛد"

مولانا شبلی گٔیہ وسہٹھاہ خوش مہجورٕ سٕنٛد کلامہٕ بوٗزِتھ تہٕ دوپُن یہ واریاہ

سہٹھاہ عروج پیٹھ۔

شاعری اُس نہٕ ہیکان تیلہِ ذریعہ معاش بٔنِتھ۔ مہجورس پیوو کینہہ کام کرُنٕ تہٕ ژھونڈن۔ تمی ہیٚچھ تتی امرتسرٕ ہی منٛز خوشنویسی تہٕ تتی کٔرن کینٛژس کالس کام۔

۱۹۰۷ء تس منز آو سُہ کشیرِ واپس۔ پنجاب گژھنک اوس تس ییٹھ یہ اتھ ہیومُت زِ امی ہیژ فارسی یَس سعتی سیتی اردو زبانی منز تہٕ شاعری کرٕنی۔ ۱۹۲۵ء پیٹھ ہیٚژ امی مستقل پاٹھی کاشرِ زبانی منز شاعری کرٕنی۔ اگرچہ امہِ برونہہ تہٕ اوسُن کاہے گاہے کاشرس منز غزل ووٚنمُت۔ فارسی زبانی ہُند زور اوس کشیرِ منز دوہہ کھوتہٕ دوہہ کم گژھان تہٕ یمکی مداح تہٕ آسی ہیٚتی ہیتی وارہٕ وارہٕ کم گژھنی۔ بیٚیہ گوو تمس ییٚنہٕ احساس زِ پننین خیالاتن ہُند اظہار کرنہٕ خاطرٕ چھےٚ پننی زبانی منز وُسعت آسان۔ وقتک ضرورت تہٕ باسیوس زِ کیا زِ قومی تحریکہ اوس کشیرِ منز کنُ لوگمُت۔ بیٚیہ اُس کاشر زبان کس میرسی ہنزِ حالژ منز یمژ۔ چنانچہ چھُن پانہٕ امہِ کتھ ہُند اظہار کورمُت ؎

"یَلہٕ میٚیہ منز قومک تہٕ وطنک جذبہ بیدار گوو۔ تمہٕ وِزہٕ وُچھ میٚیہ پننی مادری زبان بے کسی ہنزِ حالژ منز ییٚمژ۔ میانی ضمیرن کورٕ میٚیہ لعنتا نہ زِ ژٕ کیا زِ چھُکھ پننہِ مادری زبانی سگ دِنہٕ تہٕ گوڈ بھرنہٕ بجایہ دوٚیمین زبانن ہنز خدمت کران۔ پننی نوارِ کھن مُژرِ ہِ میانہٕ اُچھ، زِ بوٚ چھُس تمہٕ قومک فرد۔ یمہٕ چہ زبانی ییٚتھ کالہ بٔڈی عالم تہٕ فاضل تہٕ گوونہٕ بات پادٕ کرٕ میتی چھےٚ۔ مگر اَز کس زمانس منز چھینہٕ صرف پردی اُتی کاشرہ زبانی سیٚتی نفرت کران بلکہ پننی تہٕ۔ امی کورٕ میٚیہ فیصلہ زِ بہٕ کرٕ پننہِ مادری زبانی ہنز خدمت تہٕ بیٚیہ وانہٕ ناون ترقی ہندس آسمانس پیٹھ۔"

چنانچہ لیوکھ مہجورن گوڈنیک کاشر غزل لگ بھگ ۱۹۱۷ء ہس منز ؎

وننہٕ ہے ونیسے بے وفایی شیوہِ دلدار چھا

یہ غزل سپُد کافی مقبول تہٕ مہجورس بڑیوو دل۔ حقانی اوس تمہٕ وقتک اکھ قادر الکلام شاعر۔ یہ غزل اوس تسنٕدی اکس غزلہٕ کس بحرس منز تمیٚ تہٕ کری مہجورنہِ سنٕدی سیٹھاہ تعریف تہٕ دوپُن، "زِ ہیٚبا گژھک لُسُن"۔ تمیُس غزل آمی ۱۹۲۷ء ہس منز جبہ خوتونہٕ ہندس طرزس پیٹھ ووٚن یعنی ؎

ژوٗلہار ووشے رووشے پوشے منٛز جانانو

اُمی کوٗرُس سیٹھاہ مشہور تہٕ اُمی سٕنزٕ کاشُرٕ شاعری لوٗگ اَکھ اِستوار کُن۔

۱۹۳۶ ہس تام اوس مہجوٗر لوکن ہٕندین دِلن منٛز ووتمُت۔ ڈیان اَکہ دوہہ

اُمِس اُکھِمہ سنٛدِس منٛز مرینگرٕ کِس تا شہ وان علاقس منٛز، منٛز بازرس اَکھ بوٚڑ گیوٗن مجلس

لٔگمٕژ۔ یتھ منٛز ہتہٕ بدی لوکھ اَسی۔ مہجوٗرن گیوٗن وول محمود شہری اوس گیوان تہٕ لوکھ تہٕ

اَسی محوِ سپدٕمٕتی۔ منٛزی دوہتھ اکھاہ تہٕ ووٚنُن محمودس میہ کُن کرتہٕ خطاب۔ بیاکھاہ ووٚنُس

میہ کُن تہٕ وارٕ وارٕ ووٚتھ شور۔ چلیہ یہ لاٹھی تہٕ پوٚدکھ اکھ نفر زخمیشہ۔ تمہٕ پتہٕ سوٗز لوکھ تمہٕ

وقتُک اکھ پولیس انسپکٹر حکیم حبیب اللہ تحقیقاتس۔ یہ پولیسہٕ افسر اوس اتفاقاً اردو شاعر

تخلص اوسُس عرشی۔ اُمی یُس رپورٹ تیار کوٚر، تتھ منٛز لیوکھُن اَتھ واقعس متعلق

آخرس پیٹھ یہ اُردو شار ے

مہجوٗر کا حسنِ بیان محموٗد کا حسنِ ادا

مل کر ان حسنین نے پیدا کیا اک کربلا

مہجوٗرٕ سٕنزٕ مقبوٗلیتُک اوس یہ عالم زِ تس سٕندین غزلن ہٕندس اَکِس اَکِس

حِصس آسہ ساسہ بدٕ کاپی چھپان۔ کینٛژن حِصن چھہ یتھ چھپے مژٕ ۲۵ ساس کاپی تہٕ۔ تہٕ

شاید چھہ ہندوستانس منٛز کمی شاعر نتھو اَسی ہتی۔ یمن یپہٕ مقبولیت پنٛنہٕ حیاتی منٛزی

سپزٕ مژٕ آسہ۔ مگر مہجوٗرس رُود فکرِ معاش بدستور پریشان کران۔ پنجابہٕ واپس یتھی لوگ

سہ چودھری خوشی محمد ناظرن محکمہ مالس منٛز بطور شجرہ کش ملازم۔ تہٕ یوس معموٗلی تنخواہ اَمِس

پیٹھ لداخ گژھن۔ چونکہ مہجوٗرن طبیعت اوس بڑہ متحرک، تمی کوٚر لداخ گژھن قبول۔

یتیلہٕ سہ لداخ پھیرتھ آو، تٔوت تام تہٕ تمہٕ پتہٕ تمی سٕندِس پنشن گژھنس تام رُود سہ

حلقہ دارٕی تہٕ کران تہٕ کاشرٕ شاعری ہٕندِس باغس تہٕ رنگ تہٕ دِوان۔ یِمنین آخری دوہن

تام اَمِس تمی کاشر شاعری ترقی ہٕندس معراجس پیٹھ واتہٕ ناوٕمژٕ۔

یہ چھُ میہ بُرونہہ وونمُت زِ مہجورَن کوٚر کأشرِ شاعری منٛز جدید دورُک ابتدا

تہٕ ۱۹۴۷ ہس تام یُس شاعری ہُند دور اوس، سُہ اوس مہجورَن دور۔ تہٕ یینہٕ بنہٕ فقہ کنہ تہٕ خیالاتو کنہٕ اوس مہجور اکھ انقلأبی شاعر، تہٕ کیتھہٕ پأٹھۍ، سُہ وُنۍ ہاو نیچ کرِو اُسہِ کوٗشش

مہجورِ چھُ تمہِ دورُک پأداوار یێلہِ سأرِسی ہندُستانس منٛز آزأدی ہنٛز تحریک

کھوٚر اُس ہنہ راوان۔ گوڈنیُک جنگ عظیم اوس ختم سپدُمت۔ تہٕ تمکی ناکارہ اثرات اُسہِ سأرِسی ہندُستانس پیٹھ پیمتۍ۔ کشیرِ پیٹھ تہٕ پیوو لأزمی طور اثر۔ مطلق العنان حکومتن آسہ طلنابہ رچارہ مرٛتۍ۔ لُوک اُسو ہنہ کرِتھہٕ تہٕ ہمکان کڈتھہٕ، مگر باقی ہندوستانس منٛز ووتھ

زھانٹ وُچھتھ اُس یینہٕ کِہن لُوکن تہٕ دِلس دُبہ راہے گژھان۔ مہجورِ تہٕ رُود یہٕ اثرِ نشہٕ خألی۔ یُدوے تمہٕ لُوک تیار آسہٕ بُرونہہ کانہہ انقلأبی نعرہ دِیُمت آسہ ہیے، سُہ

گژھہ ہے بیکار۔ چنانچہ تمہِ وقتہٕ اوس یمہِ کتھہٕ ہند ضرورت زِ کأشرۍ لُوک یِم مس پیچھنہ شۆنگِتھ اُسو، تِم گژھن کُنہ نتہٕ کُنہ طریقہٕ وُزہٕ نادہٕ دِنہٕ بیہ۔ تِمن گوژھ پننہِ پانَک تہٕ پننہِ پتہٕ بجرُک احساس سپدُن۔ یُتھہٕ تِم وارہٕ وارہٕ تھوٚد ووتھہن، تِمن گوژھ یہ احساس سپدُن زِ زندگی چھنہٕ سراب بلکہ اکھ حقیقت، یہ چھ مری مری بنیہ پھیران۔ یہ احساس دِیُن اوسنہٕ بجائے خود کم اہم کینہہ تہٕ۔

یمہِ وقتہٕ مہجورَن کأشر شاعری شروع کرٕ، تمہِ وقتہٕ یُس تمی میراث حأصل کوٚرمُت اوس، تتھ منٛز اوس تمس تعرُو تہٕ بجوٚ فنی صلاحیتن علاوہ تصوفکۍ رعایات تہٕ حصہ آمتۍ۔ یِم لُوکن وحدت الوجودُک درس دِوان اُسۍ۔ مگر سیٚنہٕ اُمسی لُوکن زندگی ہنٛزِ ناپایدأری پیٹھ ماتم کرنس تہٕ مجبور کران۔ فارسی شاعرو تہٕ اُس اَمہِ کتھہِ ہنٛز موہر دِلن تہٕ دماغن پیٹھ تراوِمٕژ۔ سماجی زندگی منٛز یِم سنہر تہٕ ووہ گنیار اُسۍ، تِم اُسہِ قوٗنہٕ قہ درتس منٛز شأمِل کرنہٕ آمتۍ۔ حقیقت اُس اکھ مانہٕ دِوان تہٕ مجاز بیاکھ۔ تہٕ مہجور کیتھہٕ کنہٕ سپد ہیے اَمہِ نشہٕ دست بردار۔ مأدانس منٛز نیرنہٕ رپتے کرٕ تمی کوشش زِ سُہ گوژھ اَمہِ نشہٕ

معہ کرِ لُن ۔ اکہِ طرفہٕ رٕوٗزٕ تمیٚ میرٕ ہِ شُند پٔرُون مَس نوٚین بانَن تہٕ بٲگروٗن نے خانس مَنٛز ژتکیا زِ لُوکھ اَسی بٔہ نوٚو مَس چینس تیار ۔ دوٚیمہِ طرفہٕ ژاوسہ لُوکن ہُنٛزِ ہاوٕ ہیٚسہٕ بٔرِتھ نیرنہٕ خاطرٕ تہٕ آخرس گوٚو سہ کامیاب ۔ فارسی زبٲنی ہٕنٛد یُس اثر کٲشرِ شاعری پیٹھ اوس، سہ اتھ کوٗر تمیٚ تتھۍ حدس تام قبول، یوٚت تام فن خوبصورت روزِہ ہے ۔ تہٕ مُشکل پسندی ہندۍ جامہٕ ژٕٹِتھ دژاو سہ سیوٚد سادٕ عاشقانہ ہیٛوٗ ۔ یہِ اَس تسٕنٛز نبض شناسی زِ سَدین سادَن تہٕ بے ساختہ باتن ہُنٛد پیوٚو کٲشرین لُوکن پیٹھ سیٛٹھاہ اثر تہٕ تِم کٔرِکھ تِمَو یکدم قبول ۔ کٲشرِس عوامس سٕتۍ اُسُس کٲم ۔ لہٰذا پیوٚس تِمہٕنٛزی زبٲنی منٛز تِمن بٔروٚنہہ کُنُن ۔ اَمی کوٚرٕ عوامی طرزن تہٕ روایتی غزلکۍ ہندین طرزن سہ میٚل تہٕ سُہ پیوند بٲیمہِ منٛزٕ حُسن تہٕ دژاو خوشبو تہٕ ۔ یہِ بنوو اَمی اکھ سہ پیمانہٕ، یمہِ سٕتۍ سہ باکمال لُوکن نوٚو مَس پیاوان رُوٗد ۔ یہِ اوس اکھ قلعہ پاوُن ، یتھ منٛز سہ کامیاب گوٚو ، اتھ اکھ مِثال چھہ تسٕنٛز غزل سے

زٕ لہٕ ماروٚ شے روشے پوشے متہٕ جانانو

مہجورنی یہِ تِنہٕ یِم غزل چھہ بے ساختگی سادگی تہٕ روانی ہُنٛز اکھ شاندار تہٕ جاندار مثال ۔ فارسی شاعری تہٕ تمہِ کین لوازمات ہُنٛد چھُنہٕ اتھ پیٹھ اکھ رژھ تہٕ اثر ۔ یہِ چھُ صحیح زِ حبہ خوتوٗنہٕ تہٕ چھُ اَمہِ سادگی تہٕ بے ساختگی ہُنٛد مُظاہرٕ کوٗرمُت ، مگر یہِ سوچنہٕ دفتہٕ پَزِ یِمہِ کتھِ ہُنٛد تہٕ خیال تھوٚون زِ تَسُندِ وِتے رُسُد کٲشرِ زبٲنی پیٹھ فارسی زبٲنی ہُنٛد غلبہ ۔ تہٕ تِمکۍ ساریٖ لوازمات ہیٛتھ بیٛہ کٲشرِ زبٲنی پیٹھ پرایہ پیتہٕ یِہ نمٕنک پھل دژاو سہ رُوٗد مہجورنس شرعاتس تام بٲگرنہٕ پیوان ۔ تہٕ یوہے اوس مہجورُن میراث ۔ یہِ میراث یک قلم نظر انداز کرِتھ حبہ خوتوٗنہٕ نِش یوٚت پھیرُن چھُ تواریخس پردٕ ترٛاوُن تہٕ سہ چھُنہٕ دُرست ۔

روایتی شاعری تہٕ روایتی عشقہٕ نِشہ کوٚر مہجورن انحراف ۔ تمیٚ تھوٚو بلبُل بطور عاشق بدستور اَتی ۔ مگر تَس بلبلہٕ سٕنٛز لےٚ اَس بدلہٕ، تسُند باغ تہٕ اوس بدلہٕ ۔ سہ بلبُل تہٕ سہ

باغ اوس نہٕ خیالی، بلکہ اوس تمِس دمہٕ شہٕژ رنگ تہٕ تہٕ خوشبوی تہٕ - یہٕ بلبُل اوس پوز عاشق پوز یار، یہٕ اوس یمی دُنیہک روزن وول، یہٕ اوس نہ نخدہ وِنِی پھیران، بلکہ کشیرِ ہندین شالہ مارن، لالہ زارن، نالہ رادن پھیتھ بولکہ وِداکھ تہٕ دوان تہٕ زندگی ہند بول بوش تہٕ گران یہٕ بلبُل اوس پانہٕ مہجور، یُس عشقہٕ دود سُنتھ اوس گومُت - اَمی سُند معشوق تہٕ اوس نہٕ کانہہ تخیلی معشوق، بلکہ اکھ زندہ جاوید کاشر زنانہٕ - یُس نہ کانہہ ملہٕ مایہ کرتھ اوس یُس دِل اوس، دِلکی ارمان اسی، نسوانی شرم وحیا اوس، تہٕ یُس اکس کاشرِ زنانہ ہندٕ پٹھ کانہہ وصف اوس - چنانچہ یتھ غزلس منز چھ سہ محبوبہ لولہ وِداکھ دِوان ہ

کوت ژوٚ لکھ چھوڑوٚ کاروٚ اَنی اَنی روز تو یاروٚ

گمہ ڈہٕ کرِ میونے حیاروٚ

پوشے متہٕ جانانوٚ

سِنہٕ گوم سوہ گچھِ چورِ ے دُچھمکھا دُورِے دُورِے

چھس وَدان ژوٗرِے ژوٗرِے

دوٚد مُت سینہ ہاوِ ے یکھنا حال دِل باوِ ے

تیلہ یکھا یلہ بوراوِ ے

جگرس آمہٕ تاو تھاوِتھ دٕرتہٕ بیٹھ ژوٚ لہم ترِاوِتھ

یم داُدی کسو ہیکہٕ باوِتھ

گرِ یکھ گیہٕ شہرہٕ تہٕ کاموٚ عشقن کر رسا بدناموٚ

پتر ینہٕ چھم دِوان پاموٚ

یہمو شارو سیتی چھ صاف نَنان زِ یہٕ لول کوتاہ صاف تہٕ پاک چھُہ - مہجورنٕ محبوبہ چھنہٕ سہ محبوبہ یوسہٕ رے خانس منز پیٹھ عاشقس پیٹھ ژوٚ دِین زانان چھہ - داُدی چھنہٕ بیہٕ کانسہ ہیکان باوِتھ - یُس پتر ینہٕ پامہٕ دِوان چھ تہٕ یوسہٕ عاشقہٕ

سٕنزِ ناراضنگی مٕنز کیٚہِ ژٕورِ ژٕورِ وَدان چھُہ تہٕ لُوکھ ریٚژھہِ ٹٕلان چھِس۔ یہِ کوتاہ دلدوز تصوٗر چھُہ عشقُک تہٕ لولُک۔ یہِ اوس کأشرِ شأعری خأطرٕ لولُک اکھ حقیقی تہٕ نوٚو تصور یُس دِلَن سیٚتھٕ واتھان چھُہ۔ پانہٕ تہٕ چھُہ شأعر اَسہِ اَمہِ کنہِ ہانہٕ احساس دِوان ؎

لولہٕ سازَس تازہ لےٚ ہیٚتھ آے مہجورنٕی غزل
کیاہ وَنان کُس کُنہِ وَنان، ژہٕ تہٕ وُچھ نیٚے زانہ پرٕ نیے

یِہِنْدِس جایہ چھُہ وُچھان ؎

لولہٕ سخنَن کیا سَنادِن نورہٕ مہجورس جواب
روزہٕ ہا بہٕ تہٕ انتظارس بوزہٕ ہا کن دارہٕ ہا

یہِ تصویر اُنِتھ اُچھَن ژِھ نہٕ ہا کُن، ادٕ تہٕ فکرِ زہٕ مہجورنِی یِم لولہٕ سخن کأتیاہ سُتھ چھِہ۔ مہجور چھُہ یِمہٕ کنہِ کنہ تہٕ پٔز عاشق باسان زہٕ سُہ چھُہ محض رنگہٕ ہُی بوت لور۔ سُہ چھُہ زنگَس سیٚتھ سیٚتھ معشوقہٕ سِندِ دِلُک تہٕ عاشق۔ سُہ چُھنہٕ رسُول میرنی پأٹھی محض معشوقہٕ سِندِس روخَس پیٹھ فدا گژھان تہٕ وَنان ؎

گمہٕ شبنم گُلگرو رخس زن چھہ عرق دانہ تَس
ژٕونہٕ پیٹھ تارک پکان کارہٕ وہٕ گن دُورہٕ دان

یا

جانانہ چھی زُلفہٕ دُوتال اکھ ہور کُن اکھ یور کُن

مہجور یِتھہ پٔنِس معشوقَس وُچھت یہِ وَنان چھُہ ؎

ماہ رویس چوٚنہٕ اندر ژٕونہٕ تارک گت کران
چھس کنن دُر دانہ شوبان دُورہٕ پھٕلہٕ الہٕ راوہٕ نا

یِتھہ چھُہ سیٚتی پیٚتہٕ وَنان زہٕ ؎

رنگَس چھُہ عاشق بوالہوس    کینہہ دِوٕ بہارک شوق تَس

یا

بُلبُل چھُ بھران چاوٕ حُسنس واوچھُ مُشکس

ہٲجوٗرٕ ژٕ یہٕ نِش بیٚنہٕ تہٕ کینژھاہ ژھارہٕ گلابو

ہٲجوٗرٕ چھُ دل وجانہ سٟتۍ محبوبس پیٹھ فِدا۔ سُہ چھُ تسندِس دِلہٕکِس حُسنس

نوٗل بھران۔ تس چھُ باسان یُدوے معشوق محض شیٖر لۆتھ تہٕ ہیٚر لۆتھ آسہ۔ دل آسہٕ سَنہٕ

ٹیٚلہٕ چھُ سُہ محض مُلہٕ مایہ۔ وَنان چھُ ؎

ژھینہٕ تعریف سوٗرِ مِس تہٕ سازس     ریٚنہٕ ہٲجوٗرہٕ لار کھ مجازس

مُلہٕ راوی یِنہٕ مُلہ مائے

یا یہٕ بدٕرہ میانہٕ یاوُن رائے

ہٲجوٗرس چھُ اکھ بٔڈ خصوصیت۔ یوسہٕ تس پتہٕ کالہٕ کیو شاعرو نِشہٕ الگ کڈان

چھےٚ۔ سوہ گیہ تسُنز رجائیت (OPTIMISM) یُس دوٚن ہیٚرہٕ کینہٕ زہٕ تم شاعر اُسۍ

زندگی ہٕنزِ ناپائداری پیٹھ وَدان۔ پنٕنِس قسمتس تھٕپ کرِتھ بہان تہٕ آخرس اوس تِمن

اکے حل باسان۔ سُہ گیوہ پیرفقیری تہٕ سنیاس۔ مگر ہٲجوٗر چھُ سنیاس لاگتھ نہٕ بارہٕ تُسند

پےٚ ژھارنہٕ نیران۔ اگر ناکامی تہٕ سپدان چھُس، ماتم چھُنہٕ کران، بلکہ چھُ زندہٕ روزنک

پےٚ ژھاران۔ تس چھُ لو لِچ ناکامی تہٕ ہمت دِوان۔ وَنان چھُ ؎

دلہٕ ہٲجوٗر لو لکو ترانہ وَنہٕ نوٗم     ہول ژٕلہ راوان لو لہٕ گُفتار

امی سٟتۍ روومُت دِل سنبلووُم

کمی روشہٕ نوٗم پوشہٕ مٔت یار

(ب) پوشن چھُ ژٕٹان لوٗب     کنڈِین نارہٕ زالان کروٗد

ریتہٕ زندہٕ روزان سُے چھُ یِمس مارہٕ محبت

بیٚیِس جایہ چھُ یوٗہے مقصد بڑہٕ خوٗبصورت اندازس منز پیش کران ؎

راوُن چھُ لبُن یام زونُم رام سینُم دِل

ادہٕ نار گٔژھ تُم خوف چھےٚ لنکایہ وَنے کیاہ

زندگی ہِندِ جد وجہدُک کیاہ ہیکہِ اَمہِ کھۄتہٕ جان تصویر آسِتھ۔ زندگی چھ تلاشُک دوٗیمُ ناو۔ تہٕ یِلہِ کینٛہہ رووُمُت آسہِ، تیلِ چھُ تلاش تہٕ سپدان۔ مہجورَ چھُنہٕ یارس وُنی دِوان دِوان تھکان نہٕ پتہٕ ناکام گژھِتھ پان ماران۔ بلکہ سُہ چھُ مسلسل تلاش کران۔ سُہ چھُنہٕ لوٗب ہیوان بلکہ جد وجہدس منز یان بھرِتھ دِوان تہٕ وَنان ؎

ہردُک طوٗفان پوشہٕ بھرِ ژالن      سونتھ ییہِ دوٗہ اکہِ تُلہ پرِ خاش

سُئے بھوہ لِہ تن لُس دِیہِ جنجالن

سنگرمالن پییہِ پژاگاش ــــ!

یہِ جد وجہد اوس نہٕ مہجورَ فقط شاعری منز درتاوان، بلکہ پننہِ روزمرہ زندگی منز تہٕ۔ مہجورَ اوس اکھ غریب شخص۔ تَس اگر کینٛہہ اساسہٕ اوس، سُہ اوس تَسُند شاعری۔ سُہ اوس ملازمتس منز کینژن روٗپین معاوضہ ازلاہ نہٕ پگاہ دار آسان۔ مگر سُہ اوس اسوہ نہٕ ہعہ بچہٕ زندگی ہُند گتہٕ بھرِ ژالان۔ یُمی، یُمہ سُہ اُچھو وُچھمُت چھُ، تَس آسہِ یاد نہٕ مہجورَس اوس ہمیشہ اَسہِ وُن تھِتھ آسان۔ زانٛہہ اوس نہٕ سُہ دژہ لَدِتھ آسان تسُندِ بُتھِ چھ یہِ مُسکراہٹ اَس معنی بھرِتھ آسان۔ یتھ منز سنجیدگی تہٕ سنر اوس مہجورَ اوس کشیرِ ہنٛزِ میژِ ہند بے پناہ محبت۔ قدرتی نظارن پیٹھ اوس سُہ موٗت گوٚمُت۔ چنانچہ غزلَن تہٕ نظمن نما غزلَن منز چھَ تَمہِ سیود ساد پاٹھی منظر نگاری کرمژ۔ تشبیہات، استعارہ تہٕ تصویر استعمال کرنس منز چھُ سُہ تالہِ پیٹھ کھوٚت نیٚکس نام کاشُر۔ یہِ اُسی تَمہِ ہِی خصوصیاتو منزٕ اکھ خصوصیت یَمہِ کنہِ سُہ مقبول سپُد۔ مثلاً ؎

خان پیری ازوٚہ لہِ سانہِ سالئے      نان بادام گِردہ تہٕ شیرمالئے

بیٚیہِ تھاوَے برہٕ ماری ماریے      یا

قندتہٕ نابد اُکہٕ سپاری

تھاوس چندہ بھرِتھ برُیے

ییہِ نا پُرس بندہ برداری

معشوق سندِ خاطرٕ یُتھ انتظام چھُ کشیرِ منز ممکن ۔ ہیہ مال معشوق تہٕ ناگراے عاشق تہِ چھُ کأشِر روایت ؎

ناگرائے ژٕ ولہٕ مے ناگہ سبزارِی     لارس پتہٕ اُرِی اُرِیے
ہیہ مال وُجسے تہُند امارِی
لگہ بوٚ بال پارِی پارِی یِیے

مہجورٕ سند محبوب چھُ یوت زُونہٕ یارہٕ بَل وَسان ۔ یا چھُ مہجورس معشوق بال پیٹھ پٔژاران یا پیٹھ وَن گرٕ تھ زاگے ہیوان ۔ یا چھُس لوکہِ چار ژلہٕ وُن آب رنبہٕ یار سٕہ چھُ محبوبس باغِ نشاطک گُل تہٕ وَنان تہِ سیر ڈلک بہار وُچھنک تہٕ مشورہٕ دِوان بوٚمبرٕ ینبرزلہِ ہنز روایت چھُ کمہٕ خوبصورتی سان استعمال کران ؎

تمنا چانہِ دیدارُک میہ چھُم ینمبرزلے بوٚمبرو
پھٕ جس یامت لجس وُچھنے گجس چانے کلے بوٚمبرو

مہجورٕ سندین غزلن ہندی یم کینہہ خصوصیات بَروٕ نہہ کُن اُنتھ ہیکو اُسی وُنتھ زِ اُمی کوٚرٕ کأشرس غزلس منز سٕہ بَرژار تہٕ سٕہ نویر یادٕ یُس اُردو غزلس منز فراق گور کھپوری ین کوٚرمُت چھُ ۔ اَمہ لحاظہٕ چھُ مہجورٕ جدید کأشرِ غزلُک بأنی ۔ یَتھ منز فنہ بارِیکی تہٕ چھ ، طرزِ بیانچ جدت تہٕ ، مضمون زیٹھ تہٕ رٕ کہ خوف ہیکہٕ نہٕ بٔ اُمسنزِ شاعری ہندِ سارِی فنی زاوِی چار وہژتھ ناوِتھ ۔ مگر یہ چھُ حقیقت زِ تِتھ مأدانس منز تہٕ دڑاو سٕہ بَروٕ نہہ ۔ لفظی تہٕ معنوی حُسنہٕ سیتی چھُ اُمسنز شأعری مالامال ۔ بٔ کرہٕ یتی نَس صرف نازک خیالی ہنزٕ اکھ زِ مثالہ پیش ؎

چھینہٕ خألی کنتھ چھی نألی وِہ زلی جامہِ ژٕ یہِ یانسَ
کنتہٕ آکھ نہہ گٹہٕ خوٗن ہیتھ اَتہٕ بارہٕ    گلا بو
ییس جایہ چھُ وَنان ؎

(الف) اوس گوم جاۓ یانی ژہتس پیوم سہ جانان
بیچھ ناوہ اندر یانہ میہ سیلاب انہتھ گوو

(ب) کامہ دیہ کرہ سیر ڈل بوزم شبس گژھ تیل بل
درشنس آبس اندر پیوس لاگ کھتھ پژارہ ہا

(ج) داو جبسک سلہ اوس لاران    تنبہ لیومت کس تام ژھاران
خندہ پوشو کرہس جایہ جایے
بایہ بڈہ میانہ یاون رایے

مہجورن گژور زندگی ہند اکھ بوڈ حصہ گریسی تین منز. یم سائنی عوام چھ سہ اوس تہنزہ زندگی منز ژرکس تام ڈہنگہ سندی پاٹھی وچھمت. تمہ اوس تہنزہ غریبی، لاچاری تہ مجبوری ہند پورہ مشاہدہ کورمت. اکھ حقیقت پسندانہ مشاہدہ. یانہ تہ اوس غربت وچھمژ. لہذا آسس وژھ وائنچہ کریکہ ژلان نیرتھ. "گریسی کور" غزلس منز چھ گریسی کورہ ہند تصویر پیش کران کران طبقاتی تفریقک احساس تہ دوان ع

ژیہ تہ خوجہ باین چھا برابرے    ژیہ گژھن سمنی دلبرے
خوجہ بایہ ترووتھ دارہ نتو برے
گریسی کوری نازنین سندرے

تسندہ کردارک چھ پتھ پاٹھی تعریف کران ع

ہیہ ہکہ آبی چھے چشمہ بڑی برے    غیر نیچ پچھے دلاورے
شرمہ چانہ حورو تعریف کرے
گریسی کوری نازنین سندرے

مہجورنین غزلن منز کناڈہ چھنہ اسہ بروٗنہہ پیٹھے طبقاتی تفریقک احساس لبنہ یوان. تمہ خاطرہ چھ میہ بروہی عرض کورمت زہ ژکھ اسی نہ پورہ پاٹھی تمہ بابت

تیار۔ تہٕ نہ اوس مہجورٕ سیٚ منز سہ احساس ووتلیومُت۔ مہجورنس گو فرنگس دورس منز یتھ اَسی تسندِ بن غزلن ہند دور ونو، اَمِس کشیرِ منز آزادی ہنز تحریک سیٹھاہ برونٹھ پنچمش۔ اَسہ اوس ۱۹۳۱ تہٕ مطلق العنان حکومتُک شکنجہ تہٕ وُچھمُت تہٕ تمہ چین گولین تہٕ سینہٕ دورمُت۔ لوک اَسی وارہ وارہ ووتھنہٕ ہیٚتی متی۔ مگر وُنہ اوس نہٕ کاشُر ہیکان کھُلم کھُلا بغاوتُک جھنڈہ تُلِتھ۔ تَوَے ہیٚتِس مہجورن تہٕ غزلس منز محض اِشارن کاٰم۔ یوٚت تام کاشرِ قومچہِ آزادی ہندِ جد و جہدُک دوٚیِم منزل یعنی ۱۹۳۸ء تہٕ ترٛوو اَسہ۔ کاشُر اوسُن تھوٚد ہیٚوتمُت ووتھُن تہٕ مہجور دراو پیامبر۔ تمہِ لیٚکھی غزلن سیٚتی غزل نما نظم تہٕ۔ تہٕ دوشوٚنی ہندِ ذریعہ ہیٚوتُن کاشرِس تسندِ غریبی ہُند احساس دیُن۔ تہٕ نوٚوِ صُبحکِس گاشُس پیٚٹھ پرٛژھ بڑہ راوٕنی۔ تمہِ وُوٚن اکھ غزل مسلسل ؎




گٹہٕ ژٕج گاش آو گاہ ترٛاوِ لالَن   سنگرمالَن پیٚیہ ژٕلِ گاش
باغکی ریٚنزل وارِلین گالَن   بُلبُلہ غم ژراد کٕہہ پکھن آتش

یٕتہٕ پیٚیہ چھِنیٚ مذہب پالَن
سنگرمالَن پیٚیہ ژٕرا گاش

لُکھ اَسی اِستادہ سیدِ متی۔ مگر مکمل سیاسی شعور اوسُکھ نہ۔ لہٰذا اوسی مطلق العنان نظامِ حکومت تمن منز مختلف قسمکی تفریق ترٛاوِنی یژھان۔ بوٚڈ ہتھیار اوس تتھ حکومتس نشہِ ہندو مسلم تفریق۔ مہجورس اوس پتاہ زِ یہِ تفریق چھ اکہِ طرفہ مذہب کیٚہ ٹھیکہ دارو یادہ کورمُت تہٕ دوٚیمہِ طرفہ چھُ حکمران طبقہ تمن ٹھیکہ دارن اتھہ زیرِ زبر دِوان ناوان۔ چنانچہ ذاتی شاعرن مصلحت زِ کاشرس گژھہ گوڈہ پننہِ تاریخُک حِس دیُن۔ تہٕ تس پننہِ یتِم عظمت یاد پاوٕنی۔ یمکی ہیٚندی تہٕ مُسلمان دوشوٚے وارِث درچھِ۔ تمہِ پوٚو تمن للتا دتیہ تہٕ یاد تہٕ بڈی بہادُر تازی بٹ تہٕ زیبے بھان تہٕ

تہٕ۔ غنی سنٛز وراثت تہٕ تہٕ رحمان میرنۍ کماندارۍ تہٕ۔ تہٕ سارۄی کھوٚتہٕ ربوٗزنٛک وطنُک لوٗل۔ دوٚپ تمہِ ؎

بلبُل وَنان چھُہ پوشن گُلشن وطن چھُہ سونے

ساری وطنچہ خوبصورتی ہُنٛز تہٕ اَمہِ کہ نظرٕ ریچ تہٕ بجر پچ وکھنے کرِتھ ووٚن تمہِ ؎

مہجورٕ دیس سونے باغاہ چھُہ نندٕ بونے

اَتھ لوٗل گوٚژھ بھرونے

گُلشن وطن چھُہ سونے

کشیر چھِ تھزرس بیٹھ، ہندُستانُک تاج ہیش۔ اِمی رعایتہ ونہ نود وطنکہ لولن ؎

ییلہِ کھسہ زٕ سمسارُک رو گوڈٕ بینیہ چانہٕ ڈیٚہ پرتوٗ

ادٕ گژھہ روشن باقی جہان:

یادٕ کہ بینہٕ نے بانچ زان

کشیر چھِ سہ جائے، ییتہِ وار یاہن مذہبن ہندسنگم اوسمت چھُہ۔ مگر تہٕ ییتھ مذہبن چھِ برد باری تہٕ رواداری ہاوٕمٕژ۔ مذہب چھُنہٕ زانہہ ییتہِ اکھ اَکس مارنہٕ بابت استعمال سپُدمُت۔ ییتہِ چھِ بُدھ متچ عظمت تہٕ آہِژ تسلیم کرنہٕ، ہندُو فلسفہ تہٕ مانہٕ آمُت تہٕ اسلامک بجرتہٕ تسلیم کرنہٕ آمُت۔ مذہبی رواداری ہُند اندازہ چھِ اَسہِ ہیکان کرِتھ یمہ کتھہِ سیتی زٕ ییتھ جایہِ اکہ مذہبُک نشانہ چھُ، تتی چھُہ بییہ مذہبٕک تہٕ۔ اکہ مذہب کِس آستانس نکھہ چھُہ بییہ مذہبٕک اَستان تہٕ۔ اکہ مذہبکی لُوک چھِ بییہ مذہب کِس اَستانس پننہِ مُراد پورٕ کرنہٕ خاطرٕ دشنہ گنڈان۔ لل دید تہٕ نندٕ ریوٚش اَسہِ اَکی سہی رزہ لمان پننہٕ ناوہ تاردنہٕ خاطرٕ۔ قدٕ گوجواری کوٚزبٹس پیٹھ رژ خدا تہٕ سرج موٚڈ، چھِ ہنیم مُسلمان شرۍ گوٚبہٕ گژھنز۔ مگر ہیچہ رس ادس باسان خطرہ زٕ کُنہ وقتہ تہٕ ہیکن یم اپہرۍ مذہب دار غریب لُوکن آلہ کار بناوِتھ تہٕ تمہِ ووٚن ؎

ذات پُترات کأشرِن ہِنز چھِوٗ گٔنی    خواہ مخواہ دُور پرمہ پأٹرِو پانہٕ وأنی

دوٚدھ چھِ مُسلِم ہِندی چھِ شکر صاف    دوٚدھ تہٕ بیٚیہ شکر لأگرِو پانہٕ وأنی

ہینٛدی رٹن نم کھُورِ واین اہلِ دین    نادِہیمہٕ یکہِ چلأورِو پانہٕ وأنی

نِیاے نژأورِو مأے تھأورِو پانہٕ وأنی

سہتی دِنٛنکھ چِھس ہ

مہجورنہٕ سِہنزہٕ کِتھ بوزلیک معرفتُک پے    یوٚزہ گیان یا عرفان چھُنہٕ گوٚرن تہٕ ملن مُنز

(ب) دوٚن بارٕن منز پھاس تژاوان مذہبُک فتوٚن

دوٚن غیرزانن مِیل کران گفتارِ محبت

(ج) مشیدن مندرن گرجن دھرم سالن تہٕ استانن

ہیمن بیتین گرٕن اژنُک اکُے دروازہٕ تھاوٕن چھُم

مہجورُن رُود آخری دوٚہہ ہن تام مذہبی روادأری تہٕ قومی یک جہتی ہُند سبق

دِوان۔ سانہِ آزأدی ہِندِس تحریکس منز اوس امیُک سٹھاہ ضرورت تہٕ امہِ خأطرٕ

چھُ کأشُر قوم تس سٹھاہ احسان مند۔ تمُو دوٚن زہِ ظُلمس چھُنہٕ کُنہِ مذہب۔ صرف

چھِ امیری تہٕ غریبی زہٕ علاحدہٕ مذہب۔ یِہُو منزٕ چھُ اکھ مذہب عأش کران تہٕ بیاکھ

ژوٚہ چھِ تہٕ مۄنچہ خأطرٕ ڈوٗلان۔ تمہِ وقتہٕ دوٚن تمُو کرِ یکہِ دِھقس ہ

امیرس عأش تہٕ شأدی غریبس خانہٕ برباأدی

بیٚچھس مغرور آسن وألی سٕند نادِی مِٹاوُن چھُم

بروٚنٛہہ پاہن یکِتھ چھُ وَنان ہ

اگر وزہِ نادہٕ ہن بستی گلن ہنز تژاو زیر و بم

مُبنیل کرہ واو کرہ گگرایہِ کر طوفان پیدا کر

تکیازہٕ ہ

چمن ویران، روان شبنم، ژٹھتھ جامہ پریشان گُل

یتیلہِ تحریک ثرۆ نہہ ثرۆ نہہ پکان گیہ۔ مہجورن چھُو لوکن ثرۆ نہہ کنہ اکہ نوٚوِ دُنیہِ ہُنٛد تصویر۔ یتھ منز انسانیت آسہِ، مساوات آسہِ، کاروبار آسہِ، کشیر بجاہ تہٕ پایہٕ جاہ آسہِ:

(۱) شہنیاہ جائی نسہ روزن شہنیاہ شہنیاہن اندر بسہِ اکھ نوٚو دُنیاہ
گلشن بنہِ ویرانا
بہاوتھ کن ہمتہِ لالو لوکُک وَنے افسانا

(ب) نار سر مار سر بنہِ امرت سر تورسہ مٲدان بنہِ صورت بسندر
کونگہِ وٹن لگہ کارخانا

(ج) ارخلس پیوند بنہِ دیو دارُک ویرہ بیچہ آسے دِن زندن دارُک
سارسہی بنہِ یکسانا

(د) لُوکٕ بٔڈی نہٕ کمزور بنیہِ زوراور روزہ نہٕ کانْہہ گرنْھن سأری برابر
آدمی بنہِ انسانا

آیندہ کشیرِ ہُنٛد یہ تصویر پیش کرِتھ چھُ مہجور ۱۹۴۷ہس منز کأشرین مطلق العنان حکومتہٕ نِش آزاد سپدِتھ وُچھان تہٕ چھُ بلبلن وَنان پنجرہ منزہ نیرِو تہٕ آزاد فضاہس منز کڈِو پکھن واشس، وشن کرِو کرِاو تہٕ گَژِو ارچھاوِو۔

یہ اوس سُہ عبوری دور یتیلہِ اکہِ طرفہ کشیرِ پیٹھ قبائلیو حملہ اوس کوٚرمُت تہٕ دوٚیمہِ طرفہ زوٚول حکمران طبقہ کشیر ترٲوِتھ۔ بڑہ افراتفری اُس، یتھین حالاتن منز ژٹھ ریاستی لُوکو پانس اتھ حکومت۔ کینْہہ لُوک اُسی قومی تحریکس منز ثرۆ نہہ ثرۆ نہہ اَمہِ کِنہِ خاطرہ زِ حکومت پانس اتھ یِتھ کرن تم من مٲنی۔ چنانچہ تمو ہیوت آزٲدی ہُند ہر تہٕ ترٹھلن۔ لُوکھ ترٲوِکھ اُدوٚرتی۔ مہجور اوس وتنک کستُور۔ تمی ہیوٚک

نہ یہ برداشت کرِتھ۔ تہٕ دِل برداشتہٕ دوٚپنُن ؎

یہٕ آزادی چھےٚ سوٚہ گِچھ حوٗر پھیریا خانہ پتھ خانے

فقط کینژن گھرَن اندر چھےٚ ماران گرٛایہٕ آزادی!

یہ اوس اکھ زبردست طنز۔ تتھ آزادی پیٹھ، یمہٕ سہٕ صرف حاکمَن ہنزٕ

بجایی خاطرٕ آمژ اٚس یینلہِ مجبوٗرَن وُچھ حاکم لُکھ چھِ وینہٕ پرٛانی تارٕ تران تہٕ

غریبن ہند قسمت بدلنکُ چھُنہٕ کانٛہہ پےٚ لبنہٕ یِوان۔ حاکم تہٕ چھِ تمے تہٕ محکوم تہٕ

تمے۔ گرٛیوس تہٕ تسے جاگیردار تہٕ تسے۔ سوٗدر تہٕ تتی، زردار تہٕ تتی، تہٕ چوربازار

چلاوَن والی تہٕ تتی۔ تہٕ یمہٕ برٛٹرے یہ چاپلوٗسَن ہنز اکھ جماعت۔ لُوک اٚسی مایوٗس

گامٕتی۔ مجبوٗرَن ہینٛتھ دردانگیز طریقس منز نالہٕ دِنی ؎

لالو لالو ما گُل لالو حالِ دِل کرُو اظہار

داغ ہیتھ کتیو آکھ لالہ گویا لوٚ تتہٕ تہٕ چھا سارِی داغدار

تتہٕ تہٕ چھا زمیندار کاشکار نانگار تتہٕ تہٕ چھا بڑی چکدار

تتہٕ تہٕ چھا آلمژہن رنگہٕ رنگہٕ نعمژ کملین لگان بتہٕ یار

تتہٕ تہٕ چھا بیچرس اندر تَس پوٚژیس آسہٕ گُفتار

تتہٕ نہٕ چھا زوٗہ زیٹھی بتہ سازندر دورہ وان موٹرکار

تتہٕ تہٕ چھا وقتکی زیرک تہٕ رگاٹلی ظالمس وَنان دِلدار

تتہٕ تہٕ چھا رایہٕ رایہٕ کھہن چین باگران تتہٕ تہٕ چھا بیکھی خانہ دار

تتہٕ تہٕ چھا گوہ نہٕ مات صُبحس وَنان رات ارخلس وَنان دیوہ دار

تتہٕ تہٕ چھا مہجوٗر تنہا بہتھ دوٗر کوہ کرہن چھکان مختہ ہار

یہ وَنتھ گوو نہ سُہ مایوٗس۔ تَس اوس زندگی ہندِ جد وجہدُک برو نہہ تہٕ

پے۔ یتھ منزہٕ ہیکُن چھُہ۔ نہ مَس چیتھ شینٛگُن چھُہ بلکہ یتھ منز تلاش چھُہ۔ اکہِ نوِہ

زندگی ہُند تلاش۔ اَکِہ نوِ سماجُک، مساواتُک، قومی یک جہتی ہُند۔ تمۍ کوٚر زورہ شورٕ سان کٲشرِس مکلِس آلوٗ ؎

فاقہ پھِرِ شوٗنگمتیٚن مزدورن تراو غفلت گژھ ہُشیار
ووٚتھ سیٚین استادٕ ظُلمن چھکھ ژٕ کوٚر مُت نابکار
ووٚتھ نظر کر گاش آو کھوٚت انقلابُک آفتاب
چانہِ دوٚدمُت باغ پھولہِ پیغام ہیتھ آو نوٚبہار
ست وُرِی ہُرُد نُہ ووٚن یہ مہجورن ترٔقی گژھِ پورٕ دوٚنی
واوٕ ہر دیُن زرد گُژھی گژھی پھن پتھر سرمایہ دار

یہ تہٕ یِنیہ اَکھ زٕ نظم اَسی مہجورنی اَخری پیغام یِم تمۍ قومس وانہٕ ناوی یہ سورُی وُپِھ ناوِتھ چھُ اَسہِ مہجورنہٕ عظمتُک احساس سپدان۔ یہ اَکِس قومی شاعرُ سُند فرض آسان چھُ۔ سہ پورٕ کرِتھ چھُ سہ اَسہِ ہُرُد نُہ پکنُک پیغام دِوان۔ اَمہِ عظیم شاعرن کر کٲشرِ زبٲنی تہٕ ادبچ سعہ خدمت یوسہ اَمِس ہُرُد نُہ خالی کانٛہہ شاعرن یا ادیبن کرمُژ آسہ۔ فن واتہٕ نوٚون کمالس تہٕ پننہٕ مُدرٕ تہٕ رُسل شاعری تراوِن کٲشرِن لُکن خاص کر نوٚین شاعرن تہٕ ادیبن کھوتہٕ منز للہٕ نادٕ نی۔ تہٕ تمو روٚٹ یہ میراث۔ یتھہٕ پاٹھی امرِ تس سارِی اَمس داران چھہ تِتھے پاٹھی چھکھ مہجورن مس۔ لولُک تہٕ وطنُک مس۔ مساواتُک مس تہٕ سارِوی کھوتہٕ بوٚڈ قومی یک جہتی تہٕ مذہبی رواداری ہُند مس، تہٕ پانہٕ گوو سہ لولہٕ باغُک بُلبُل۔ انقلابُک پیامبر ۹ مِہ اپریل ۱۹۵۲؁ کٲشرِن ہمیشہ خاطرٕ تراوِتھ۔ ماسٹر جی ین ووٚن تس تاریخِ وفات ؎

ہائے کشمیرُک سخندان!

# رحمؔ صاب سوپوٗری

مہاراجہ گلاب سنگھ آنجہانی سندِس وفاتس پیٹھ چھُہ رحمؔ صابن تمہِ وقتہٕ کہن نجومیَن ہنٛز غلط پیشنگوئی پیٹھ طنز کران وۄنمُت۔

شاہ و گدا آخر فنا      مہاراج گلاب سنگھ گوسنا

امن گورن سورن      گلخنن اندی اندی فیرن

ساعت روٗدکھ نہ پھیتر بنا      مہاراج گلاب سنگھ گوسنا

مہاراجہ گلاب سنگھُن سنِ وفات چھُ اگست ۱۸۵۸ء۔ صاف ظاہر چھُ زِ رحمؔ صاب اوس اَز برونٛہہ اکہ ہتھ ترٛیٚیہ (۱۰۳) وری زندہٕ۔ یہ ونُن چھُ مشکل زِ یانہٕ رحمؔ صاب کمہِ ؤریہ سپُد وفات۔ اندازہ چھُ زِ امہِ واقعہ پتہٕ دہ یہ وہری یعنی ۱۸۶۰ء منز سپُد تم بمہِ عالمہٕ نشہِ رخصت۔ تہٕ اگر یہ چھُ پوٚز زِ تمِ موٗد ۷۵ وٕہری تیلہِ چھُ تہنٛد سنِ ولادت ۱۷۸۵ء (واللہ اعلم)

رحمؔ صاب اوس سوپورُک روزَن وول۔ امیُک ثبوت چھُ تہنٛدِ کلامہٕ منزہٕ حاصِل سپدان۔ تمو چھُ وارِیاہن جاین پننِس ناوس سوپوٗری وۄنمُت۔

سوپوٗری رحمس مجنوٗنس      لایہِ ہیٚمنٛد رِسکل زیادے چھُ

ہنہٕ ہنہٕ تنہٕ گونڈمُت نار      کالہٕ شہمارِ روٗ لٹم نال

رحمؔ سوپوٗری قوم سیاہ پوش      مجنوٗنو ہا وُچھان توٚش

سوپُرِ کر رحمٰن وۄنہٕ عشقنہٕ گراوو    بوزنہٕ کأشرہ تو آوو لو
دٕہَن تےٚ کہن چھے رأومژ گاوو    کاوو لو نتہٕ لو

لہذا یہ وَنُن ز رحمٰن صاب گیا اوس سوپورہ لبغار بیتہٕ گُنہٕ جایہٕ ہُند روزن وول چھُنہ صحی۔ تہندین آباد اجدادن متعلق چھُ وننہٕ یِوان زِ تِم أسی مرازکی، مگر تِم تہٕ آسی پشت در پشت ووٚنی سوپورہ بسان آمتی۔ یہ کتھ چھ یقینی زِ رحمٰن زاو تہٕ سوپورے تہٕ بڈیو وتہٕ۔ اَتھ کتھِ پیٹھ چھ تمام تِم بزرگ متفق، یِمو پننہٕ ین بزرگن نِش رحمٰن صابنہٕ چشم دید حالات بوزی متی چھ۔

رحمٰن صابنہٕ زندگی ہندی سیٹھاہ کم حالات چھِ اَسہ معلوم سیدی متی تیٚمہ زمانکی تحریری حالات چھ نہٕ موجود۔ نہ چھُ وُنی کہن تیُتھ کأنہہ صاحب بقیدِ حیات یِمو رحمٰن صابس سیتی ملاقات کوٚرمُت آسہے۔

رحمٰن صاب اوس ووٚوری کأم کران۔ تِم چھ فرماوان ؎

رحمٰن بسیار شرمند    کرن کار بافند
طمہس روئے سیاہ    بے وفائی چھے سیٹھاہ

سوپورہ أسی تِم تلہ وأنی محلہ روزان۔ تہنز قبر تہٕ چھِ اَتھی محلس منز واقع۔ سوپورہ پیٹھ أسی تِم کینہہ کالاہ ہندوور نزدیک اکس گامس پہہ بیٹھ گأمتی۔ کینہہ کالا رودی تتہ تہٕ۔ اَتہ اوس اکھ ذیلدار کمال ڈار ناوی۔ یُس فقیرن ہُند سیٹھاہ قدر دان اوس۔ وننہٕ چھُ یِوان زِ اُمی سندِس دعوتس پیٹھ اوس رحمٰن صاب تورٕ گومُت۔ گامہ کِس ییتھ مجلس منز تہنز پہر چھَ أسمٕژ تتھ چھ وَنان ہُنز شاٹھ۔ اَتہ پیٹھ أسی تِم واپس سوپور آمتی۔

اَتھ گامس منز چھ رحمٰن صابس کینہہ طالب أسمٕتی۔ یِمو منزٕ اکس اوس رحمٰن وأنی ناو۔ رحمٰن وانین نیچو حبیب ووٚنی چھُ وۄنہٕ زندے۔ تہٕ اُمی سنز عُمر چھِ تقریبن

۸۵ وَرِی ۔ اُمِس چھُہ رحیم صابُن واریاہ کلامہ یاد تہٕ سارِنۍ پیٹھ چھُہ وُنۍ تام غزل گیوان ۔ رحیم صابنۍ دٲہریتھ مُتلق تِمو زموٗ موٗمُت چھُہ زِ سہ حال پننۍ دہاریٚ ونن ۔ شہ نی گوم کنن شہ نی گوم کنن ۔ چھُہ وُنۍ حبیب وٲنِس نِش مُوجُود !

رحیم صاب اوس وہ وری کٲم کران ، سہ اوس انتہا درجُک قناعت شعار راتس دوہس اوس یادِ خدا کران ، ژادر اُسس ہمیشہ کلس پیٹھ آسان ۔

کوٗشِشہ باوجود ہیکنۍ رحیم صابنین آباو اجدادن ہندۍ حالات معلوٗم سپدِتھ تہٕ یمن پیٹھ چھُہ وُنۍ تہٕ تاریکی ہند پردہ ۔

رحیم صابنِس بڑِس صاحبزادس چھُہ صمد شاہ ناو اوسمُت ۔ صمد شاہ اوس پہور پیٹھ گرٕ دھنہٕ وزِ رحیم صابُنِس سیتۍ ۔ صمد شاہس اوس اکھ نیچُوِ یمِس سمندر شاہ ناو اوس ۔ یہ اوس اہہ گام راجوارس منز آباد سپدمُت ۔ رحیم صابنِہ وفاتہٕ پتہٕ کوٚر صمد شاہنہٕ پہرِ پیٹھ مستقل رہائش اختیار ۔

رحیم صابنِس دوٚیمِس صاحبزادس اوس احمد شاہ ناو ، یُس تارِ (تہٕ اکھ روایتہٕ مُجب نہال پورہ) آباد سپُد ۔ رحیم صابنین اولادن منز اُس اکھ کوٗر تہٕ یوسہ تِہندی پاٹھۍ خدا دوست چھیہ اُسمٕژ ۔

رحیم صابُن ساروی کھوتہٕ لوکُٹ صاحبزادہ یمۍ سُند ناو معلوٗم ہیکنہٕ سپدِتھ ، چھُہ جوانی منزی موٗمُت ۔ تِمی سندِس مرنس پیٹھ چھُہ رحیم صابُن اکھ جگر گداز مرثیہ لیوکھمُت

دزہِن نارٕ سے چانہٕ امارٕ سے — کیہو بال سندارٕ سے
ہتو مرگو زورا وارٕ سے — یارس کوٚرتھ یار جُدا
ژیہ تھوٚو دوینے گُٹِل پیپیہ نٕے — کھسہ وونۍ دیو دارٕ سے
نیرِ دارَن ژٹِتھ ترووِتھ — تُس دانہٕ آو نہٕ عار
دُکان کس ترووِتھ دُکاندارٕ سے — میہ کان لوٚیتھ زورا وار

بھیکان ادس ہم درلوہ کہ جارے ٹھکان ژاکھ در مزار
اُدی اُدی اوسہم صاحب خانے از خانہ گوکھ بیگا نے
اُدی اوسہم اَلقہ مُورانے اُلقہ موران گوکھ
راۓ چھے دان کوٗت کال پرارے میانہ باغکہ گُل انارے
حضرت بلہ کے مُوہ کھامارے دیدار اَخرہ کرِتھ

دپان چھہ ز رحم صابنس اُمس صاحبزادس اوس حضرت بلک نیہ تھر زِ تھکو کُن چھس بتھس اشارس منز اشارہ کورمُت۔



محمود گامی چھہ رحم صابُن ہمعصر اوسمُت۔ دپان اکہ دوہہ آو سُہ رحم صابنس ملاقاتس۔ تہ کرن یتھہ پاٹھی سلام۔

السلام علیکم رحم صاب نمیلی۔

رحم صابُن دِتنس اُچھ تلنہ بغاری جواب۔

وعلیکم السلام محمود گامی جنگلی۔

اُمہ ملاقاتُک تفصیلی حال تہ چھہ اَسہ بیین کتھن ہندی پاٹھی معلوم سپدمُت۔ رحم صاب اوس قادر صاب ربینُن مُریدیم تمہ وقتکی سیٹھاہ باکمال بزرگ چھہ گذرے متی۔ تم اَسی سلسلہ قادری یکی۔

رحم سلسلہ قادری حق باللہ تتھ چھُنہ کانہہ تہ شک

رحم صابُن مقام چھہ کاشرِ زبانی ہندین صوفی شاعرن منز سیٹھاہ تھود تم اَسی نہ صرف مسائل تصوّف، بیان کرن والین شاعرن اندر، یمو تصوف برائے شعر گفتن خوب است، کس مقولس پیٹھ عمل کرِتھ رسمی صوفیانہ خیال آرائی کرِمہ تم اَسہ پانہ صاحب حال تہ یہ کینہ شاہ ونان اَسی۔ تہ اوس تہندین وارداتہ قلبی ہند بیان

تمۍ چھہ فرماوان ؎

ناو میانۍ ذِ رٹھتن بال گنڈتن ملک عرفانس
چھک شاہ ذوالکمال مے چھم حال چونے بس

معرفتِ الٰہی یک ذکر کران چھہ تمۍ فرماوان ؎

قادر چھک ذوالجلال نادر معرفتک مس
ظاہر ہاو تمۍ جمال مے چھم حال چونے بس

عشق حقیقی یس متعلق چھُ تہند ارشاد ؎

زمنے عاشق چھہ دیوانے    تہ کرہ چوکھ میخانک مے

عشق چھُ خلقتِ آدمک علتِ غائی۔ تہ عشقی چھہ یمن نش انانہ سنز عظمتک راز ؎

عشقہ سیتی آدم لدنے آو
عشقہ سیتی تس خلیفہ دپنے آو

شہ چھُ اسہ پریتھ شاہس منز یادِ خدا کرنک تلقین کران ؎

غافلو یانس کور تھو جفا    ہا    نفس راو رتھ کیا آئ نفع

دُنیوی دولتس متعلق چھہ فرماوان ؎

کرین نہ دیارن ہند بور تھو طمع    راو رتھ لعل گوی واویلا
راوی ہیتہ یم نفس ینے نو قصنا    ہا نفس راو رتھ کیاہ اوی نفع

وحدت الوجود چھُ تصوفک اہم مسئلہ۔ اتھ سلسلس منز چھہ فرماوان ؎

گرہ نشہ گوسس بیزار    غارس نشہ ییم پائزار
جدا گوسس از خدا    بے وفائی چھے سیٹھاہ
ظہور دیتمت چھے گمنزن    کنُے تیلان ہیرہ بون

نُور ذاتس چھُنہٕ کُنہٕ ژھین	چانہٕ کُنہٕرک چھم قسم

رحمٰن صاب اوس عاشقِ رسولؐ۔ اَمہٕ عشقک والہانہ اظہار چھُ تِمہٕ جایہ جایہ

کوٚرمُت ؎

ژ یہ چھکھ مقام محمود	عاقبت کرتہٕ محمود
حیات النبیؐ محمود	رحمٰن ایاز وسیٔے
سُہ چھم کُل شیٔ حیّ	لامکانس کرُون طے
نبی در حرمت گے	سُہ دِے شہباز وسیٔے
سُہ چھم محیط دریاو	تس نش جوین آب دژاو
سُہ دِے عرشس کرِتھ آو	سرفراز وسیٔے

•

عشقِ مجازی ہُنٛد ذکر چھُ تِمو یِتھہٕ پٲٹھۍ کوٚرمُت ؎

عشق مجازکہ ناوِ ترکھ	باللہ چھُنہٕ تتھ کانْہہ تہٕ شک

رتم چھا پانہٕ تہٕ اَمہٕ مرحلہٕ گُزرے مِتی۔ امیُک اندازہ لگاوُن چھُ مُشکل مگر

جایہ جایہ چھ حسنِ ظاہری ہُنٛد تعریف تہٕ تِمو کٔرۍ مِتی ؎

اُنٛہِ تہٕ گردن چھ رُوٚپہ رسنزی	شوٗبہ وِرٛنی کیاہ چھ مٲری منزی
کارِ گلن سیتی کٲتھہ مارکھ	باللہ چھُنہٕ تتھ کانْہہ تہٕ شک

•

رحمٰن صابُن چھُ نہایت سادہ تہٕ عام فہم زبٲنی اندر تصوّف، معرفتِ خداوندی

وحدت الوجود، فنائے خودی، ترکِ دُنیا، جبرو اختیار، انسٲنی زندگی ہُنٛز عظمت تہٕ عشق و

محبتس پیٹھ اظہارِ خیال کوٚرمُت۔ اَمِنٛزِ کینْہہ غزلہٕ چھُ تخیلہٕ چہ بلندی، فصاحت و بلاغت

زبٲنی ہنٛز آسٲنی تہٕ جذباتن ہنٛدِ خلوصہٕ لحاظہٕ پٔنٛن جواب پانے۔

محبوب سندس فراقس منز چھہ تم ونان ـــ

اَچھو میہ لوسم یارو چھان وتہ ہے ییم ننتہ ہے مارس پان
نامہ لیکھہس ہٹر کے رتہ ہائے کامہ دیئس غصہ گومیون
نیلہ قلمہ تہ زاولہ خطہ ہائے ییم ننتہ ہائے مارس پان

رحیم صائبن واریاہ کلامہ چھنہ وُنہ شایع سپدمت۔ یہُند کلامہ روُد پننہ بے پناہ مقبولیتہ سببہ وُنستام زندہ۔ تہ سینہ بسینہ دوت) اَسہ نِش۔ ضرورت چھہ اَمہ کتھہ ہنز زِ یہ گوڈنچھ ترتیب دِتھ شایع یُن کرنہ۔ یُتھ یہ زمانہ کِہ دستبردہ نِشہ محفوظ روزِ ہا، تہ کاشرس ادبس اندر بیہہ اکہ گراں قدر اشاعتک اضافہ سپدِ ہا۔

محمد امین اندرابی

# لڈی شاہ ـــ سانہٕ زندگی منز

ظاہرا باسہٕ میون یہ وٕنُن یوٗہے کہِ تام ہیوٗ زِ زندگی چھ لڈی شاہنہٕ سیتیٖ تہٕ شوٗبہٕ دار۔ مگر اَمہِ برعکس زِ بہٕ کرٕ اَمہِ سارٕ چیٖ وارٕ پأٹھۍ وضاحت تہٕ پننِس اَتھ بیانس متعلق کرٕ دلیلہٕ تہٕ ثبوت پیش۔ مےٚ چھُ باسان ضروری زِ اکھ کتھ کرٕ بہٕ گوڈٕ ہنا صاف زِ لڈی شاہنہٕ سیتیٖ یوت چھنہٕ زندگی شوٗبہٕ دار۔ بلکہ اَزی چہ دُہِ ہمہٕ صدی ہِنز زندگی چھ اَمہِ علاوہ بیشمار چیزن ہندِ برکتہٕ حسین تہٕ شوٗبہٕ دار۔ اَما پوز یہ وَتہٕ نَس منز چھُنہٕ ذرا تہٕ تأمل زِ لڈی شاہ تہٕ چھُ تمہٕ سارِ ہی منز اکھ۔

یہ چھُ اکھ عام کتھ زِ اردأہمہٕ یا گُنہٕ ہمہٕ صدی ہندۍ انسان اگر از زندہ کرون تہٕ ازیکس ماحولس منز اَنون سہ گژھہ پاگل۔ مگر مےٚ چھُ باسان زِ اگر اُسی یہ کتھ پھِرِت وَنو اَمہِ کس حُسنس تہٕ مولس منز چھُ ہریر سیدان۔ میون مطلب چھُ یہ کتھ ییتھ پأٹھۍ وننٕک زِ اَزیُک وُہمہٕ صدی ہِند انسان اگر گُنہٕ طریقہٕ اردأہمہٕ صدی ہندس ماحولس منز ترٛاوون تمہٕ سندس خوش کیتھہٕ پنس تہٕ پاگل گژھنس منز چھُنہٕ کانہہ شک۔ غرض چھُ میون یہ وننک زِ زندگی چھہ ووٗنی انتہائی درجچ میکانکی بنے مژ۔ گنڈتھ وقتس پیٹھ نیندرِ وۄتھُن۔ مقررہ وقتس پیٹھ کھیتن چیون تہٕ کام کرنۍ۔ اَمہِ سارہ کُے نتیجہ چھُ اِی ذرأمت زِ زندگی چھہ ووٗنی اَسہِ بے رنگ تہٕ خوشک باسان تہٕ دماغی تہٕ روحانی سکوٗن چھُنہٕ میلان۔ چنانچہ

ییلہِ اُسی پینہٕ نین بزرگن ہٕندِ زندگی متعلق کینہہ بوزان چھِ، اُسہ چھُ باسان زِ تِہندٕ زندگی چھٕ سیٹھاہ رنگارنگ اُسمٕژ۔ حالانکہ یہِ کتھ چھِ بلکل صاف زِ یوٚتام مادی ترقی ہٕندِ سوال چھُ، تِم چھِ یقینن سانہِ کھوتہٕ واریاہ پتھ اُسی مٕتی۔

انسان چھُ پرٛتھ وقتہٕ ذہنی تہٕ جسمانی آرام ژھانڈنس منز کوشش رٕژمٕت کران۔ چنانچہ اَمہِ خاطرٕ تہٕ چھِ تمی کافی چیز ایجاد کرِمٕتی۔ یمن منز ریڈیو، سنیما، تھیٹر بیترِ سیٹھاہ مقبول چھِ۔ یمو چیزو علاوہ چھُ لڈی شاہ تہٕ اَتھ سِلسِلس منز سیٹھاہ اہمیت تھوان۔ چنانچہ دُہرکیا چھینہٕ چھِ نہٕ صرف لوکٕٹین ہٕندِ خاطرٕ بلکہ بڈین بُڈین ہٕندِ خاطرٕ تہٕ خوشی تہٕ شادمانی ہٕنڈ پاٖغام ہیتھ یِوان۔ تہٕ یمہِ ساتہٕ تِہندین کنن لڈی شاہٕنز یہِ آواز چھِ گرٛژھان ز

اسلام علیکم لڈی شاہ آو

صاحبو خوش روز گرٛہ چھین ژاو

گرٕ گرِ شرِ بایہِ چھِ تس پتھ نیران۔ بچین چھُ آب بدلاونہٕ یِوان تہٕ سماوار چھُ گرٛکنہِ لگان۔ غرض تمس خوش تھاوُنہٕ باپت چھِ پرٛتھ کانٛہہ کوشش کرنہٕ یِوان۔

لڈی شاہ چھُنہٕ سانہِ کشیرِ منزی یوت بلکہ کشیرِ نیبرٕ تہٕ چھِ۔ اَکِس دوستہٕ سُنٛد وَنُن چھُ زِ تمی چھُ دِلِّی منز تہٕ لڈی شاہ وُچھمُت۔ یمن زَن کاشرس لڈی شاہٕنز پاٹھی چھِ دُہر اَتھس کینٛہہ آسان، مگر تِم چھِ عموماً مرثی آسان پران۔ تہٕ واقعات کربلا بیان کران۔

سون لڈی شاہ چھُ سماجی پاٹھ علاوہ گاہ بیگاہ سیاسی تہٕ مذہبی ماحولس منز تہٕ کھوٚرتراوان۔ سُہ چھُ زندگی ہٕندین مختلف حالاتن پیٹھ طنز کران۔ تہٕ سنجیدہ کھوتہٕ سنجیدہ مسلن پیٹھ تہٕ چھُ اَمہِ طریقہ پٹھ رائے زنی کران زِ خاہ مخاہ چھُ بوزن والیس اَسُن نیرِتھ ژلان۔ بظاہر اگرچہ تسُنٛد مقصد چھُ صرف اَسُن تہٕ اسناوُن نہٕ یوت مگر غار ارادی طورٕ چھُ سُہ اَکِس سماجی مُصلحس سٕنز کام کران۔ لڈی شاہ چھُ سانہِ سماجُک اَکھ بوڑ بارہ نقاد۔ اگرچہ اَمی سُنٛد تنقید چھِ ہمیشہ طنزیہ آسان تہٕ بعض اوقات چھُ سُہ ہزل گوئی کین حدن منز داخل سپدان۔ یوٚہے

وجہ چھہٕ زِ اَمی شِند تنقید چھِنہٕ اَکِس واعظ سُنٛز نصیحت یا اَکِس سنجیدٕ سوشل ریفارمر سٕنٛدی پأٹھی سأرِنس طبعیتس پیٹھ بار باسان، بلکہِ اَسی چھ اَمی سٕنٛز یہ طنز یِنہٕ کٕنہ چیبنی سیٹھاہ خوشی سان بوزان تہٕ اَمہِ سیتی لُطف تُلان۔

عام لُکھ چھِ ہمیشہ قدامت پسند آسان۔ پرٕچھ کُنہِ نوٕ تبدیلی چھ تِم نہٕ کٕنہ چیبنی کران تہٕ اَتھ شکلچہِ نظرٕ وُچھان۔ لڈی شاہ تہٕ چھُ اَکھ عام انسان۔ لہذا چھُ اَمِس پیٹھ تہٕ یِمَن کتھن ہُمند اثر۔ سُہ چھُنہٕ قدامت پرستی ہنٛدِ عنصرٕ نِشہ خالی۔ چنانچہ گریستین ہنٛزٕ زندگی ہنٛد معیار بیٚلہِ مختلف صورتو تہٕ شکلو کنہ چھُ روز بروز تھزر لبان۔ سُہ تہٕ چھُ عام لُکن ہنٛدی پأٹھی اَتھ ہزل کران۔

دُپلہٕ ہوٚر شوٚبہٕ ہا گرٛیسی بایِن
گرٛیسی بایہ لاران کٕچہ کوٚنشن

لڈی شاہس منز چھ بیاکھ اَکھ کتھ قابلِ ذکر سہٕ گیہ یہٕ زِ تمی چھُ ہمیشہ غمہٕ تہٕ مایوسی منزٕ تہٕ اسہِ ٹُک تہٕ خوشی ہُند پہلوٗ نمایاں کوٚرمُت۔ باقی ہندوستانکین لُکن ہنٛدی پأٹھی چھ کأشری تہٕ دارِ یہس کالس بیرونی بادشاہن تہٕ راجن مہاراجن ہنٛدی غلام رُدی مٕتی تہٕ اوٚہ معہ کھ چھُک تِمَن سارِ نٕی مصیبتن تہٕ پریشانین ہنٛد مقابلہ ہیوٚمت کرُن۔ یِم اَکِس غلام قومس چھ بُھگتہِ پیوان۔ یِمَن علاوہ چھُ کأشرٕن ہمیشہ قدرتی آفتن تہٕ بلاین ہُند مُقابلہٕ پیوٚمت کرُن۔ یِمَن سارِنٕی آفتن تہٕ بلاین منز چھ تمی ہمیشہ مسہ روٚزِ دِل لگیہ تہٕ اَسہِ ناوٕکرِ مِتی۔ مُلکس پیٹھ حملہ اَسی تِن سُدمُت یا ہشتہ فہ شُہ منزٕ زُکھ نہٕ کھ سیتی اَسی تن گرٕ بلکل جہنم بنیوٚمُت مگر لڈی شاہ تراوِ اَتھ پیٹھ تہٕ ٹھاہ ٹھاہ کران اَسُن کھنگالہ تہٕ لیدر یمتین تہٕ ہا یہ لدبتھین پیٹھ تہٕ اَنہ ووزٕ جار۔

یٚتام ادبک تعلق چھُ، وُچھُن چھُ اَی زِ آیا اَسی ہیکہ واہ لڈی شاہنہٕ کلامہٕ کُنہِ صنفس منز داخل کرِتھ۔ امِیُک جواب چھُ یہ زِ ہرگاہ اَسی لُوکہ شاعری (FOLK - LORE) منزٕ لڈی شاہُن کلامہٕ نِبر کڈو تیٚتہٕ روزِ کم قلیلی باقی۔ لُوکہ شاعری ہُند سرمایہ چھُ

کاشرِس ادبس منز سیٹھاہ کالہٕ پیٹھٕ موجود۔ تمہٕ وقتہٕ پیٹھٕ ییلہٕ نہٕ انسانن وُنہٕ لیکھُن نہٕ پرُن ہیچھمُت اوس نہٕ تِمن سورُے ادبی سرمایہ اوس سینہٕ بسینہٕ چلان تہٕ وُنہٕ چھہٕ کاشُر لُکہٕ شاعری ہُمیک اکھ بوڈ حصہ۔ لڈی شاہن باتھ چھہٕ، لُکن ہندین سینن منز موجود نہٕ ادیبن تہٕ لیکھن والین ہندین قلمن کُن ٹھلہٕ ٹھلہٕ وُچھان۔

شری واسدیو شرن اگروال چھہٕ ہندی زبانی ہندس اکھ جان لیکھن والی، تِمو چھُہ لُکہٕ ادبس متعلق وَننمُت زِ " لُکہٕ ادبس پیٹھ چھہٕ مختلف صورژو کنہٕ عوامچہ زندگی ہنز چھاپ آسان۔ لُکہٕ ادب چھُہ گوڈہٕ پیٹھے اسہٕ سیتی۔ وُرستس مُلکس منز چھہٕ اَتھ قدر کرنہٕ یِوان۔ انسانہٕ سندین سمہٕ کھن دمہٕ کھن، مایہ محبتن، بہادری، دوستی تہٕ دُشمنی یمو سارِوی چھہٕ رٔلتھ میلتھ لُکہٕ ادبس زُنم دِیتمت۔ رہن سہن، رسم و رواج، مذہبی تہٕ سیاسی عقیدہ غرض یم چھہٕ تِم ساری چیز یمو سیتی لُکہٕ ادب بنان تہٕ بدلان چھُہ۔ تکیازِ یم چیز چھہٕ پانہٕ وقتس سیتی سیتی بنان تہٕ بدلان۔"

تقریبن چھُہ یہ سپُد کُنہٕ مُلکُک تہٕ قومُک لُکہٕ ادب یوہے باسان۔ امیُک وجہ کیاہ چھُہ؟ اَتھ متعلق چھُہ اکِس عالمہٕ سُند وَنُن زِ دُنیہکی تقریبن ساری جاندار تہٕ بیجان چیز ییتھ پاٹھی لگ بگ نمتو بنیادی عنصرو سیتی بنیمتہٕ چھہٕ۔ ییتھے پاٹھی ہیکو اَسی وَنتھ زِ کینژہ بُنیادی پلاٹہٕ تہٕ گیہ تو سیتی چھہٕ لُک کتھہٕ تہٕ لُک باتھ بنیمتہٕ تہٕ تِہندہٕ باہمی ملہٕ ژارہٕ سیتی چھہٕ نوہٕ نوہٕ دلیلہٕ تہٕ نوی نوی باتھ بنان۔

لُک ادبس پیٹھ، چاہے سہ کتھہٕ اَسہٕ تن یا باتن ہندِس شکلہٕ منز اَسہٕ تن، چھہٕ کینژن چیزن ہنز چھاپ ضرور آسان۔ لُکن ہنزِ سماجی زندگی، تِہندین رسمن تہٕ رواجن تہٕ رہن سہن کین طریقن تہٕ باقی چیزن علاوہ یِہُند ذکر مِہ برونٹھے چھُہ کورمُت۔ چھُہ اَتھ پیٹھ لُکن ہنزِ کارکردگی ہندِ تواریخُک تہٕ چھاپ آسان۔ چنانچہ ییلہٕ اَسی یمن کتھن کُن نظر کرو لڈی شاہس کلامس پیٹھ نظر چھہٕ تراوان۔ اَسہٕ چھُہ فکرِ تران زِ لڈی شاہ

بأتھ چھنہٕ یِمَو پیٚٹھ ونٕنہٕ خٲلی۔ اَمہِ سٕندِ پٲٹھۍ ہیٚنہٕ سرسری جایزٕ نِتھی میلہٕ اَسہِ اَتھ منٛز بےٚ شُمار واقعات تِم تہٕ یِم زَن نہٕ وُنہٕ باقایدٕ پأٹھۍ تأریخَن منٛز لیکھنہٕ چھہٕ آمٕتۍ۔ یِم اگرچہ مٲمُولی واقعات چھہٕ مگر لُوکَن ہٕندِ ذٲرکردٕگی تہٕ تِہُندِ سمٲجی تأریخس منٛز چھہٕ یِمَن کٲفی اہمیت۔ اَتھ سلسلس منٛز چھیہٕ مےٚ اکھ مِثال یاد پیوان۔ یہِ سپد کٲفی دلچسپ تہٕ مشہور چھہٕ۔ ییٚلہٕ گوڈنیتھی مہاراجہ پرتاپ سِنگھنِس وقتس منٛز ہوٲیی جہاز کٔشیرِ منٛز آو۔ لُکھ اَسۍ باقی دُنیہِ ہٕنٛزِ ترقی نِشہِ بےخبر۔ اَوہ مےٚ کھہِ سپدِ تِم یہِ نٔوۍ سے کرشمہٕ وُچھتھ سیٹھاہ حٲران۔ اَتھ حٲرانی منٛز اوس کیٚنہٕ شرح خوف تہٕ شٲمِل۔ چنانچہ لڈی شاہَن چھہٕ اَمہِ وقتٕکۍ تاثرات یِتھہٕ پٲٹھۍ ٹُکھس منٛز پیش کٔرۍ مٕتۍ ؎

اَسمٲنی جہازٕ آو ملکِ کشمیر ... یِمَو وُچھ تِمَو پور توبہ تقصیر

وُسنٛکۍ اَسۍ قبرکھنان ... تِمَو دوپ یِم ہو چھی مودۍ وڈران

کأژاہ جایہِ چھہٕ دستی تہٕ ہوشیٲری سیٚتۍ لڈی شاہ لُوکَن ہٕندِ عام بےٚ علمی تہٕ جاہِلی ٹٕسنہٕ کران۔ تہٕ تِہُندِ عام زندگی ہِنٛد ہوبہو نقشہ سانِہِ اَچھن برونٛہہ کنہِ پیش کران۔ انسٲنی دِماغ چھُ اکھ نٔو کرشمہٕ وُچھتھ چھہٕ تِم توبہ پران۔ تکیازِ تِہُندِ کُنہٕ گیوو یہِ خدایس سیٚتۍ مقابلہ کرُن۔ یِمَو واقعو کنہٕ اگر اکھ کنہٕ پرٲنۍ چھہٕ اَسہِ علمس تہٕ عقلہِ منٛز ہیچھ باسان بیٚیہِ کنہٕ چھہٕ اَسہِ فکرہٕ ترٲن زِ لڈی شاہ چھہٕ ذہین تہٕ ہوشیار اوسمُت۔

محی الدین حاجنی

# ساٙنہٕ اَزٕچ شاعری ہُنزٕ ترٛایہٕ

خوداہ کرِن پیرِ عزیزاللہ حقانیس مغفرت تِہندِ ۱۹۲۶ء ہس منز رحمتہٕ حق گژھنہٕ پتہٕ گو وساٙنہٕ شاعری منز شہ دور شروع یتھ اُسی موجودہ دور ہیکو وٕنتھ۔ یکیازِ امہٕ ورِی پتہٕ یلہٕ یلہٕ کاٙنٛسہٕ شاعرن صرف پٔرون انداز بیان ورتوو۔ لوکو دِیُت نہٕ تتھ کُن رتیوٗت توجہ یوٗت نوین ترٛاین کُن دِتُک۔ شاید چھُہ یوٗہے وجہ زِ پرانین ترٛاوِ چلیہٕ وٕنی وارِیاہ شاعر (مثلاً مبارک شاہ فطرت، ابن حام سوپور بیترِ) زٕن تہٕ رایس تل رودی۔ یمن مقابلہٕ یمن شاعرن لوہ کیجارس منز غزل ونہٕ نش پراٙنی تربیت اُس مگر زمانہ بدلان ژٕ یوٗنک زِ لوک چھہٕ پرانیو ترٛاوِ سیتی ننگ ہی آمتی، تِمو کوٚر نوِ ترٛایہٕ کلامس اصلاح تہٕ نِیتھ پٔتھ کمشت گژھنہٕ نِش۔ قاضی نظام الدین، عمہ خوجہ تہٕ عبدالمجید ساٙرٕ ہی شاعر ین اُتھی گیچہٕ منز گنڈنہٕ۔

حقانی صابس اوس پتہٕ مین دوہن شاید پانس تہٕ فکرہٕ توٚرمُت زِ اگر کاٙنٛہ شرِ شاعری ہُند تخیل بدلِنہٕ تو تہٕ گژھہ زبان ہُنا کانٛہِ س ہش گژھنی۔ مثلن یم شار لیکھنہٕ وقتہٕ

وُنان از سوزشِ دل ہائے عشقو

غمگی زولانہ چھم در پاسے عشقو

تنہٕ ہیب نادرٕ ہُرتھم کینہٕ سیتی

ینہٕ در سینہ کرتھم جاے عشقو

آسہ تمہ پانہٕ ژ یُو نمت زہ ہیکہِ شارو سیتی چھہ کأشرٕ زبأنی صرف ہانژہی

یأژ لگان، یمہ مُوجب سیتی تمہٕ فرموو

گژھن نازن سرشی ہردم یژ ہی چھم

ژہٕ یس تراوکھ تژہی پیژ کرا ے عشقو

غمہٕ ہُتو سی بُمہٕ چأرِت مسہ روز

ژمہٕ رلہ شرنے ژہہ لگی نے آ ے عشقو

مگر فارسی لفظن نہٕ خیالن بدلہٕ چھرہ کوشر ژھانڈُن او سنہٕ حقأنی صأبس تمہٕ وقتہٕ ممکن یمہٕ وقتہٕ تمو ساری ومرہ پرانہٕ اندازٕ ساسہٕ واد شار لیکھی مِتی آسہ۔ قیاس چھُہ یی زہ اُخر دوہن (یسلہٕ — خوداسی کُن لگان چھہ!) آسن حقأنی صأبن تم ہاتھ لیکھی مِتی یمن منز یاتہ پیر آسنہٕ سببہٕ تصوّفس پیٹھ قلم تُلمت چھُک۔ یمن شارن منز چھُہ فارسیس سیتی چھراہ کوشر آمُت۔

منقبت :- برکوے وفا دہ نالہ فریاد

کہ روے صفا لبوے بغداد

بنلہِ گوس لڑھے پژھے تھوم آش

آسے بو یژھے کرتھے ونیے گاش

تصوّف :-

عقلہٕ ہوونقلا شکل آدمہٕ کُے — ھو ہاکہٕ زیرو بمہٕ روح ادہٕ ژاو

طوفانِ نُو حس زورق دمہٕ کُے — عأش آو غمہٕ کِے ژول آمہٕ ناو

دمہٕ سی چھوہ لہٕ ناد پموش بمہٕ کُے — دمہٕ سری تھود ژک آدم ناو

بادم روز ادۍ غم کیا چھُ یمہ کےٚ

ھو تکہٕ زیرہٕ بمہ روح ادہ ژاو

یمن سیتھ ہیوٚت کینژو شاعرو کاشرِ زبانہِ وننہٕ ورائی پانٕنۍ سانہِ شاعری منز جادہٕ پھہن کوشش ورتاوُن مگر روایژ ہُند اوس تھوُت زور زِ اگر اسد میر (وفات سنہٕ ۱۹۲۸ء) غزلن منز یا عبدالرحیم اعمیٰ (وفات سنہٕ ۱۹۳۰ء) عشقیہ مثنوی (قصہٕ بہرام گور) منز کانٛہہ لفظ یا کاشرِ ترکیبہ رٹِت انہٕ ہن تہٕ یہ "بدعت" اوسہِ کاشرِن پانس تارہ کھسان۔ تکیا زہ سنہٕ ۱۹۳۱ء پیٹھٕ اوس کشیرِ ہُند شعور "سیاسی آزادی" ژھانڈنس پتہٕ لوگمت، یمہ موجب عشقیہ شاعری کھوتہٕ "قومی شاعری" زیادہ چلے جاو لوگ۔ سون یہ حاجت کوٚر مجبورن تہٕ بیٚیہ وارِیاہو بییو پورہٕ۔ یموٚ کشیر، کاشری تہٕ بیٚیہ کاشرِن ہندی نوۍ تہٕ پرانۍ کارنامہ شارن منز اکنت غوٚلامن ہنزن رگن منز غارتُک تہٕ وطنکہ لولُک خوٚن دورہٕ نوو۔ امہ ساری شاعری ہُند مقصد اوس لوٗک تھوٚد تُلنہٕ تہٕ مُلکچ آزادی ژھانڈنۍ۔ مجبورہٕ ہین کنن یامت علامہ اقبال گُسند یہ مصرع گوو زِ "ہم بلبلیں ہیں اس کی وہ گلستاں ہمارا" تہٕ تمی کرۍ امہِ اشارہٕ سیتھ بیتہٕ چہ غزل گوٚیۍ ہُند اکھ بُنیادی تصوٗر بلکہ آیہ تہٕ گوو یِ زِ یس بُلبُلس سانۍ قریب قریب ساری شاعر پوشن ہُند فریفتہ بناوِتھ غزل اُسی لیکھان سُہ بُلبُل بنیوو وُنۍ کشیرِ ہنٛد پرِیتھ کانٛہہ روزن وول تہٕ کشیر بنے یہ تسنز پوشہِ وار۔ یمیُک نخارہٕ پرِیتھ کانٛسہِ ووٚرِ جانورس چھُ سہ

چانہِ باغُک خارہٕ جگرس نیٚرِ مین جاناورن

ژاے باغس منز دِیان چھُکھ تمِ کرن میونۍ بچاو

زور سالابُک چھُ ووٚلرس خطرہٕ وجہِ واوِکۍ تہٕ چھُس

گاٹھ چھی وُنہِ دوٗر وارا واو وُچھِو وُچھِو تراو ناو

مگر اکھ شاعرانہ تبلیغس مقابلہٕ رُود آزاد جاگیردارانہ نظامس ننہِ وانہِ پینہٕ بنہِ کران۔

تہٕ یِمہٕ ہٕنٛدِ وجہ چھُ زِ یِم دۄشوَے شاعر گیہِ عامس تام تیٚتھٕ زِ اگر یِمو ہنٛزن غزلن
منٛز پٔرِ دن طرزٕ تہٕ ورتاوٕ تہٕ لُکو موکھ شٔتہٕ اُچھن ادٕ ناہ ہٕنٛدِ سہ تغزل یَتھ منٛز زبٲنۍ
تہٕ خیالک نوٗرا اوس۔ چنانچہ یِہنٛد یہِ اثر چھُ وُنہ اکہِ نتہٕ بیٚیہِ رنٛگہٕ چلہٕ وۄنۍ۔ یِم اَسہِ
سانہِ ملکُکۍ تمام وٲری (۱۹۴۶ ہس تام) یِمَن منٛز سیٲسی لیڈر "مطالبات" ناوس پیٹھ واریاہ
گوٚساٹھ توٚمل اَسہِ سوٗمبراوان۔ یَتھ منٛز اکھ حصہ "رفاہِ عام" تہٕ اوس تہٕ واریاہ شاعر
تہٕ رٹ یِہندے تراوے تہٕ تِم لگۍ گراہ سماجکۍ بدنما داغ ثٲرِن منٛز نُخہٕ رادنہٕ (مثلن عبدالسبحان
حجام تہٕ المست بتیرٕ) تہٕ گراہ عوام کاشرن "قومی عصبیت" تیز کرنہٕ (مثلن عبدالت
عاصی بتیرٕ) یِہنزٕ مان مٲنۍ۔ یِم شاعر ۱۹۳۱ ہس تام صرف زُلف پیچانس الاندۍ اَسہِ
گامتۍ۔ تِمو تہٕ ہیوٚت عام لُکن ہٕندِن باتن پیٹھ قلم تُلُن (مثلن الیاس بیدار ووی۔
وفات ۱۹۴۱ء۔ عبدالقادر آثم وفات ۱۹۴۶ء) مگر یہِ چھُ تعجب زِ ساروَے ملکس
منٛز ایجیٹیشن چھِپِت تہٕ رُودی کینہہ شاعر یِم برونٛہہ کُن پکنہٕ بجاے پرانی ڈگرِ
رُودی تہٕ یِہنزٕ تراوٕنۍ وُسہٕ چارٕ تہٕ گٔیہِ برد نٔش بیٚیہِ تہٕ موقعہ آو۔ یِمَن ہیکن کینہہ
گروپ بنٲوِتھ۔

متصوفانہ شاعر۔ مثالے نیتھ احمد بہٕ نواب بازار (وفات
۱۹۳۶ء) صمد میر نمبل ہار (وفات ۱۹۵۸ء) نیل کنٹھ شرما (ولادت ۱۸۸۹ء)
یِہنٛد بنیٲدی اصوٗل رُود زِ مادی ترقی کھٔتہٕ تہٕ چھُ روحانی ترقی جادٕ ضروری۔ زندگیہ
ہِنٛدِ یِتھۍ نظریہ موجب آو یِمَن سورٕے جدوجہد اکھ ہنگہ منگ فساد اہ بوزنہٕ۔ یِمَن
تہٕ بیٚیہِ یِہنٛدۍ پٲٹھۍ سوچن والین ہٕنٛد اندازِ کلام۔ خیال تہٕ عقیدٕ رُود بلکل پرانے تراہ۔
یِمَن سیٚتۍ سیٚتۍ رُوز بیاکھ جماعت یوسہٕ اگرچہ تِمی تصوفس پتہٕ لگی مگر اُمِس یُس کتھ تیرٕ
منٛز ہٕتہٕ داد وُری یِہ پیٹھ ثٲرِن منٛز ونہٕ آمت چھُ۔ مگر یِمو بدلوو گوونک انداز تہٕ موجب
یِمو جان شہرت لٔب۔ مثلن احد زرگر تہٕ کیشو ناتھ مندلو (وفات ۱۹۵۷) مگر یِہنٛد شہرت

رُوز مسلمانن تہٕ ہِندین منز باگرِت تکیازِ اگرچہ دوشوٕے "ہمہ اوست" عقیدٕ تھاوان چھِ مگر زرگر آو اوکُن ایرانی تصوفہٕ سیتی تہٕ مندلو بھارتی ویدانتہٕ سیتی۔

احد زرگر ؎

کلمہ پرہ کرتن ، علمہ سینہ برتن ، دوتن یک تن سین تاے
ژُورہٕ لا گژھت لامکان
منہ نفش تنہ ناو ، شک تہٕ نفی تراو ، عین دریاو ژٕہی بن تاے
تھتھی پیٖو ناو یک۳سان

کیشوناتھ مندلو ؎

مایا چھےٚ ژھایا اَتھ نہ کینٛہہ پایا اُمی سٕنزی چھےٚ بازیگاری
کایا امہٕ نشہٕ پادٕہ سیدے پیٚو وشہ۳لسنہٕ آو سمسار
ہوشہٕ سیتی منہٕ کےٚ گوش مُژراوسہ تراوسہ یہ گرفتاری
چاوسہ بہٕ نےٚ پان مے معرفت ادٕہ سیدک خبردار!

یمن دشون سکولن دُبت مرزا عارفن تہٕ ماسٹر زندہ کولن وارِہس حدس تام علمی رنگ تہٕ شاید چھُ یہ ہے وجہ زِ امہٕ قسمچ شاعری رُوز وار وارِہہِ لگہ کہ ٹین شاعرن ہنزن زیون پیٹھ بروٗنہہ مے آیہ ترایہ۔ صرف بدلیوٚ تخنیک انداز۔ پرانہٕ وقتہٕ اوس اَتھ شاعری منز دینیاتی عنصر جادٕہ تہٕ از چھُ امیُک استدلال اخلاقی بنیادن پیٹھ۔

(۲) رزمیہ شاعری :۔ حقانی صابُس پتہٕ آے ترٛیہ بڈی رزم گو شاعر۔ سید مُظفر شاہ کریری (وفات ۱۹۳۵ء) یمو مختارنامہ کاشرِس منز وون۔ غلام محمد حنفی (وفات ۱۹۳۷ء) یمو قصہٕ امیر حمزٕہ کاشرِس منز تور تہٕ نیل کنٹھ شرما (ولادت ۱۸۱۶ء) یمو نیٚیہ سرٕہ راماینُک خلاصہ شعرن منز لیوکھ۔ مگر یُس وُنہٕ چھاپ گژھنے چھُ۔ اگرچہ یمہ ترٛینوٕے جنگ نامہ کلاسیکی رزمن منز مُجرا چھہ کھینہٕ پیوان۔ مگر کاشرہٕ زبانی ہندہ لحاظہٕ

مُوجب رُوز بیہنہ رزم آرائی قریب قریب ترٛچھی پیٛٹھ اَسہٕ باقی جنگ نامَن منٛز وُچھنہٕ
یِس - پلاٹ اگرچہ الگ الگ رُودی، مگر منظر نگأری رُوز پرٛانے آیہ - رامایِنَس پیٹھ
چھینہ بروٚنہہ کانٛہہ آخری راے قأیِم کرٕنۍ - اگرچہ جان چھینہ، مگر اَمہ کہ اَکہ نمونہٕ سیتہٕ
چھُہ نوٚو تہٕ تران فکرہ زہ شرماصاحبَن طرز کہ قسمہ چھُ - باقی دوٚن رزمیہ کتابن ( یِم زَن
چھاپ چھہ گأمژٕ ) وُچھِت چھُ اَسہ بوٚڈ ہیوٚ بیٚتھ حِصلہ کأفی زہ سانہ زبأنۍ منٛز تہٕ کیا
وأتی یِم کلاسیکی کارنامہ - یامے تِہُند انداز بیان پرٛونے ہیوٚ کیا زہ رُود نہٕ -

(۳) عشقیہ مثنوی :- مولانا حیرت اگرچہ رعنا زیبا وِنت کأشرِ شاعری سیتہٕ
وارِیاہس کالس رُوشِت رُودی - مگر دوٚنی ہیوٚت یِموٚ بییہ کأشرِس کُن یُن - تہٕ از چھہ یِم
مثنوی مولانا رُوم کٲشرِن شارَن منٛز اَنان - رعنا زیبا پتہٕ یِمہٕ مثنوی لیکھنہٕ آیہ - تِمَن
منٛز چھہ محمد شعبان ڈار لیشواری سُند قصہ بہرام گور، محمد اسماعیل نامی ( وفات ۱۹۴۰ء )
سُنٛز "شیرین خسرو" تہٕ لسہٕ خانٛز "گُل بکاؤلی" قریب ڈبلکیٹ گأمژٕ - تِکیا زہ
یِمَن بروٚنہہ اَیس یِمہٕ منٛزٕ زہ ادبی کارنامہ بہرام گور تہٕ شیرین خسرو - احمد اللہ ہاکبارَن
محمود گأمیَن وَنہٕ مژٕ نہٕ چھاپ گأمژٕ تہٕ گُل بکاؤلی چھہ وارِیاہو بییو شاعرو ( مثلن نعمہ
پرے صفاپورن ) وَنمژٕ - مگر وُنہٕ چھہ چھاپ گژھنے - یِم سارے ( بلکہ ہییہ مالہ سوا
باقی سارے عشقیہ مثنوی ) چھہ بییَن زبانَن ہِندی ترجمہ، یِمَن ہُند اندازِ کلام ، زبان
تہٕ تصورِ حُسن رُود نہٕ صرف پرٛانے تۍ آیہ - بلکہ بلہ یِمَن کتابن وارہ سٕنۍ، یِم سارے
چھہ پرٛانِہ ترجمہ کرن والین ہِندی پأٹھۍ آزاد ترجمہ - یِمَن منٛز اصلک لفظی ترجمہ چھُنہٕ
نہٕ بلکہ چھہ واقعات کأشرِس منٛز تارنہٕ آمتۍ -

اَتھ روایژ کوٚر سانہٕ ازی کیو ادیبو حال حالی نوٚو سے اضافہ - تِمہ گوٚو اصلک
لفظی ترجمہ - چنانچہ غلام احمد مقبل - غلام نبی فراق تہٕ نادِم چھہ از انگریزی شاعری ہِنٛزٕ
کینہہ جان نظمہ ترجمہ کرِتھ منہ کرِ لیمتۍ - غلام نبی خیالن چھُہ عُمر خیام سٕنٛزن رُباعین کوشُر

ترجمہٕ کوٚرمُت۔ یُس اوترٕ اوترے کتٲبی صورتس منز چھاپنہٕ آو۔ تہٕ مسہ نہٕ چھہٕ مسدس حالی کاشرِس منز لفظٕ لفظ ترجیح کوشش کٔرمٕژ۔

(۴) تغزّل۔ یتھ منز پرٲنے ترٲبہ چلہٕ وٕہین منز چھہ پیدا ن جوان مرگ دلسوز (وفات سنہ ۱۹۴۵ء) مجید میر اسلام آباد (وفات سنہ ۱۹۵۱ء) تہٕ غلام احمد ناز (ولادت سنہ ۱۹۱۶ء؟) تہٕ کشتوارکی قریب قریب ساری حالئے حیات شاعر (مثلن فتح جو بازدار، غلام رسول نشاط۔ غلام احمد اُلفت، ہنس راج وزیر) مہجورس تہٕ آزادس پتہٕ غزل گمٕژی نووٕ رنگ دِنہٕ والین منز چھہ فاضل (ولادت سنہ ۱۹۱۴ء) عارض (ولادت سنہ ۱۹۱۶ء) تہٕ نواز رتن پوری (ولادت سنہ ۱۹۲۶ء) بیترِ تم شاعر یمو پرٲنہِ یہٕ تہٕ پیٹھ تہٕ پرٲنس مسالس سٕے عمارت بنٲو یوسہٕ وارِہٕہن پیٹھے پیٹھے وُچھن والین بلکل نوی چھہ باسان۔ یا تہٕ زمانکٕ رنگ وُچھِت نتہٕ پننہٕ فکرہٕ گیہٕ یمن سیٹھا بیہٕ تہٕ وارِہٕہن شاعرن ہمت پادٕ تہٕ تم لگو نہ پرٲنہِ اندازہ معشوقس صرف زارٕ پارٕ کرنہٕ بلکہ اگس وننہٕ زٕ ژٕہ تہٕ چھےٚ سٲنی تیژٕ ضرورت ییژٕ اسہٕ چانی ضرورت چھہ۔ یُتھے یوت نہ بلکہ معشوق رُود نہٕ وُنی صرف انسانی اوت بلکہ مناظر قدرت تہٕ۔ انسانن منز رُوزنہٕ صرف مٲری منز زنانے یا زٕ بلکہ سوسایٹی ہندی باقی طایفہٕ تہٕ۔

(۵) لوک شاعری۔ سنہ ۱۹۳۱ ہس تام اوس اتھ منز یا لڑی شاہ پیدان نتہٕ روٗزٕ تہٕ وننہٕ وُن۔ بیہ کینہہ مزاحیہ یا طنزیہ "نامہ" (پہلو نامہ۔ لبے بوٗرج نامہ۔ گریسی نامہ۔ پیر نامہ وغیرہ) مگر ووٗن گمہٕ وسیاسی ہیہٕ دٕہرہٕ منز لڑی شاہ قریب قریب نابود۔ اما یوٗز روٗزٕ تہٕ وننہٕ وُن اکیتھ کنی رُود پرٲنے ترٲبہ بیت کنی گوٕ پرٲنہٕ کھوٕ تہٕ اتھ جان توسہٕ جار۔ بلکہ اگر یتہٕ وُنو زِ کینژو شاعرو دیت سوٗرسے توجہ اُتھی کُن، نتہٕ چھنہٕ اپُز (مثلن غلام حسن ڈرائیور تہٕ غلام مصطفےٰ منظور) اتھ خلاف چھُہ "لڑی شاہ" دِنی کینہس یوہ ہے بے سر راہو تہٕ سماجی طنز و مزاح اگر کانہہ لیکھان تہٕ چھہ مگر خوفِ جانہٕ موجب چھُنہٕ نُنُو راوان،

علی محمد کنول تہٕ روشن چھہ اَکھ صنفس منز توہہٕ تہٕ وٕنی کمنس غنیمت۔

پرانین یمَن لیکن علاوہ دژایہٕ ۱۹۴۷ٔ ہس پیٹھہٕ سائنس ادبس منز کینہہٕ نیہ تژایہ۔ یہندی اسباب ژھانڈان پرپھتہ کانہہ نقاد بن ہینہٕ لیپہ پکہٕ۔ مثلن قومی شاعری ونہٕ کانہہ اکھ یہٕ چھہٕ آزادہٕ سُندٲثر، بیاکھ وَنہٕ یہٕ چھہٕ سیاسی بلوغک وجہ۔ بیکھ کنہٕ ونہٕ اکھ ”عوامی شاعری“ یہٕ چھہٕ ترقی پسند ادبک پروگرام تہٕ بیاکھ وَنہٕ یہٕ چھہٕ کشیرہٕ ہنزہٕ عام پریشانی تہٕ افلاسک ادبی ردّ عمل۔ یہٕ دَپن وارِیاہ کم زہ ادب چھہٕ اکھ تیتھہٕ تہذیبی سِلسلاہ یتھ منز ادیبہٕ سنز شخصیت تہٕ ماحول چھہٕ ہی شریک۔ ماحول اگر ادیبس ییہ وُچھایہٕ ہند اکھ پائتر البتہٕ سہ بنہٕ خضر مغربی تہٕ کڈتس اُٹھ اُٹھ یہ ہے ماحول، اگر زندگی وُزہٕ ناونک اکھ زیُٹھ سِلسلاہ ییہ بوزنہٕ سہ بنہٕ غلام رسول آزاد تہٕ ونہٕ ؎

سپھڑاہ عالم چھہٕ وُنہٕ درپردہ رُوزِت

کھٹِت نظرو تیشہٕ اسہٕ ژوُرہ رُوزِت

ژہٕ وہ لٹہ تھوُد تُل نقاب تہندہ بُتھہٕ پیٹھہٕ

تمن تھتھراے لیکھی مژ چون بُوزِت

یہٕ چھہٕ گوڈہٕ شاعرہ سندس ذہنی کلچرس پیٹھہٕ دارومدار زہٕ آیاتس پیٹھ کُس واقعہٕ تژاوہٕ سوُن اثر۔ پتہٕ تسندس قوتِ اظہارس پیٹھہٕ مُنحصر کہ کیتھہ کنہٕ ہاوہٕ پنہٕنی تاثرات۔ یہ چھہٕ کاشرہ ادبچ خوش قسمتی زہٕ یتی میوہٕ ہوُدُ ہوہ وُنی کیہ پیٹھہٕ یہ سہ ییہ نوُترای سانہ ادیبو رُٹ سہ سیپہرز سانہٕ ادبکہٕ خاطرہٕ سپھڑاہ فریش ثابت۔ تمہ سیتی آو سائنس خیالس تہٕ سانہٕ زبانی اکھ بوڈ سرمایہ اَتھہٕ۔ مثالے نِی تو موجودہ شاعری ہندی ژم کینہہ قسم یم حال حالی نییہ یہ

(۱) قطعات، یُرونہہ اوس فارسیس تہٕ اُردوس منز اَمہٕ ناوی وارِیہن شاعرن ہُند کلامہٕ بوزِمُت۔ مگر کاشرہ اوس نہٕ کاشرس منز یہ صنف ورتاونک مُستقل شوق کوزمُت۔ ووہ نی اگر غلام رسول نازکی تہٕ غلام رسول آزاد تہٕ بیہ کانہہ شاعر یہ فن جان پاٹھی ورتاوہ

اُسہِ وۄنہٕ زِ وُنہِ تام اوسنہٕ بیرُونی دُنیاہٕچ اکھ مشاہدہ سانِین شاعرن وۄزُمُت ۔ وۄنی بیس یہِ وۄزُتمیٚ کوٚر کاشرِ شاعری منز اکھ نوٚو بے تجربہ پیش ۔ یتھ وُچھی وُچھ واریاہن شاعرن اوکُن کل گیہ ۔

(۲) رُباعیات یا دُو باعیتی :۔ لغوی معنی کنہِ وۄنہٕ اَسہِ یہِ یتھ تتھ ژُو مصری (چہار مصری) بندس رُبائی یتھ گوٚڈنکین دوٚن مِصرن قافیہ سمہِ ۔ مگر علم عروض زانن والیو یمہِ پابندی یہِ اَتھ مقرر کرِ مژ چھِ [ مثلن یِ زِ اَکہِ خاص بحرِ نہبر ہیکنہٕ رُبائی ییتھی زانہٕ یا (۲) (بقول رودکی) شہِ زحاف مانِت چھ رُباعیہ صرف ژوٚوُہ وزن ممکن یا (۳) (بقول امام حسن قطان خراسانی) زِ یمن ژوٚوُہ وزنن ہیکن بییہ باہ وزن تہٕ اُژِت ۔ (سحر عشق آبادی) ] یم چھ تیتہ زادٕ مسلہ تہٕ اَوٕل شرط ۔ یمن وُچھتی شاید سانین پرانین شاعرن رُبائی لیکھنس کُن خال خالی دۄتھ اَتھ آمژ ۔ وۄنی اگر مرزا عارفن ژُو مصری بند لیکھنی ہیٚتی یمن منز واریاہ کلاسکی اصولو موجب رُباعیہ چھ ۔ اُسہِ وۄنہٕ زِ یم یم بند عروضہ مطابق رُبائی چھنہٕ تم گیہ دُو باعیتی ، یُس یہِ یتھ کنہِ زبانی منز اکھ الگ "صنفِ سخن" چھُ تہٕ یمیک زن سانہِ زبانی رُباعین ہندُے سیٚو ضرورت چھُ ۔ مرزا عارفس وُچھان وُچھانی لگی از قریب قریب ساری شاعر پنینہ کنہٕ رُباعیہ لیکھنہٕ مگر عروضی قواعدٕ موجب چھ یہنزٕ کوشش صرف "دُو باعیتی" ۔

(۳) سانیٹ ۔ اَتھ تِل دِس نادِم صابن نہ مگر تِتھے تِمن بیاکسی نمایندگی ناڈِ گیہ تِمن رُودِ یہِ تجربہ اَڈ وَتی ۔ خۄدا بُوزن تِہنڈ سورُے وقت مہ لگنہٕ صرف تِمن کارن کُن یمن گام کُن" کاوٕ یِنہِ وول" چھ وَنان ۔ تِکیازِ تم مانن پانہٕ زِ سانہِ زبانی ہنز کانہہ کمی پۄرہٕ کرنی چھ واریاہو تھیتو کانفرنسو کھۄتہٕ زیادٕ ضروری ۔ یم دوٚن جوراہ گرٕ چھی چھ لُوکن مُشت گرٕ شھان ۔

(۴) نظم معرّا تہٕ آزاد نظم ۔ سنہٕ ۱۹۴۷ء برونہہ اگر کانہہ شاعر یہِ شاعری

کران اوس، تہٕ اوس نہٕ وُنہِ عامس جادہٕ وۄپدٕ گومُت۔ مگر اَمہِ وَرِی یۄسہٕ یٕیلہِ کلچرل کانفرنس بنیوو نہٕ ترقی پسند تحریکن روٗٹ کشیرِ منز سیٚخ زور تہٕ اَمہِ شاعری کٔرٕ تُھدٕن پانژن وَرِین اندر پتہٕ تیز ترقی ییٚنز بیین مُلکن منز دٔہ وَرِی گژھت تہٕ سپٕز پٕژ اُس تہٕ۔ اَمہِ ادبی تنظیمہ سیتی بنیوو اَکھ کنہٕ "ادب برائے زندگی" شاعری ہُند مستقل اصول۔ ییمیتہٕ کنہٕ لگو قریباً سارِی نٔو شاعر ییم اَتھ کانفرنسس منز ژاے نظمِ معرا تہٕ آزاد نظمہٕ لیکھنہٕ۔ ییمن برونٹھ برونٹھ اُسی نادِم، راہی، رۄشن تہٕ دٕچھن کھۄوری عارف کامل تہٕ بییہ ورچنہٕ واد نو شاعر ییم عوامی راجکی عاشق اُسی۔ اگرچہ وارییاہن یہ عشق سیتی ژھۄہ کیوو تہٕ، مگر کانٛسہِ شاعری یمہ یہ فوٗترای رٕٹ سہ رٕوز چلہ ہٕنی تہٕ دٔہ ہٕ کھۄتہٕ دہ ہٕ پھۄلہٕ وٕنی۔

(۵) **مسمّط**۔ سانہِ پرانیو شاعرو اگرچہ مسمّط شاعری ہندی کینہہ قسم آزماوِ ہنٕ تہٕ اُسی۔ اما پوز پتہٕ مین دٔہن بیہن وَرِین گوو اَتھ شاعری پرسچھ رنگہٕ برُ ژر۔ وُنی چھِ پرچھ سنجیدہ شاعر یہ زانان زِ صرف غزلہٕ تہٕ مثنوی سیتی ژلہٕ نہٕ ژنٛڈ۔ تہٕ حال حالے ییمہ کتابہٕ چھپہِ مژہٕ چھہٕ (ییمن منز امین کاملہٕ سنٛز مس ملر، فانی سنٛز حباب، المستہٕ سنٛز بالہٕ یار راہی سنٛز نورو زِ صبا چھہٕ) ییمن اندر چھ مسمّط شاعری ہندی وارِیاہ قسم بالخصوص مثلث مربع، مخمس) مسدّس کُن چھ وُنہِ کمی گمژ۔ یُس مہٕ مولانا حالی سندِس مسدّسُک ترجمہ کوٗر تھتھ وَنو "نقل از اصل" یہ اوس اُمی عام شوقک نتیجہ زِ پراہ شریفک غلام احمد دلبر چھِ ہیکان مسبّع (ستہٕ مصری بند) تہٕ پانپرک احد صُوفی مُعشّر (دٔہہ مصری بند) لیکھت۔

(۶) **عوامی شاعری**۔ دیتھ ٹہڑاوہ کھالنہٕ خاطرہ کُنہٕ کُنہٕ پھرٕہ "حقیقت پسند ادب تہٕ چھ وَنان) یہ اوس عام سیاسی بیدآری ہند اَکھ بوڈ ہیوٗ فائدٕ زِ شاعرن آیہٕ سانہ سماجکی پست طبقہٕ نہٕ تھتھی اہم لبنہٕ۔ ییتھی برونٹھہ زمانہٕ "مقدر" قوم اُسی مانہٕ آمتہٕ۔ تمہ سیتی ییلہِ اَتھ خیالس ترقی پسند تحریکن زیرہٕ ہَن زیرہٕ ہن دِژ، سانِہ ادبن رُٹ اور کُن مستقل ژاے۔ چنانچہ یتھ شاعری ییٚنٛژ کینہہ وَرِی برونٹھہ لُوکن اُسن یییہ ہے تھتھ ییٚنٛژ چھ شاعر

اَنہٕ فخر کران ۔ اَتھ سلسلس منٛز اوس برونٛہہ کانٛہہ فاضل صاحب کرالہٕ کوٗر تہٕ ہیہلہٕ کوٗر لیکھِتھ پنٛن تُہمت ۔ مگر وۄنۍ حبلِ المتین "کھٕرۍ ہانزٕ نۍ" بہارن "گاڑۍ واجینہٕ" پرٛیمین پوٗجۍ کِتھ واجنہٕ ہند" تھی " تہٕ نادِمن "ڈال ہانزٕ نہٕ ہُند وٗرثٕن" لیوکھ ۔ تۄکہٕ زونن نہٕ شاعری کیٚتھ کنۍ

ہیکہٕ زِندگی ہِندس پرٛیتھ اندس واتنِتھ ۔ اَوٕے چھہ از اکثر شاعر پست طبقن سٕے ننٛدرے ہوٚت یہے یوٗت کوتاہ وٚنی وٚنی وٕزہٕ ناوان ۔ اکھاہ روٗشن بنتھ ٹُکن منٛز تہٕ بیاکھا عارف بنتھ رُباعین تہٕ دوٗہ باتن منٛز ۔ وۄنۍ کینٛہس آسہٕ کٔشیرِ منٛز خالی کانٛہہ سُہ جوان شاعر یمہٕ نہٕ اَکہِ نتہٕ بیٚکہِ رنٛگہٕ "عوامی شاعری" منٛز کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ لیوکھمُت آسہ ۔ اگر ترقی پسند تحریک اکِس خاص معاشی نظامس منٛز گٔنڈِتھ ہیے نہٕ ۔ اَتھ شاعری اوس کٔشیرِ ہندٕ افلاسہٕ موجب وۄہہ کھیوٚ تہٕ وۄہہ بڑاوان ۔

۷) متفرقات :۔ یہِ تہٕ میوٚن وَہن بَہن وٕرین یمہٕ کوٗشش کٲشرِ شاعری شیرنہٕ خاطرٕ آیہٕ کرنہٕ تِمَن منٛز آسہٕ بزمِ ادب تہٕ بزمِ کُہنہ نگ پوش بۄڈ یا کھوتہ تِمہٕ زِ منظم جماعژ یموٚ یتہِ کیٚن شاعرن کُنہی نے تہٕ تہٕ یوٗت ہۄن فِکرٕ تاریوٕ زِ شار وٚنن وول گرٛٮ۪ھ شار بوزن واگی ہندس وفتس قدر کرن ۔ گرٛ ھ کیٚتھ شارن منٛز نہٕ انٛن تہٕ گیھ آمتی غیال مُشراون ۔ ادب برائے زندگی پوٗز زانٛنہٕ خاطرٕ نہٕ "ادب برائے ادب" بلکل پوٗر جوٗر آمتی نظریہ مانٛن تہٕ کٲشرِ زبانۍ منٛز شاعری کران گۄڈہ یینہٕ نے زبانۍ ژھونڈِ ہن تہٕ یتہٕ اورہ یور وۄہہ زُم تلُن ۔ یتھ حدس تام بزمِ کُہنہ نگ پوش جادٕہ نۆ ہر ژھانڈنس یتہٕ لیچ منٛز اُسی تِتھی حدس تام اُس کٔشیرِ بزمِ ادب پرانِس ادبس رٔچھان تہٕ عمر رسیدٕ شاعرن نۆ ہر ہاوان ۔ تہٕ یتھ کیٚنۍ اوس یژون تہٕ نوٚو ادب مان ماجۍ شیرٕ سنبالنہٕ یوان ۔ یتھ وری تحریکہٕ سپنٛز اوس پرٛیتھ نوٚس شاعرس یہِ فکرٕ تران زِ دُنیہس منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شخص اوری آمُت یُس پنٛنِس کلامس اصلاح کرٕ ناوُن چھُنہٕ کانٛہہ ہنک تہٕ بے اصلاح کلام گۄو بے اصلاح انسان ہیو ۔ نتیجہ درایوٚو یہِ زِ وارِیاہو نیوٚو شاعرو کیٚجو گۄڈہ یٚھے

کلامہ منز چھِ وچھِ (حشو و زواید) نبر "پُر گوئی" تہٕ فضول گوئی" گیہِ یہِ واریاہ کم تہٕ
زندہٕ وزامیتی استعارہٕ تہٕ تشبیہہ گیہِ یہِ قریب قریب نابود۔ ہیموک ثبوت مظفر عازم،
فراقؔ۔ فانیؔ۔ دلشادؔ بیٖمیہِ درجہٕ واد شاعر ہیکن دِتھ۔ مگر وینہٕ آسہ بزم ادب تہٕ بزم گونگ
پوش پھانپھلائین تہٕ ییمن گیہِ چھلہٕ چھانگر۔ تہٕ یم ییم نیہ تزا یہ وُنہٕ سائنس ادبس منز آسہٕ
جاے رٹائی تمن گوو پھر سٹہٕ ترم۔ تہٕ پریتھ کانہہ شاعر رُود ییٖہ نس پانس پانے
اصلاح کرینہٕ۔ کینژس کالس یہِ "تیٖمی" وُچھت اگرچہ بزم ادب ناوی دِلہٕ ہیتھ ترینگرس
تام تریہ زور جمائتھ دِنی گیہِ۔ مگر ییہند ارادہٕ تہٕ پروگرام رُٹ اُمست تہٕ رُود ییہند اتہٕ
رسوخ پانسی سوم۔ نو تہٕ چھُ غنیمت زہ کانہہ کانہہ گروپ چھُ سانین کینژن شاعرن
ہُند کلام کھیر چھ کھالان۔ یُتھہ زن اکسی نوپر زھانڈان زھانڈان پرائہ نشہ تہٕ اکھ چھلوینہ
بالخصوص یہِ سرت زہ انسانس چھُ ہمیشہ کُنہ کارس منز کانہہ نو تراے رٹن وزہ گوڈہ
گوڈہ شہ تذبذب روزان۔ یُس تس واریاہ پھرہ پرانس ہیتھ تہٕ چھ شک پادہ
کران۔ ہیمہ تجربک نمونہ چھینہ امین کامل صائبی یاتی بلکہ ییہ کینہہ بزرگ تہٕ ییمو منز بہٕ
صرف اکھ گروپ نیمن۔ دمن زمانن ہندی کاشری شاعر۔ اژموکس دورس منز نوبر رٹان
رٹان پیہوو گوڈہ واریہن ادیبن یہِ مسلہ بُتھہ زہ کیاہ کاشر زبان تہٕ چھا تژھ زبانا ییتھ منز
شاعری گژھہ کرنی! مثلن شمس الدین غمگینؔ تہٕ غلام رسول نازکیؔ یم علی الترتیب فارسیکی
تہٕ اردو کی جان شاعر چھ۔ زمانچی تراے وُچھیت ہیوت ییمہ اَدوریہ گژھت یہِ مانُن
زہ کاشر زبان تہٕ ہیکہ شعرک بار تژالت۔ ییمن خلاف چھ جناب شہزور یم اردو زبانی
ہندی پوختہ شاعر چھ۔ مگر یم وُنہٕ تہٕ اتھی عقیدس ہیتھ ڈٹت چھ زہ کاشرس منز شعر
گوئی اگر خوش کیتھ چھینہ تہٕ چھ محض تنگ بندی۔ طاؤس بانپوری (یم اُردو کی جان عالم
تہٕ شاعر چھ) اگرچہ حال حالی ہیتھ مادری زبانی منزہ شاعری ہندی عقیدت مند بنی رٕنچ
چھ۔ مگر لیکھان چھہ پننہٕ قومی زبانی یعنی اردوس منز۔ ییمن مقابلہ اوس کینژو پتہٕ اپو ادیبو

زَن تہٕ برونٛہہ ژٕھیوٗن مُت زِ جبر کاشرِس ماگہِ کُنہِ دوہہ پکلے جاو۔ تہٕ تمو اوس بٔنۍ ادبی ذوق برونٛہہ دوٚن زبانن منٛز باگرمُت۔ یِمَن منٛز مولانا حیرت تہٕ امرچند وَلی ہی یِم آسۍ شاعر چھِہ یِوان۔ چنانچہ حیرت صاحب چھِ شستہ (زبان) وُہرِ گُزٕھت فارسی تہٕ کاشُر تہٕ ولی شٕہاٹھ وَرِہی کرِہات اُردو تہٕ کاشُر شاعری کران۔ جوان شاعرن منٛز اَسہِ ییٚہ تراے رٔنٛگ برٕ پیٚشِ صابن تہٕ تنہا انصاری صابن یِم زَن کاشرِس سٟتۍ علی الترتیب ہندی تہٕ اردو شاعری منٛز بوٗز شاعر چھِہ گنٛزراونہٕ یِوان۔ کاشرِ زبانۍ ہیٚنٛدِ تذبذب نِشاوَن والین ہندِس ردٕ عملس منٛز آے سانہِ وقتہٕ کینٛہہ تِم شاعر یِمَو کاشرِس سٟتۍ حدٕ کھوتہٕ جادٕ عقیدٕ گوو تہٕ تِم بنے یہِ اَکِہ حسابہٕ کاشرۍ "پُرگو" شاعر۔ مثالے پٔنۍ تو نندہ لال امبار دار تہٕ نبہٕ پیرناوہ پور۔ امبار دار صابس یہٕ کینٛژھاہ لوکہِ چارہٕ ہیٚچھِ ہُنتھ پوٚدٕ خاہ تہٕ کیا زِ اوسنہٕ اکھ عارضی تہٕ ژٕلہ ووٚن قصا تِھنٛز ہیٚنٛدِ لگۍ شاعری فرماونہٕ۔ نبہ صابس آو نہٕ زانٛہہ تِمو فارسی تشبیہو تہٕ استعارو سٟتۍ قلم تنگ، یِمَن اَسہِ سٟتۍ میوٚہ ہنٛز واد وَرِی لۍ ہیٚنٛدِ عشقیہ شاعری منٛز زَڈٕ زَڈ کڈان روٗدی۔ یِتھِیٚن شاعرن ہنٛز شخصیت کھرِ کرنہٕ ورٕ چھُ نقاد راوان۔ امبار دار صائب ہیٚکہِ دٕنہٕ تہٕ پانس پانے نقاد بٔنِت، مگر نبہٕ صائب چھُ دوہہ نۍ ژمرِ آمُت۔

پرانہِ رہکِہ ہبرِ نبرن والین ہُنٛد چھِیت چھُ اَسہِ اکھ "عمرانی اصول" یاد پیوان، سُہ گوو یِ زِ کُنہِ وقتہٕ چھُ بدلان، مگر شاعر چھُنہٕ ہیوان بدلٕنۍ مٹی۔ فلسفہ دان چھُ وَنان زِ یہِتھۍ انسان چھُ پرٕ یتھ طائیفس منٛز ییٚہ دِ زِ تہٕ ہیٚکے رٕہتھ ہی آسان گمتھ۔ یِم نے سوسائیٹی سٟتۍ یکُن تورٕ تہٕ چھِ یہنٛز اَسہِ بیکہِ اندہ منٛت، سہ گَیہِ یِ زِ یِم چھِ کینٛہہ پرانۍ چیز پوٚرہٕ وفاداری سان تھٕوِ کُنہِ پرانہِ آیہِ رٕژھرِتھ تھاوان۔ یِتھِ کُنہِ محکمہ آثار قدیمہ چھُ پرانین عمارژن روے ڈالنہٕ بغار پرانے تراپہٕ شیرِتھ تھاوان تہٕ توٚے چھُ سانہِ اُزِ چہ شاعری ہنٛزن تراین منٛز قدامت پسندی سہ تراے یوہ پرانان پرانان تہٕ یِچھ نوان روز منٛز ؎

نُور محمد بٹ

# شاعری تہٕ حقیقت

حقیقت کیاہ گیہ ؟ اَسہِ ژٕھپنہٕ کھیوٕرِ یہِ کیٚنژھاہ چھُ سہٕ چھِ ساری حقیقت ۔ اَدٕ ژٕنیہ آدٕک گرٕ ہیز اُسہِ تن یا جہٕ یہِ ہندسوٕت سوٕت ساز ۔ آرہٕ وٕلہِ ہُند سوختہٕ بدن اُسہِ تن یا گلابکہٕ رٕویُک وٕسہٕ زٕہ جارہٕ مُلنائی طیطرٕ اُسہِ تن یاوٕن ہٕار ۔ انسانہٕ سندِس دِلس منٛز ژٕرٕ روٕزنی یا ژھوٕلہٕ ژھوٕل کرٕ روٕزنی ارمان اُسہِ تن یا لاشعورس منٛز حسرت تہٕ پریشانی ۔ غرض یہِ کیٚنژھاہ یتھ دُنیہس منٛز چھُ تھ ساری چھِ وٕنہٕ حقیقت ۔

شاعر چھُ اتھ حقیقژ نقل تُلنہٕ خاطرٕ پننین لفظن ہندین خزانن بٔھالان ۔ یہِ چھُ اتھ چھمبٕ ، سٕتہِ ژاری ژاری لفظ کڈان تہٕ کلابوژکی پاٹھی زمانہٕ کِس نالس چھاوان ۔ یہِ چھُ پانے نقش گرٕ تہٕ آسان ، کلابوت چھاوان وٕوٕل تہٕ ۔ یُوت اُمی سُند یہِ نقش ہوٕل ہوٕل تہٕ طرحدار آسہِ ، تیُوت گژھہ لُکن یہِ خوش مگر خٲلی نقشی یوت کرٕ نہٕ کار ۔ ہرگاہ تمہِ دُوز ناہ ہیچھ رٕ ییہِ آسہِ تہٕ بٔیہِ کلابوژ تیچ تار ٹھیک آسہس نہٕ ۔

یتہِ یہِ اُسی مانوٕ زٕہ شاعر چھُ حقیقژ نقل بٔرتھان کٔرِتھ ۔ اَسہِ چھُ یہِ ہیوان لازمی من یہِ کتھ تسلیم کرنی زٕہ کُنہِ چیزٕک نقل چھُنہٕ تمہِ کِس اصلس رژھہ رژھہ برابری ہیکان کرِتھ ۔ مثلاً اُسی چھِ کُنہِ وقتہٕ بازرس منٛز اکِس نقلی کھ کرہٕ اُلس وُچھان ۔ اُسی چھِ وُچھان زٕہ اُمی چھُ آسان چھعہٕ کاکدٕ کی یا بٔیہِ کُنہِ چیزٕکی نقلی کھ کرٕ یا باقی جانوٕر بناوٕی ۔ تمہِ وقتہٕ یتہِ اُسی اُمس کھ کرس ییچھ نظر ژاوان چھِ ۔ اَسہِ چھُ یہِ اصلی کھ کرٕ

نشہٕ سیٹھاہ چھوٗت تہٕ بے اثر لگنہٕ یوان ۔ یُزر تہٕ چھُ تی ۔ مگر یہِ فکرٕ ترٛاوِت تہٕ چھِ اُسی کاکدِ ہی کوٚہ کیٚرِ وُچھِت غور یِش گژھان تہٕ کوٚہ کرِ بناوَن وٲلِس تعریف کران ۔ یُوت اُمی کوٚہ کرِ بناوَن وٲلی اصل کوٚہ کرس نقل کرنس منٛز نظر ہیوٚر آسہٕ ہٲوِمِژ ، تیُوت چھِ اُسی اُمس تعریف کران ۔ یتھے کنۍ چھِ شاعر تہٕ پننین شارن منٛز کانٛہہ حقیقت وٕو یدِ اُنہٕ خاطرٕ پننی ہیوٚر ہاوان ۔ مگر اُمی سنٛز ہیوٚر چھِ کوٚہ کرِ ٲلی سنٛزٕ ہیوٚرہ کھوتہٕ سیٹھاہ کھری دار آسان ۔ ہُمس کوٚہ کرِ وٲلِس چھُ آسان کوٚہ کرِ بناوِنہٕ خاطرٕ کوٚہ کرِ سنٛز ییٚرِم حال ٹھال یا رنگ روغن وُچھُن مگر شاعرس چھُنہٕ آسان بُتھِ یوت وُچھُن ، تمُس چھُ ہیوان کوٚہ کرِ سنٛز ژھالہٕ تہٕ وُچھنہٕ ۔ اُمی سنٛزن دلہٕ چھین راین تہٕ گژاین سیٹھی یکُن ، وٲنیجہٕ ہنٛزٕ دُبر رایہٕ سیتی کن دِیُن ۔ ییٚلی ہیکہ یہ اُمی سُند اندریُم بنیرِیُم حال پننین باتن منٛز سونہٕ بر اوت ، یُوت یہ شاعر کوٚہ کرِ سنٛزن دلہٕ چھین راین تہٕ گژاین سنہٕ تہٕ ییمہٕ دلچہ رایہ تہٕ گژایہ پنُن اُچھ گاش زٲلِت پننین شارن منٛز وسیراوِ تیُوت آسہ اُمی سُند شار قابلِ تعریف تہٕ حقیقتھ نکھہٕ ۔ یُوت یہ ژھوٚر تہٕ حقیقژ دوٗر آسہ تیُوت آسہ یہ بے مزٕ ۔ امہٕ خاطرٕ کرِ یہ المستن اکھ شار پیش ۔

حُسنہٕ کیہہ وُچھ بیٹھ عبث پرکھو دِل
سنگدلن کیٚہ ہے اثر کیاہ لوو دِل
گو سرے کنہٕ نی اوٗتام اسہ چھوو دل
ییٚندرہ ہوٚت میون کمیٚ سنا وُزہٕ نوو دِل

حُسنس تہٕ عشقس چھُ تیتھے واٹھ یتھ تمس چھُ مازس سیتی ۔ اگر حُسنس عشق بیتر آسنہٕ حُسن چھُ تیلہٕ بے کار ، تہٕ لال یُس کنہٕ منٛز بند دوٗر کنہٕ پہاڑس بیٹھ ییوٚ مُت آسہ ، یتھے کنۍ روزہٕ عشق بے معنی ، ہُمنہٕ مُشدِہ ہند جن ہیوٚ ، اگر حُسن اُمس سیتی آسنہٕ حُسنس چھُ عشقہٕ سیتی معمول تہٕ عشقس حُسنہٕ سیتی ۔ حُسن چھُ بظاہر ستیوٚ سادٕ مگر

خداہ رٔچھن اُمی سِندِ پوٗژھلہٕ تہٕ وِہٕ نیشہِ ییمہِ وقتہٕ یہٕ وٕرہٕ ہوٗل لاگان چھہٕ، اَدہٕ چھُنہٕ کینہہ ہماشماوٗ چھان۔ عشقس بچارِس چھہٕ نزہٕ ناوان، در بدر کران، ژھایہ گتہٕ کران، لاروٗک چھُس وٕنان دار تہٕ داروٗک لار۔ عشقس چھُ دِل آسان نرم تہٕ لوہ۔ اکھ اَسے سِتھاے مشقالس سوٗمب اکھ کینہہ اَژہٕ اکھ چھُنہٕ قرارٕی لیوان۔ حُسنس تہٕ چھُ دِل آسان مگر سخت شٔشتٕرٕ ہیُہ۔ المتن چھُ پننس شارس منٛز اَمِکُے حال بیان کوٗرمُت۔ اُمی چھُ معشوقہٕ سِندِس دِلس کہہٕ وٕچہٕ سیٚتؠ تشبیہہ دِژمٕژ۔ کہہ وٹ چھُ کُنہ آسان۔ کہہ وٕچہٕ پیٚپھٹھ دِل پرکھاوُن تہٕ پتہٕ کنین پیٚپھٹھ چھاوُن۔ اَمہٕ سیٚتؠ چھُ اُمی سِندِس شارس منٛز حُسن سپدمُت، پادٕ تہٕ اُسی چھہٕ یہٕ وُچھیت واہ واہ کران۔ ہرگاہ اُسی اکھ سنۍ اَسہٕ ترٕہ پانٕسے فکرہٕ زہٕ یُس عشقہٕ نارٕن زٕوٕ مُت آسہٕ تہٕ یمُس یہٕ یُنٛہٕ آمُت آسہٕ تمی سِنٛز حالت آسہٕ اَمہٕ شارہٕ کھوتہٕ سیٚٹھاہ پُر اثر۔ راہؠ شُند اکھ شار نمونہٕ ؎

زرد بوٗ وَمہٕ کہٕ آفتابس وٕ شلیوٕ گلاب ساقی

چھُنہٕ کأنٛسہٕ چانٕہِ حُسنُک پھوراں جواب ساقی

شاعر چھُ وٕنان زہٕ معشوٗق میوٗن چھُ تِتھُوٗت حسین یُسنہٕ دُنیہس منٛز کانٛہہ جورٕ سے بیرہٕ۔ اُمی کُنہ چھُ یہٕ پننٕس شارس منٛز یہٕ وٕنان زہٕ یُچھُکھُے یہٕ پننٕ پرتوٗ نژاوان چھُ۔ آفتابس چھُ بُتھس زردی پھیران تہٕ گلابس چھُ وٕشلُن کھسان۔ آفتابس چھُ رنٛگ زرد آسِتھی تہٕ گلابس تہٕ چھُ رنٛگ وٕزُل آسان، مگر شاعر چھُ وٕنان زہٕ یمن پیٚٹھ یہٕ حالت محض میوٗن معشوٗق وُچھِتھ، اَتھیا زہٕ تمی سِندہٕ حُسنُک تاب ہیوٗ کُنہٕ یمو اُنٛت۔ شاعرس چھُنہٕ پننِس معشوقہٕ سِندِس حُسنس برابر کہینہ لیوان بوزنہٕ۔ یہٕ کرہٕ ہا اُمس کُنہٕ تتھس چیزس سیٚتؠ مقابلہٕ یتھ تم ساری صفت آسہٕ ہٕین یم اُمی سِندِس معشوقس چھہٕ مگر تمُس چھُنہٕ کہینہٕ چیز تیُتھ اکھ لیوان۔ وٕونی چھُ یہٕ دٕچھنی کھوورٕی وٕنی دِوان زہٕ کیتھہٕ کُنہٕ ہاوہٕ یہٕ اُمی سِندہٕ حُسنُک بجر۔ اَمی چھُ گرا تارکن گژھان تہٕ گرا گلابس نکھہٕ گژھان

اَمہ برونہہ زِ بہ کرِہ اَمہ کھوتہ زیادہ پرُاثر شار پینہِ نِس خیالہ کِس حقس منز پیش
پُچھس دیبان زِ بہ رٹہ انسانہ منزہ سرگرمی ہنز بیاکھ شاخ سمہ گیہ توارِیخ ۔

مے چھُنہ یاد یہ کُس توارِیخ دان اوس، یمی یہ پرٛتھوی ودِ زِ بہ لیکھہ، اکھ توارِیخ گر سمہ لیکھہ صحی تہٕ پیز ۔ اکہ دوہہ اوس یہ توارِیخ دان پننہ گرہ ہاہت تیبری کنی سپد کیاہ تام واقعہ ۔ اُمی پرٛژھ کینہ ژن ترہن شخصن یمو یہ واقعہ وُچھمُت اوس زِ یہ کیاہ دلیل اُمِس سارِوٕی دِژ نس پننہ پننہ طریقہ ترٛژھ کھ یمَن اکھا اکِس سیتی کنہ ہشتَر اوس ۔ اُمی وُون پننہ دِلس سیتی یا باری تعالے یہ گیہ معمولی کتھ یوسہ سانین اَچھن ڈیشمان سپد ییہ ۔ یتھ منز چھُس بہ حاَران زِ کوہ سرہ مش کتھ ژھ پَنز ۔ وومنی ہیکاہ بہٕ بیتر بُڈ توارِیخ صحی تہٕ پَز لیکھت

اکبر بادشاہ اوس ہندُستانس منز راج کران ۔ اَمہ وقتہ اوس اکھ شخصا اکھ اُمی اوس پننِس پانس باز بہادُر ناو کوٚرمُت ۔ یہ اوس مالوہکُک سلطان بنیہ مُت ۔ اُمی کوٚر اکہ دوہہ پننِی فوج جمع تہٕ ہیوتُن بنیُس اکِس ریاستس پیٹھ حملہ کرُن ۔ اَمہ ریاستُک مہاراج اوس مُودمُت تہٕ اَتہٕ اُس اُمی سٔنز رانی تختس بیٹھ ۔ اُمِس اوس ناو مہارانی دُرگاوتی ۔ دُرگاوتی اوس تیوُت فوج زِ باز بہادُرن ہیوٚک نہٕ اُمِس مُقابلہ کرِتھ ۔ یہ آو ژلان ژلان تہٕ ووت پننِس مُلکس واپس ۔ اکھ منز گیہ اُمِس واریاہ بہادُر جرنیل تہٕ سپاہ اکھ ۔ اُمِیُک سپد اُمِس سخت صدمہ ۔ اَمہ پتہ ییُٹھ اُمی زِ میہ گُژھ دِلس خوشی وا تھ ۔ یہ اوس دوہس راتس عاش وعشرتس منز آسان ۔ سیتارن، ربابن تہٕ باقی سازندرن منز اوس دوہ نی دوہ گُذران ۔ اَتھی منز کوٚر اُمی اکِس زنانہ سیتی نیتھر ۔ اُمِس اوس ناو رُوپ متی یہ اُس ساز تہٕ وایان، گیوان تہٕ، شاعر تہٕ اُس، نَژُن تہٕ اوسُس تمگان ۔ یمو صفتو علاوہ اوسُس لوہ کچار تہٕ حسن ۔ دیان حسن اوسُس تیوٚت، یکہ ووِنی لُکھ اُسی رُوزت گرژھان ۔ ییہے کرٕ باز بہادُرن نیتھر کرِ اُمِس اوس رُوپ متی سیتی تیُتھ محبت گومُت زِ اُمِس ورائے اوسُس نہ میونڈ تہٕ وسان ۔ اکبر بادشاہ ییلہ واریاہ علاقہ زینان زینان گو کیُہ تام وونُس مالوہ چھ

اکھ ریاست یِتھ باز بہادُر حکومت کران چھُ۔ اکبر بادشاہن سوزِ یٚن اکھ سالار ادہم خان اَمِس سر کرنہٕ۔ باز بہادرن ہیٚلہٕ یہ وُچھ زِ بہٕ ناہکہٕ ناکینہہ کرِتھ یہ زٕوٗل سلطنت نیہ ادہم خانن اَتہٕ آو اَمِس واریاہ مال و دولت اَتھہٕ۔ یہ گو واتہ مست۔ اَمِس تہٕ پیٚیہ رُوپمتی پیٹھ نظر دِل تنبلیوس۔ شیٚچھ سوزنس "ووٗنی گیکھ زِ ساٚنی" اَمہِ سوزِ ہس واپس شیٚچھ زِ یمن دِل وُچھاو آسہِ گومت نشن کیا زِ چھکھ ناحق ژٕتادان۔ باز بہادر تہٕ گو وتہٕ زندگی ہندی پار اوتہٕ پیٚیہ پیٚتھر دِلہٕ چیٚن تارن لُس مضراب وِپہ ہاییٚلہ بر سٚے تہٕ تیلہٕ کیا ہو؟

اُدہم خانن سوزنس بیٚیہ شیٚچھ زِ یہ گو نہ جان تہٕ دوٚپنس فلانی دوہہ کرُ زِ میٚہ سیٚتہٕ ملاقات۔ ہیٚلہ ووٗنی سمکھنکُ دوٚہ آو۔ اَمہِ لاگِ نٚوی نوٚی پلو، یمن مُشِہن عطر متس ہتھ نتھاوِن گلاب پوش تہٕ روٗز بادشاہی پلنگس پیٹھ بِہِتھ کُن لرِ تراوِت۔ ادہم خان آو وقتہٕ پٕرو نہٕ ہٹی ہنا۔ یُتھُے اوت منس ووت اَمِس تُلُن کلہ پیٹھ ڈیٚپٹر بِہِ وہ چھین مُمرِش۔ اَمہِ اوسُس زہر کھیومُت۔ یہ اَس نہ بٕرداشت یہ محبت یہ لول بیٚیس باگراوُن۔ اَمہِ دوٚپ یمہِ عاشیچ زندگی کھوتہٕ چھ موت تیٚچ تلخی بہتر۔

یہ چھُ اکھ تواریخی واقعہ۔ اَمہِ کینٛہ چھُ اَسی ونان زِ یہ آسہِ پوٚز۔ مگر یمہِ وقتہٕ یہ واردات سپدیمٕژ آسہِ تمہِ وقتہٕ کوتاہ زُودار آسہِ ہا یہ بوزنہٕ پیوان۔ زِ کیا زِ یوسہٕ اَسہِ یمہِ بروٚنٛہہ اَکس تاریخ دانہٕ سنز مثال دِژ۔ تمہِ تلہٕ چھُ تران فکرِ زِ تواریخ تہٕ چھنہٕ کُنہِ حادثس یا واقعہس صحی پاٹھی لیٚکھت ہیکان۔

وونی دِمہٕ بہٕ بیاکھ اکھ مثال۔ اَکہِ دوہہ گوو میٚہ کُنہِ یہ مصرعہ ؎

دِل پُھٹُن چھا گُل پُھٹُن تہٕ اس گژھِہس۔

بہٕ سنیوس اَتھ مصرس۔ میٚہ تُرنہٕ فکرِ یہ چھا کانٛسہِ شاعرن وَنمُت کِنہٕ لُکہ چھُ پانہٕ گوٚومُت یا تُھرمُت۔ مگر بہٕ گوس حیران زِ وُچھنو دِل پُھٹنس کتھ سیٚتی چھک واتھ دِتھمُت تہٕ اکھ کوتاہ ہشر چھُ باسان۔ میٚہ دوٚپ اَمیچ قدر زانہٕ سٚے یمِس پانس دِل پُھٹمُت

آسہٕ یِمَس دُنیہِ کیو لُوکو تہٕ وقتن ژٕکھٕٹ ژاٗنی مِتہٕ آسَن۔ یِمَس ازلہٕ لاٗنی ڈٲلکہٕ چیٖن رٕکھن بیہٕتھ تہٕ خندق بناوٕنی متہٕ آسَن تہٕ وۄدٕ وۄدٕ اَنیوٚ پہیہ مُت آسِس۔ یِتہٕ نِس چھُہ تران اَسہٕ فکرٕ زہ شاعرٕ سُند تخیّل کیٚتاہ تھوٚد چھُہ۔ اُمی کاٗنتاہ طرفات چھہ ژھانڈِ متہٕ تہٕ اُتھی لَنجہٕ بیہتھ چھُس قرار اَمُت۔ اَتہٕ نِس چھُہ شاعرس سیٹھاہ تھوٚد شرف مگر یہ سہٕ حالت دِل پھٹن وِزہ کاٗنسہٕ شخصس گژھہ تہٕ یہ سہٕ ژھرٕ ژھرٕٹ تمی سٕندِس دِلس گژھہ تہٕ یہ سہٕ آواز تتھہ تمہٕ وقتہٕ نیرٕ تتھہ نکتہٕ ہیکن شاعرٕ سٕندی لفظ بابۍ یس فنکارٕ سٕندی طریقہٕ رٹنس منز پوشِت۔

وۄں کرہ ہے کانہہ اعتراض زہ ہے شاعر چھُنہٕ نقّال آسان۔ سُہ چھُنہٕ کُنہٕ واقعس ہُبہُو بیان کرِن یژھان۔ تیکیا زہ زندگی ہُندِ یِم واقعہ آسان چھہ تِم چھہ آسان سیدی تہٕ سادہ۔ شاعرس چھُہ قدرتن تخیّل تہٕ وجدان دِتمُت۔ یہ چھُہ یِمو دۄیو نعمتو سیتہٕ حقیقتکین سیدین تہٕ سادن واقعہن تتھہ کنہٕ گران، شیران تہٕ معنہٕ جران زہ یِم واقعہ چھہ اصلی زندگی کھۄتہٕ زیادہ حسین تہٕ دلکش بنان۔ اَتھ منز چھُنہٕ کانہہ شک زہ شاعرس چھُہ قدرتن اَکھ برکت آسان دِژمژ۔ سُہ گوو اَمی سُند تخیّل یِیلہٕ یہ تخیّل ڈۄڈو کران چھُہ۔ اَدٕ چھُنہٕ اَتھ ہیکان کانہہ پیٚتھ پوشِت۔ یہ چھُہ لامکانکی سیٚل کران۔ مگر یِنہٕ چھُہ یہ زہ یِیلہٕ شاعر کانہہ واقعہ یژھان چھُہ بیان کرُن۔ تمِس چھُہ مدِ نظر زندگی ہُند کانہہ تھوٚد واقعہ آسان یُس اُمی ہِنہٕ ہوٚ اَچھو سیتی وُچھمُت یا بوزمُت یا پوٚرمُت چھُہ آسان۔ یہ چھُہ یژھان زندگی ہُند کانہہ سہوٚد واقعہ یا حادثہٕ تھدِس واقعہس ہیوٚ بناوُن تہٕ تخیّل ہہ فنہٕ کہ وِتہٕ سیتہٕ کُنہٕ جایہ رٕبہٕ رژھہٕ ہن کُنہٕ جایہ تہٕ ہہ پھُلی ہن یا کیسرٕ پھُلی ہن تہٕ کُنہٕ جایہ گھاسہٕ کوٚٹ سیتہٕ مبرٕ اَنُن تہٕ اَکھ اوّل بناوُن۔ یِتھے چھُہ اَمی سنز ہونر یِیلہٕ اَکھ عام انسان اَمی سنز یہ ہنر تہٕ حرفہٕ وُچھان چھُہ سُہ چھُہ حیران گژھان یا یِیلہٕ اَکھ شاعر بیٚیس شاعرٕ سُند تھوٚد کمال وُچھان چھُہ سُہ چھُہ حیران گژھان۔ اَتھ اَمی سنزِ ہونرہ چھہ پیوان تعریف کرٕنۍ۔ تعریف چھہ اَمہٕ کِنہٕ پیوان کرٕنۍ تِکیازِ یہ چھُہ آسان انسانہٕ سنز ہونر۔ اَمی سُند کمال۔ اَتھ چھُہ پیوان اَمہٕ کنہٕ واہ واہ کرٕنۍ

زِ اَکھ منز چھُ اُمس افسانہٕ نٔوِشنس محنت تہٕ کٔب آسان ۔ یہ محنت تہٕ کٔب چھ اُمس تیٖلہٕ رٔژھ کھسان ییٖلہٕ اُمس یِم شار لیکھنہٕ باوٕنہٕ خٲطرٕ آسن راتھ راوِمژٕ ۔ اُچھن ہیٚنڈ تیل آسِس دوٚدمت ۔ قدرتکین رنگارنگ تماشن سنٕنہٕ خٲطرٕ آسِس خبر کاژاہ گرٕ راوِمژٕ ۔ پننِس دِلس سوٗدرس وونت ژھانڈان ژھانڈان آسہٕ نِس تخیُّلہ چہ نرٕ زنگہٕ ژھیٚنت پیٚمژٕ ۔

تیٖلہ کیاہ وجہ چھہ سہ یُس شاعرٕ سندِس شارس حقیقژِ مقابلہ پھیوٗٹر دوان چھُ ۔ شاعر تہٕ چھُ شارس پادٕ کران تہٕ قدرت تہٕ چھ حقیقژِ ڈمبہٕ دوان ۔ یعنی یِم چھ دوشوے خٲلِق ۔ مگر دوشوٕنی ہندِس کٲمِس منز چھ زمین آسمان فرق آسان ۔ تکیازِ ! امیُک وجہ چھُ یہ زِ شاعرس نِشہٕ چھینہٕ تِم اوزار یا نتیجہٕ مسالہٕ آسان ییتھ زن قدرتس نِش آسان چھُ ۔ مثلاً اَسی نِمون اکھ شکلہٕ بناوَن وول فنکار یعنی اکھ مصوّر ۔ فرض کرِو اُمس آسہٕ اکھ گُلچ تصویر بناوٕنی ییٚمہٕ وقتہٕ یہ گُلچ تصویر بناوِہ ۔ اُمس پییہ گُلچ اکھ اکھ لَنٛڈ تہٕ اکھ اکھ پنہٕ وُچھرٕ وُچھن ییٚملہٕ یہ اکھ پوٗرٕ پاٹھی وُچھہ تہٕ سمجھہ ادٕ تلہٕ یہ پنُن بُرش تہٕ بناوِہ اَرُچ تصویر ۔ ییٚمہٕ وقتہٕ یہ تصویر اَسہ برونٛہہ کُن ییہ اَسی وُنی ییک دم زِ ہاے یہ ہَسہ گییہ گُلچ شکل ۔ مگر یوٚسہٕ زندگی اصل گُلس منز چھہ تہٕ یُس رَس تہٕ مُدرِیر اَمہٕ گُلس میوٗس منز چھُ سُہ کتہٕ ییہ اَمہٕ شکلہٕ منز لبنہٕ ۔ گُلچہ رگہٕ تہٕ پنہٕ وُتھر ہٲشنِزٕ لرٕ کانہٕ ییٚمہٕ اصلی گُلس منز موجود آسن ۔ تِمہٕ کتہٕ نیرن بینتہٕ بینتہٕ فنکارٕ سنزِ شکلہٕ منز نیٚنہٕ ۔ اَمہٕ منز دراو یہ مطلب زِ قدرتس نِش چھُ گُل بناونہٕ خٲطرٕ واریاہ مسالہٕ مثلن گُلہٕ خٲطرٕ چھُ گوٚڈ ڈنٛجھی میژ، تَمہٕ پتہٕ آب وہوا ، گُکھلہٕ جاے تہٕ بییہ افتابہٕ قدرتس نِش ۔ مگر فنکارس نِش چھہ صرف رنگ ، بُرش ، پنسل تہٕ کاغذ ، گتہٕ یا کینوس ۔

بییہ خٲمی اَسِت تہٕ چھُ فنکار کینہٕ شِن کتھن منز قدرتس بروٚنٛہہ پیٚٹھ یہ کمت یہ چھہ صحی کتھ زِ قدرتی چیزن منز چھہ زندگی آسان سو زندگی بوٚسہٕ نہٕ شارس یا تصویرس منز چھہ آسان ۔ مگر سو زندگی یا حُسن چھُ یِمن قدرتی چیزن منز یا یِمن قدرتی واقعہن منز یکدم ختم گژھان تِمہٕ ژانگِکھ پاٹھی یُس کینژس کالس پزلہٕ تہٕ ژھیتہٕ گژھہ ییٚلہٕ

کُنہ قدرتی چیزس زندگی ہُنٛد تیل ختم گژھ نہٕ سعہ تہٕ۔ موناً لِزا آیہٕ یتھٕ دُنیاہس منز تہٕ گیہ کینٛہہ کالا رُوزِت وایس میٛرِ تہٕ منز۔ مگر فنکارن بناو اُمی سٕتی تصویر تہٕ تھاوٕن وُمرِ زندہ قدرتُک نظام چھُ کینٛژن قانونن ماتحت حرکت کران۔ اَمہ کِنہ چھِ پابند۔ فنکارس منز تخلیقی قوت تہٕ چھِ کینٛژن قانونن تابع آسان۔ مگر یہ چھُ آسان وارٕیاہن کتھن منز آزاد۔ مثلن اکھ بچہ چھُ پاٚدٕ سیدان یہ چھُ بڈان۔ جوان سیدان۔ اُمی سُند قد، جسمُک موہر تہٕ رنگ چھُ گنڈُت۔ یعنی یہ چھُ کُنہ قانونس تابع زیوان بڈان تہٕ مران۔ مگر فنکار چھُ ہیکان پننہ ہمہ ترہ سعہ تو کُنہ وقتہٕ اُمی سُند قد یا موہر قدرتی قدرٕ یا موہرٕ کہ حدٕ کھوتہٕ زیادٕ بناوِت، اکھ چھِ وَنان مبالغہ آمیزی، مگر مبالغہ آمیزی سعہ تہٕ چھُ شاعر یا مصوّر تمہ چیزُک اثر زیادہ گہرٕ پیٛدٕ ہاوان کرُن، تاکہ اَسہ بیٛیہ حقیقت زیادٕ جاندار لبہٕ۔ شاعر چھُ تشبیہہ تہٕ استعارٕ سعہ تو حقیقی واقعہس رٕتم طومار گران زہ اسہ چھِ حقیقت صحیح پاٚٹھو فکرٕ تران۔ حقیقت چھِنہٕ اَسہ تشبیہہ یا استعارہ دوان۔ اَمہ علاوہ چھُ شاعر داریاہ پھیرٕ پننہٕ ہیٛن شارن منز پننہٕ ذہنی رُجحان تہٕ وہراوان۔ یُسہ حقیقژ منز مبیٛتر ہیٛکہ سپدِت۔

لہٰذا اگر اَسی بحیثیت مجموعی ووچھو زہ حقیقت چھا زیادہ حسین کِنہٕ شار چھُ زیادہ حسین، اَسہ تَرہ فکرٕ زہ حقیقت چھِ وارِیاہہ رنگو کِنہٕ شارو کھوتہٕ زیادہ حسین۔ شاعرٕ سُند شار چھُ اَسہ اَمہ کِنہ خوش کران ہیکیا زہ تمِہ منز چھِ شاعرٕ سنز ہمہ ترٕ آسان شاعرٕ سٕنز کرامت آسان یوسہ نہ عام انسانس ہاوٕنی چھِ تگان۔ بیٛیہ چھِ شارو سعہ تو اَسہ حقیقژ ہندی کینٛہہ پہلو سیٛدھاہ صاف فکرٕ تران۔ یُتیٛ یوت نہٕ شارن منز چھِ موسیقی تہٕ آسان، لہٰذا شار پرنہٕ یا بوزنہٕ سعہ تو چھِ اَسہ دِل خوش گژھان۔ یمن منز چھِ فکریانی حرکت تہٕ آسان۔ بیٛیمہ سعہ تو اَسہ اَتِ کُن زیادہ لگاو پاٚدٕ گژھان چھُ۔

# غزل





# غزل

لولہ ہیتھ ارمان میانی چانہ کلہ پیٹھی آلہ وتھ
تی اگر مرضی چھہ چانی چانہ کلہ پیٹھی آلہ وتھ

مانی چانی لن ترانی چانہ کلہ پیٹھی آلہ وتھ
تی اگر مرضی چھہ چانی چانہ کلہ پیٹھی آلہ وتھ

پوش چھہ کتہ بتہ راز پیٹھ تم ہم کیتھن چانین باران
چانہ خاطرہ کامہ دیہ ماسویہ گہ کس باغس بھران

نو بہار ہچ گل فشانی چانہ کلہ پیٹھی آلہ وتھ
تی اگر مرضی چھہ چانی چانہ کلہ پیٹھی آلہ وتھ

لوکھ دیارن پیٹھ نژان بہ لولہ تارن پیٹھ نژان
لوکھ ستارن پیٹھ تہ بہ چانین اشارن پیٹھ نژان

ژھون مہ دورہ آسمانی چانہ کلہ پیٹھی آلہ وتھ
تی اگر مرضی چھہ چانی چانہ کلہ پیٹھی آلہ وتھ

چانی حسنن چوونس بہ دوہ ژھہ دوہ ژھے آب حیات
چانی لولن بخشنم میہ موتہ کے غمہ نش نجات

آلہ وتھ دنیاے فانی چانہ کلہ پیٹھی آلہ وتھ
تی اگر مرضی چھہ چانی چانہ کلہ پیٹھی آلہ وتھ

کالہ اوہ برس منز چھہ وزہ ملہ پرہ لتھی دم پیٹھ تلان
کالہ دلسی منز میہ زون حون نے تلاطم پیٹھ تلان

ڈوٹھ ہش اشہ چی روانی چانہ کلہ پیٹھی آلہ وتھ
تی اگر مرضی چھہ چانی چانہ کلہ پیٹھی آلہ وتھ

یاوناہ پیٹھ زن تس حسنہ کمالن تون ظہور
شگفتین وزہ ناوون زن صبحکے پھولون سے نور

صبحکس روہ ہنز روانی چانہ کلہ پیٹھی آلہ وتھ
تی اگر مرضی چھہ چانی چانہ کلہ پیٹھی آلہ وتھ

بخُشمت مِهه ڀيٺ جهاز سُ ڇکي قطب هاڻ وُڳ تيا دِل — روز اُٿه ٿيبي ڪُن سِرَن ڏول ها ڀيٺ ڪِنه ڪُن دِل

ئدرسي ته نيچ نشائي چاڻه ڪلهه پيٺهو آله وِٿه — ڦي اگر مرضي ڇهپه چائي چاڻه ڪلهه پيٺهو آله وِٿه

مرحبا کهسُون يه ياڏُن مرحبا حُسن ۽ جمال — گور هِيٿه الست ۽ ڇڪِي تس مصوره هند ڪمال

مصوري ميائي غزلخواني چاڻه ڪلهه پيٺهو آله وِٿه

فِي اگر مرضي ڇهپه چائي چاڻه ڪلهه پيٺهو آله وِٿه

•

امر چند ولی

# غزل

اندرٕی اندری واپہ روشتے ہائے میہ دل نارٕ دوٚد
رنٛہہ نہٕ دہٕ یتھ وارہٕ وارے ہائے تُندرے نارہٕ دوٚد

ذوق و مالک یارہٕ سنزٕ نے دِلس زورم موئے
نار گونڈُم میہ دِلس سوٗرے تیتھے بُتھ نارہٕ دوٚد

گژھنہٕ گژھ تِی شُنیہِ ہس نے غائفلو میونٔے مقام
داریا ہے بالِ عنقا آہہ کے انہارہٕ دوٚد

نافہمی وُچھ دُچھی کیا لیکھہٕ بوٗ سوز و گداز
مژرہٕ کےٚ ظعون آہہٕ صحرا تہٕ تمی اظہارہٕ دوٚد

ہاوہٕ ہا بو داغہ نبی ہُند زُول موکلیومُت یہِ دِل
مازہٕ کیاہ اَتھ زُولہٕ سی یتھ زالہٕ دوٚن امارہٕ دوٚد

چھُم تمنا بے دِلی ہُند غالبو میونے یہِ دل
سردمہری وقتہٕ چھِی ڈیشِتھ ولی آوارہ دوٚد

(غالبس ترجمہ)

حیرت کاملی

# غزل

نسیمن وُزہ ناوٕ مسوٚل زخاب آہستہ آہستے
صبا گُستاخ گوٚو تُلنس نقاب آہستہ آہستے

تٔہ سائی سوٚنبلن ہیچہ کارِہ ٹیٹکہ بٹہ نین اشارہ کوٚر
اَسائی نازہٕ سان وٚدٕ نِہس جواب آہستہ آہستے

گُلن چاکِ جگر، شبنم وَدن، سوسن چھُہ وٚیرِتھ ناوان
وَنان یمبرزلن تعبیرِ خاب آہستہ آہستے

دٔنے کیاہ نوبہارن چہ مجلسے ہندِ شانِ زیبائی
چھُہ تُلمُت سوٚرِ گچھیو حورو نقاب آہستہ آہستے

شگوفن ترایہ اکہ وُگرایہ واوہ چہ پوشہِ رُوداد کوٚر
کوٚرن برونٹھی ادا ہر ڈُگ حساب آہستہ آہستے

شبس منز جبرتن کرٚ یادہ نکہ جوشے سیاہ مستی
دوہس یتھ کُن کوہس گوٚو آفتاب آہستہ آہستے

٥

دینانا تھ نادم

# غزل

مہ تھاو کھنٹ کھنٹ ژٕ جام ساقی ژٕ یہ سینتی چھُ واراہ حساب باقی
میہ خونِ دل از سیٹھاہ چھُم چوٚن کیُتھ ژٕ ژچھ یگاہ کیُتھ شراب باقی

گوٚمُت گُلالن اُچھن چھُ پچہ پھیرُن تہٕ سوٚنیلن پاٚری زان ڈُجمژ
چھنا غنیمت چھُنی ہیمبرزل یمُس اُچھن وُنہ چھُ آب باقی

یوٚتام میہ جگرس اَلاو قایم یوٚتام میہ چشمن جلاو قایم
توٚتام میہ آبس اتھ شراکُ تورتاں ژٕ یہ روٚپس گلاب باقی

ژٕ ییلہ تیٚلی یِچھ بہ پوش لاگے بہ آلہوٚے پوشہ توٚلہ سنز لے
بہ سونت دوہ نی گو ژھ ہُرزا نھ تہ سوٚرن میہ خاب روزہ خاب باقی

خبر ژٕ یہ مایاد چھے سہ دوہ ییلہ میہ یاد پیوہم سوال کوٚرمے
اُچھو ونیو تھم ژٕ یہ حال واراہ وُٹھو تھوٚیو تھم جواب باقی

ژٕ یہ چھے کیٚتن کن انقدِ دے ژٕ وٚ تہ جان دل یا جگر ژٕ منگہ ہم
مہ وُچھ ژٕ میانین چھنین اُتھن کُن مہ تھوٚ یگاہ پیٚتھ حساب باقی

بہ لوٚلہ چی زِ بیٹھ وُلھ قیامت نہ تُم ہیٚنس دم دِتس تہ موہلت
قدم قدم انقلاب جگرس نظر نظر اضطراب باقی

گُلالہ رنگہ نادِمس چھُ شارن گوٚہا بہ چی لوٚبے تس خیالن
تھکتھ ژٕ بیٚتھ تس ارادہ نی وُچھ چھُم یاونُک آب تاب باقی

دیناناتھ نادِمؔ

# غزل

یہ یارِی سندِی مے امارِی کوٚرنم اگر تہٕ میون لولہٕ نار کرِہ ہے
نہٕ حُسن زوٚرِ نہٕ تاپھ کرِہ ہے نہٕ عشقہ یاوُن نثار کرِہ ہے

بُجر قدم ہتھاوِہ ہے پنُن پتھ تہٕ یاوُنس ہیٚیہ گولاب پھولہٕ مِن
یہ شوق چوٚنے بہار بنہ ہے ہنا اگر زن قرار کرِہ ہے

دِلس چھِ کن آم انگ کأتیاہ جِگر ژٕٹھ پھٕلِمیہ رنگ کأتیاہ
ژٕہ گژھتہٕ لوٚت لوٚت قرارہ میانے ! بہار انتن شمار کرِہ ہے

انارِ رنگ ہیٚتھ گُلالہ وٕوشلیو ژٕہ ونتہٕ لگہٕ ہے شہ کوٚت یامن
اگر یہ کانہہ دِلفگار کرِہ ہے اگر یہ کانہہ داغدار کرِہ ہے

رگن رگن ہِرٚیہ رُمن رُمن تِہہٕ رُسِل نظر ہیٚتھ حسین منزل
یہ میون شوٚد لوٚ دِبچھِر بوٚ مُبر کرے تہٕ کوتاہ نکار کرِہ ہے

بہٕ ہاوِہ نار تازہ خوٗنس بہٕ پیٚن دِرمہ ہانوس جنوٗنس
یہ چون ہاوس اگر نہ ٹھکہ ہے تہٕ قافِلس اعتبار کرِہ ہے

تیمبرٕ مان شوقچی چھ پیہم گھے چھ زوتان گژھان گم
ژٕہ ونتہٕ لولس قرار کرِہ ہے بہار ییہ انتظار کرِہ ہے

کجرٚ کلامس ہُنبقس تہٕ وٕوشلُن نظر تہٕ رُسوا حیاتِ نادِمؔ
یہ لول کوٚت تام لول کھٹہ ہے سیٹھاہ تہٕ زن گاٹہ جار کرِہ ہے

# غزل

جان لیکھیا کٔنہ جانانہ لولہ
نامہ شوٗبی کمیٚو عنوانہ لولہ
کتھ نہ شایے چھٕے چون نوٗرانہ لولہ
کعبہ باسان چھُم بُت خانہ لولہ
از نہ مجنوٗن تہٕ فرہاد پانہٕ لولہ
سوٗد عشقُن رُود افسانہ لولہ
یان وندنے ژہ آیاس لولہ بوژمُت
زول شمہن کیا زہٕ پروانہ لولہ
مُنگ مہ یارِی ژہ ہر شاہہ گاٹہٕ جارس
کُنہ جاے لاگ دیوانہ لولہ
گوٚنہ گراوے پزہٕ نا۔ ناخدا یس
ناو بوٚڈ لیچہ ہلہٕ طوفانہ لولہ
حُسنِ سیٖر بتھ چھُم رتھس چین محبوب
خط و خالس چھُنہ دیوانہ لولو

# غزل

یِتھ کیاژٕ گژھِ ھے زِیتھ کیاژٕ مرِ ھے، چھُنہٕ انسانس پانَس تام
دِل دِتھ ادٕ کیاژٕ دوٗر ییٚرزِ ھے، چھُنہٕ انسانس پانَس تام

اوّلہ اولی آخرس رِ ھے، صُبحس وِنہٕ ھے کیُتھ آسِ شام
ازلکۍ لیکھتی فرمان پَرِ ھے، چھُنہٕ انسانس پانَس تام

کلہٕ وال خالی خُم خانہ کرِ ھے، رِندٕ گئے بے خود چیتھ اکھ دام
عشقنہٕ میخانہ پیمانہ برِ ھے، چھُنہٕ انسانس پانَس تام

سعۍ تراہ سعۍ نہٕ کنہٕ ستٕر گرِ ھے، گژھِ اکس وِنہٕ ھے رو پتھ کوٚژ ترام
خامس تہٕ عامس یکسان کرِ ھے، چھُنہٕ انسانس پانَس تام

یِی خوٗش گژھِ ہیٚس تی پانہٕ کرِ ھے، ناحق رسہ ہیٚس لوٗگ الزام
دامانہٕ ژھیٚچھی سوٚد رس ترِ ھے، چھُنہٕ انسانس پانَس تام

شاہد بڈگامی

# غزل

چانٛنہِ ماہ رۆخسارہ عاشق گاٹِلی کاٲتیاہ سۄندری
لولہ سیٛنَن نیٖر چانٛنی ژاٲلی کاٲتیاہ سۄندری

سادہ دِل اَنجامہٕ نِش اَسہِ بےخبر کیاہ چھُک خطا
ہادسو اُتھہ لولہٕ سۆدرس ڈاٲلی کاٲتیاہ سۄندری

حُسنہ کین رنٛگین سرابن نِش یہِ کَس ژٔج ترٛیش ژانٛھ
ڈانہِ چانے پیالہٕ ہیٚنتھ درلے خاٲلی کاٲتیاہ سۄندری

حُسنہٕ زردارہ ٹُرہی لولُک نہٕ کر کیٛنٛہہ پاس ہیوٚ
بیٚتھ بےپرواے آسن ڈاٲلی کاٲتیاہ سۄندری

چھم گھبے مچہٕ تیر چانٛنی مے کران بربانہٕ، گاہ
لولہٕ نظرٕ چھُس جیٚوان مَس بہاٲلی کاٲتیاہ سۄندری

دورِ رِچ راتھاہ سہٕل ہمدم اگر اوس چون غم
چھُس اَنان ارمان سینکہِ ساٲلی کاٲتیاہ سۄندری

لولہٕ مٔنزلن پیٚٹھ توَرے شاہدؔ یہ وُنہٕ باقی چھُہ گاش
شاعرہ غزلن اندر دِل ژاٲلی کاٲتیاہ سۄندری

# غزل

شام ڈٔول ہمہ بالہٕ پیٹھ کنہٕ نب چھُہ نوٗن
ساقیا دوٗدھ وان ٹھُوراتس چھُہ پچھوٗن

اَمی ہواوَن کالہٕ اوٗبرس چاک کٔرِ
لوٗت گوٗرُم آہ برقہ ہیرہِ بۄن پوٗرہٕ ژھیٚون

عشق منز باگن بچارَس مارہٕ گوو
زیرہِ لمنٔے اوم زائیل پیٚن نہِ ژھیٚون

ساقیا چھے موسے کنٔے پوز پیالہٕ بیٚون
داغ لوٗگ سارٕن ہیوٗرسے دامانہ بیٚون

چانہِ کتھہٕ میتہِ یاد پییہِ پیالاہ تُلتھ
پکھ ندیمو از دپان دِل سیٖتی پچھوٗن

غلام محمد مُشتاق

# غزل

نارِ برٚیہہ ہش وُزِتھ لہر کھٔژ چانہٕ بُتھہِ ہیٚتھی آسمان
آیہِ شفقس چھیٖہہ تیمچ سہ چھہ ہیٚتھ کنہٕ ہَن ڈٕلہِ گٔژ دوان

سکھ چھُہ مُشکل نظرِ ہندٕ اکھٕ سُمہِ ترٚون تارس اپور
خامُشی منز یوٗسہ چھہ منز چانس سیاہ مستس ییران

گوٚژھنہِ امہِ سیٚتی بانبرُن ژے بانبروٚتھن عالماہ
عشقہٕ مژرس منز یہِ آسی ژھاے میأنی گتھ کران

زُونہِ یُس مشہ وُن یہِ کرِ ہنیار اہ چھُہ ہیٚتھ روٗشن رہٕ ییٚس
بالہ یارو! میانہِ جگرُک چھُے یہِ اندریم سرونان

توٗتہِ کیاہ یوٚدوے بغاوت یِنہٕ ہیٚژن غزلس اندر
یُہ شُتن مُشتاق خوٗنِ دِل چھُہ غزلس چوٚن دوان

ماسٹر زندہ کول

# غزل

ہرنہٕ رٕوسٕ دوہ کھ دادِہ نش بچہٕ نیچ وٕتھا کاش آسہٕ ہم
حاجتکہ اِبراہمہ رٕژھ کُنہٕ خلوتھا کاشَ آسہٕ ہم

گالنس لگی ہتی میہٕ آیس رات دوہ تے صبح و شام
وقتہ پیٕ ژٕلہ لارِہ رٕژھ بُڈ فرصتھا کاش آسہٕ ہم

یَتھ مَنس، چنچل مَنس، یٕرٕ کال یُتھ بیہٕ ہم قرار
لولہٕ دگ چانی للونَس منز لذتھا کاش آسہٕ ہم

یُس ہجومِ کثرتن دِلہ چِھن اُچھن مے پردہ تھوٚو
تتھ ژٕٹن کیُتھ دستِ شوقس جورتھا کاش آسہٕ ہم

یُس نبرٕ ژھسٕٹِہ ہا نہٕ میانِس دُنیہس گٕٹہ کاسہٕ ہا
اندرٕ تیُتھ چمکان نُورِ وحدتھا کاش آسہٕ ہم

○

منوہر کول

# غزل

یام نظرو لۆلۍ وُچھ بے تاب دِل دیوانہ گو
شوقہ چشمو وسنہٕ لوگ اوش شبنمس دُردانہ گو

سور یاوُن اکھ سُروداہ سازتے سامانہٕ ہیتھ
رنزہ ونک اکھ چانہٕ لوکُ ماری مۆند بہانہ گو

تارۍ برنِن ترٲو وُتھ میخانس اُمی ساقین
چانہِ اتھنک پے ونِتھ تیلیہٕ واو مۆت دیوانہ گو

کرُوٹھ یودوے اوس منزلِ جائی عشقن تھپ کرُم
عالماہ میانِن اِشارن ہیچھ اتی مستانہ گو

چاو حُسنس باو لولس زندگی رۆٹ سونتہ رنگ
اکھ حسیناہ وارِہ ہیچ اکھ شاعراہ دیوانہ گو

موتی لال ساقی

# غزل

تِمس زُلفن پیٛہ خم روزِ یا نہٕ روزِ یا
غنیمت شامِ غم روزِ یا نہٕ روزِ یا

چُھیوٚ وُنکین چھُہ زاہد بانبر یو موت
خبر چھا صُبحدم روزِ یا نہٕ روزِ یا

تھیکُن سرمایہ چھُم بس آرزوے چون
نظر اَکھ چھم کرم روزِ یا نہٕ روزِ یا

بہٕ رچھُس کافرَن چھُس بُت پرستی
اَچھَن تَل چھُم صنم روزِ یا نہٕ روزِ یا

دلیچ دُبہ راے اَمہِ شووہ لسنہٕ ہشِ
خبر سازس پیٛہ بم روزِ یا نہٕ روزِ یا

# افسانہ





# زٕہ اَچھ (۲)

یورٕ آو اکھ نفر تہٕ ہورٕ آو بیاکھ

یورکۍ کوٚر " اسلام علیکم "

تہٕ ہورکۍ ترٛوو وَدُش ۔ یورکۍ پرٛژھُس " دلیل ؟ ژٕ کیا زِہ چھکھ ہیُتھ ؟ "

" فلأنۍ ہسہ مۄد " ہورکۍ وونُس

" وٲہہ وٲہہ ۔ وٲہہ وٲہہ " یورکس ژٕل ہکہ نیرِتھ ۔ اَمہ پتہٕ گیہ ژھعہ پہ، ژھعہ پہٕ

تہٕ دم، قِصہ ژھیون، یورُک گوٚو ہورکُن تہٕ ہورُک گوٚو بیاکِس کَنہٕ ۔

مگر کتھاہ رُوز منز باگ ۔ کٕنہ ہنٛز کنٕہ کال ہش کتھ فلأنۍ مۄد، اکھ انسان گوٚو فنا

نہ وُچھون وَنۍ تہٕ نہ بوزُو وَنۍ تھنرہ کتھ زانہہ ۔ یہ ٹینٛٹھ کتھ اُمس منٛز برونٛٹھ کنہٕ نژان

پانَس اَندۍ اَندۍ سأرۍ کٕتھ تہٕ میٖژ چھکان، وٕہٹان، پُھٹان تہٕ ٹھدان ۔ داوٕ شیطانن ہنٛز

پاٹھۍ اَچھن سٟتۍ ژھنان، بُھتس کرٕ ہنیار ڈالان تہٕ پلوٚن دٕلن کھُراوان ۔

واوٕ شیطان ہش یہ کتھ ٹھدیہ، دٕہٹیہ، پُھٹیہ تہٕ لَبن صوٗرت ۔ زیوٗٹھ مکأر تہٕ

کانڈۍ مس لنگ ژٲمہ کلس الأندۍ، کنہٕ پھیرٕ ژھینہ مژٕ تہٕ نستہٕ گأمژ زأوِج تہٕ سوٗری

زنگہٕ پأٹۍ ترٕ کھنڈ ۔ یِمَن اُچھن گأمتۍ ربہ دوٚب ــــ ربہ دوٚب زنتہٕ تلاوس آب ہوٚکھت

کٕنہ ہنٛز لیمب پیتھ کُن رُوز مُژ، بہٕ تہٕ ہریوس، بہٕ ژٕلہ ہا مگر منٛز ہیوٚکنہ ژٕلِتھ ۔ واوٕ شیطانن

ژھنٛز منٛز نالس ٹھپ ۔ بہٕ گوس رہت تہٕ منٛز ٹوٗز کیا ہتام زنتہٕ ذہنہٕ کِہن پوٚت دروازن تأرِکر

آم مُژراونہٕ۔

یہ کُس بیہہ زٕ دہ ہہ اکہ ہیٕس بہٕ لٕھنہٕ، ٹھرٕ ہیچھ لوٕ ہوت پوش زن چھنس
ہیچھ بڈٕ مُشک ہیوٗ پوٗت زن تہٕ گانس منز حیاتہٕ وانہٕ چھلت اڈٕ ہوک ووٗتھ زن۔
اتھ کتھہِ کُس کرٕ پَرٕھ زٕ مہٕ آیہ تمی ساتہٕ نیلہٕ ناگ جوراہ درینٹھو، مہربان، شہلی تہٕ شفاوانہٕ
سیتھ بَرِتھ۔ میانی رُوحن کوٗر ییمِن ناگن منز سران دھیان تہٕ زنتہٕ تھکن ژُولُس، زنتہٕ امی
سزانہٕ دُمرن تہٕ دانسن ہندین گوہن ہندہ ل چھلنہٕ آس۔ دَیان وُٹھن میانین ہیچھ پھوٗل سوٗنتھ
ہیوٗ۔ خبر مہٕ چھنہٕ خبر، بلکہ پوٗز آسہٕ، مہٕ اُسہٕ خبر؟ بہٕ ہے اوسُس ییمنی نیلہ ناگن منز پنیُن آیندکہٕ
خاب وُچھان۔ تہٕ مست گژھان۔

کُس کرہم پَرٕھ زٕ یِم نیلہ ناگ اُسی میانہٕ ماجہ ہنزٕ اَچھی۔ تھنہٕ ہیتھی ہیوو
میانِس وجودس ییمَن اَچھن ہند رحمتِ باران۔ مہٕ بیوٗٹھ زٕ خدا چھہِ اسمانس ہیچھ میانہٕ
زندگی ہندی سامانہ کران۔ اکس بیائی پھلس میرہٕ منزٕ گُدرات تایہ تہٕ رُودہ سیتھ ووہ یداوان،
بُڈراوان تہٕ پھیعہ لنیہ ہمت دِوان۔ خداصاب چھہِ موج، پنہٕ موج، ییمی سنزٕ اَچھی نیلہ ناگ
ہشہٕ چھہِ۔ مہربان، شہیچ تہٕ شفاوانہٕ سیتھ بَرِتھ۔ بہٕ کیاہ وَنہٕ کیاہ کیاہ وُچھ مہٕ ییمَن اَچھن
منز۔ زنتہٕ مہٕ پکھہ آمژٕ تہٕ بہٕ وُڈان۔ نیلِس آکاشس ہیچھ اکس بجہ جمائژٕ سیتھ سفید شین
ہیوٗ کوتر وڈان۔ انڈی انڈی گیری بچہ کران تہٕ منزی منزی پکھن کوو ہیوٗ کرِتھ۔ یہ ہیے ہیند
ہیوٗ بون وسان وسان پانس ولہٕ گتن دِوان تہٕ نوٕ سرٕ پکھن ٹاس ٹاس کرِتھ ہیور
ہیور کھسان تہٕ نژان۔

زمینس ہیچھ روزن والیو توہہ کتہٕ تہٕ پو فکرہ زٕ آسمانس ہیچھ گیری بچہ
کرِین کوتاہ میوٗٹھ چھہِ۔ خونس چھہِ گرکھ لگان۔ شاہ کھالنہٕ والنہٕ سیتھ چھہِ فِقنہس
ارٕ اڈان تہٕ نظرن چھہِ الکتا بچی تیزی تہٕ وسعت بنان۔ نالہِ منزٕ کُس کیمس ہیچھ چھینہٕ
نظری پلان۔ سہٕ چھینہٕ مخلوقن ہنزٕ گرینز منزی پوان۔ سہٕ فاٹرٕ کیوم، یُس پنہٕ نِس

پانس ہنگہِ منگہِ دُنیاہچ٘ین زُوِہ ذاعرٚن منز اکھ بأرٚ گنزران چھُ ۔۔ میہ چھُہ تس ہیچھٕ اُسُن یوان ۔ زانٔہہ تگہِ سہ تارُکھ بُنِتھ گاہ ترٛاوُن ؟ زانٔہہ ہیکیا نالہِ منزٕ نیرِتھ تہٕ پانس اندر حرکت قائیم تھاوِتھ ؟ ۔۔ اَسُن لائیق چھُ ، یہ تہٕ چھُہ پننہٕ دیچھرٕ پُوچھرٕ کنہٕ پانس کیاہتام زانان ، یہ کیوم یُس ہیرِہ بوہنہٕ معدٔے معدہ چھُ ۔

اُما میہ چھُہ نالس تھپ ۔ میہ چھُہ رب دوہ ہش اُچھی جوراہ کرِتھ مُسوریتاہ اَکھ بروٚنٹھ کنہٕ ۔ مگر بہٕ چھُس یمہٕ لیمبہ دوہ پُمٕزرتہٕ وُچھت ہیکان ۔ دُور سیٹھاہ دُور ۔ میوٚٹھ تہٕ مزٕ دار دُور ۔۔ شہ دوہ ییلہ ۔۔

بہٕ اوسُس کتہٕ تام بیتھ کوٚت تام گرٚھان ۔ اکہ کوچہ کنہٕ دژاس زٕہ وَتھ اَسِس لیٹھ پیہَن ۔ کوچہ اندس ہیچھ چھُ کھوژِہ طرفہٕ اَستان تہٕ دچھنہٕ طرفہٕ اکھ سہرٚوان ۔ دِگراوس بَق ۔ اکھتابہٕ اوس کُلین بیتھ کُن زٕورِہ تہٕ تاپھ اوس دچھنہٕ طرفہٕ کِس اُکِس مکانُس پیوان ۔ اَستانہٕ کِس گُلِس ہیچھ اوس ہاریو کرِکہ نادلوگمٕت ۔

سہرٚوانس ہیچھ اوس کُتام شخصاہ اَکھ باجہ وایان تہٕ گیوان ، اَکھ باجکی پاٹھی اُس اَمس تہٕ بگرِ آواز ۔ خبر کُس بأتھ اوس یہ گیوان ، میہ بوزنہٕ کینہہ ہیکیازٕ اکھ باجک بگرٕ صداہ اوس اَہندس بگرِس آوٚس دبأوِت بُچہِ فقرانہٕ ہندٕ پھٹمتہٕ ینددٕرک صداہ ہیوٚ دِوان ۔ ہیچھ اوس اَستانہٕ گُلس ہیچھ ہارِن ہُند شور ۔۔ اما لُوک کیازِ بیتھ گیوُن بوزان؟

میہ دِژٕ کنن نژٕ ۔ سورُے اَندی پوٚکھ اوس زنتہٕ یہ لیل پوٚزرت دِیان تہٕ ہمہ مکانہٕ چہ لبہ ہیچھ اوس تاپھ زنتہٕ غریب کھوہ پرِن ہندِن ژھیٚنیہ لیشُن ہُند نار زوتان ۔ میہ اوس کوٚت تام گرٚھن ۔ وائے خدایہ بہٕ کمازٕ دژاوس یمہ کوچہ کنہٕ !

مگر ، خدایہ ، میہ کوٚر جان بہٕ دژاس اَمہِ کوچہ کنہٕ ۔ تتھے بہٕ اَتھ وانس نکھٕ دوتس زِنتھے زنتہٕ کوچہ اَندہ کنہٕ اکھ پرٛیاہ گیہ پادٕ ۔ وأنسہ وُری ارداہ مرہ ، قدہ دوہ فأرٚ ۔ پیالہ ہشہ اُچھی تہٕ جوان سینہ ۔ یہ اُس یرأنی تہٕ ژھیٚنہٕ ہتی پلوٚ لأگِتھ ننہٕ وأری پکان ۔ اَمنزن

اُچھن منز اوس سارِی سمسارُک عکس، اُہندِین قدمن منز اُس ہکھٹ تہٕ اُہندِس رتہٕ رکانس
پیٹھ اُسی پھوہونی کوسم۔

اوت وأرتھی دِژ اَمہِ کرکھ، ظاہر مہٕ کُن یا ظاہر گیمن وأرلس۔" ہتہ کیاہ بنیوے
یہِ کُس مُقام چھُک وُنکیس گیوان۔

اَمہِ کرِ یکہِ زنتہٕ بہٕ وأرانوٚ منزٕ جنٹھ دِھتہ شالمارس منز ترووُس۔ مہٕ دِژ
اُمس کُن دُرِت نظر مگر یہِ اُس نہٕ مہٕ کُن وُچھان۔ یہِ اُس گیمن وأرلس وَنان۔" ژٕ چھُیہِ
اوٚن، یہِ چھُک نا وُچھان مقام کُس چھُم"

"ہیئے مُژی وَلے یُورہی" ہیژن دِژ کرکھ۔ گیون وأرلس گوٚو دم۔ شہٕ اوس
پوٚنڈہٕ دوٚنہِ خاطرہٕ گیوان۔ تُس ہیوٚ ظاہر دوٚکھ زٕ مژہِ پھیارہٕ کھیوشو تھُس پونڈ دوٚنہٕ
مگر بہٕ اوُسُس خوش۔ ہمی سندرہٕ گیون بند سپدنہٕ سیتی زنتہٕ دُنیاہس لیلہ ووٚہ مُشتھ
گیہِ۔ مگر سیرژن کرنہٕ ژھوپہ ہر۔ شہٕ ووٚتھ وانہٕ پیٹھہٕ۔ مژہِ دور یوٚو بیتر تہٕ کھأبِن وانس
پیٹھ۔

"ہکھی گوٚرے وَلے تموک پیے توتہٕ" شہٕ اوس تُس خوشامد کران۔

مژہِ پیوٚ تموک۔ اَسہِ منزٕ کوٚڈُن تیُوت دِہہ زنتہٕ سینہٕ اَندرہٕ ہیوٚن ژھیپہٕ
پھرن نار اوُسُس۔ بُتھِس کھوٚت تُس جوشُک وو شُلُن۔ تہٕ بے غم تہٕ بلے وایہِ یأتھی وُژھ
گیپہٕن وأرلس کُن۔ "رٹو ساز"

ہارمونیم اوس وَدان۔ مگر ووٚنی نہٕ۔ ووٚنی زنتہٕ اَکھ نیندرہٕ ہُند موج اُسس
بوٚنہٕ کُس خانہٕ مألس نیندر پاونہٕ خاطرہٕ ہوہو کران۔ بہٕ اوُسُس وأرانوٚ منزٕ نیرتھ
شالمارس پھیران۔ اُتھی منز ہیوت مژہِ گیوٚن۔ تھدہٕ ہٕنہٕ، زأولہٕ ہٕنہٕ — تہٕ بیتہٕ —
بہٕ کیاہ وَنہٕ — خدایہٕ بُلبُلن تہٕ چھُسنہٕ آواز، جل تہٕ چھہ گگی، دیدرہٕ کمہٕ ہٕنہٕ بولہٕ؟ —
بہٕ کیاہ وَنہٕ! — مہٕ بوٚزنہٕ کنہی، سہٕ سوٚنچ نہٕ کنہی — مہٕ اوس کیاہ تام وُگنہٕ اُسُن ہیوٚ

کنن گژھان، مےٚ اوس فرشتہ گیوٗن ہیو اندرٕ کنہِ تام پانَس منز ووتلان — بہٕ
وَنتہٕ ہاکیا لفظ کتہٕ اَنہٕ - بہٕ تہٕ ہے چھُس کوٗل۔ بہٕ تہٕ چھُس کوٗل۔

ہمہ مکانہٕ چیہ لبہٕ اوس اکھتابہٕ سوہ شر زٕژو سیتہٕ لوان ۔ یتیمہ اُستانہ کہٕ بجرک
اوس اہرہ بہان - بازرکی روزٕ ہ پھلو اُسہ تہٕ زنتہ اَسمان کنٕ کرِتھ معجزہ وُچھان - تہٕ بہٕ؟
— خبر بہٕ کتہٕ کتہٕ اوسُس۔

گیوٗن گوو بند - زمانہٕ رُکیوو - وُڈان وُڈان زن بہٕ اکِس تھدِس بالَس
پیٹھ ٹھک دِتہٕ بیوٗٹھُس - مےٚ اوس زندگی ہُند شوق سینَس اندر شیٚہ واو کران - دِچھنہ
کھووری اُسہ شیشنہ تھونگی زنتہ اکھتابس اَنہٕ ہاوان — ہنگہٕ منگہٕ ترِوو مزہ اَسِن
زنتہ شیشہ خانَن منز ہنگہٕ منگہ موخۍتہ ڈبہٕ چھکرِتہ آو - یا زنتہٕ کانسہ کاریگرن سنطورن
سارِنی تارن پیٹھی یکہٕ مہ قلم پھرنوو۔

ہنگہٕ منگہٕ تہٕ زِ ذٕکھ اَسِن کھنگالہٕ زنتہٕ شیشہ خانَن موخۍتہ ڈبہٕ چھکرِتہ آسے
یا زنتہٕ کاریگرہ سنطورہ تارو پیٹھو قلم پھرناوِی — مےٚ اُس وائلنج شیٚہ واو کران - بہٕ
اوسُس نہ زنانن ہند وَنہ وُن بوزان، بہٕ اوسُس نہ بُڈی بب ہنز نصیحت بوزان —
" بُوزِتھ ساگوٚبرا۔ دوہ یہٕ اکہ کوٚرُکھ مینتہ نیتھر مگر دنیا چھُ تاوٕن — " مےٚ اوس زنتہ کنن
گیس گیس گژھان، میوٗٹھ تہٕ مزہ دار تہٕ میانہ اُچھی آسہ اَڈٕ وُتھِس دروازس کُن
درہ لگیمتھ - بہٕ اوسُس ژہہ گنزران - مےٚ اُس وائلنج شیٚہ واو کران-

یہٕ کھوٚکٹ پوشہ پھوٚٹ اَکھو پیٹھو - عطرٕ پھالے یہ دوہن دُنیاہن - اَمہ پوشہ
وَنتہٕ گوس بہٕ جنتس - " بوزِتھ ساگوبرا ، دوہ یہٕ اکہ —" بکواس ساری لُوک دوران
یہ مےٚ وُچھہ تہٕ کیٚہ وُچھ؟ تہٕ کَس تگہٕ وُچھن؟ تہٕ کھندرٕ باگہٕ ہیٚیہ ہا؟

یہ جنت! یم رنگ برنگی پوش تہٕ پوشن ژھایہ دان جوری - شامرٕ

موره ژُونٹھ تہٕ شہجن دچھ رٲنٹن ژھایہِ زٕ تلاو — تلاو سُنٛز، وسیع، شہلہ مہربان تہٕ آکاشس رنگہٕ - اما بہٕ کیاہ کرہٕ؟ حُسنہٕ کُس سونتہ تا یَس تژاواہ ڈایچھ کِنہٕ شہجارس بہتھ گنڈہٕ نرٛدَس؟ کِنہٕ دچھ رٲنٹن نکھہٕ تلاوہٕ بٹھن پیٹھ بہت وچھ پنٛنہٕ ژھائے۔ حُسن چھُ ژھاین وجوٗد بخشان تہٕ وجودس بہار۔

میہ وُچھ پرٛیتھ رنگہٕ حُسن — میہ چھو پرٛیتھ اندٕ حُسن۔ حُسنہٕ کہ منٛدرہ منزہٕ کھاٲو میہ لال جواہر — اوہٕ، یم چھ میانی شکلہٕ، یمن چھُ میونُے ہیوٗ خوے موے یہ چھُ میونُے وجود دوگنیومُت، ژوٗگنیومت۔

"ٹاٹھیا، بہٕ گنڈہٕ ہالہٕ" — حُسنٕچ مہربٲنی

"ٹاٹھیا، بہٕ گرٛشھ ژاٹہٕ ہالٕ" — حُسنٕچ مہربٲنی

"ٹاٹھیا، بہٕ کھسہٕ اَسمان" — حُسنٕچ مہربٲنی

"ٹاٹھیا، بہٕ وَنہٕ بأنتھ" — حُسنٕچ مہربٲنی

وُنہٕ چھُسہٕ کأفر؟ وُنہٕ چھُسہٕ لئے پَرٛژھد؟ چھوہٕ نا وُچھان نوٗرہ وانہٕ کیتھ آس تن نائہٕ تھ تہٕ وٕنی کمہٕ شوقہٕ سان چھُس پوشہ بدن میٹھٕ دِوان۔ پوشہٕ گٔلِن بسہٕ کران تہٕ سروہٕ گژاین منٛز کران۔ سہل چھُنہٕ ڈٲنگ دِنی تہٕ ادہٕ ڈٲنگ دِتھ لال کھالنہٕ۔ امہٕ خاطرہٕ چھُ گوڈہٕ زِندہٕ آسُن ضروری۔ یکیاہ بہٕ چھُس زندہ، وُچھان چھُس، بوزان چھُس، گرٛیشان چھُس، لبان چھُس تہٕ مَتان چھُس۔ چھُس نا زندہٕ؟

— تہٕ تژاوتھَپ نالَس۔ یہ مُود سُے یُس مُود۔ بہٕ کتہٕ مرہٕ بہٕ ہے چانیو لیتِمبہ دوہ بو منٛز کہٕ تہٕ ورچھت سیکان چھُس۔

امین کامل

# بیچھِ

یہِ زمانہ چھُہ بذاتی بیچھِ تہٕ موکٕر۔ تیتھے موکٕرِ یتھ ڈاکٹر اشرفنس مغل اُس بوزنہٕ یوان۔

مغل اُس اَکھ بیچھِ وٕنی نوجوان کوٗر۔ یہِ اُس نہ خوش شکل اما پوز خوش ریٚتِنی اُس ضرور۔ اُمس اوس ساری سے بدنس تھتھ کنہِ مُلس بہیٹھ کھوتمت، یتھ پاٹھی پرانہٕ کجہٕ دیلس بہیٹھ دِل چھُ آسان۔ ییلہِ یہِ ترٛین دوہن سزِہ صابنہٕ پان چھلہِ ہے اَدٕ اَسے کانٛہہ مُہذب انسانس نِکھ ہیکہِ ہے بہِت۔ اَوے اوس اُمس ڈاکٹر اشرف تہٕ پونڈ کھنڈِ پلہٕ ناوِتھ اکثر وَنان۔

"کیہے، ادٕ دِتے ناژہ کُنہِ تہٕ نلکس آب۔ کاژاہ مُکہٕ چھک ژہٕ"

مغل اُس اُہنزہ اَتھ نصیحژ اَکس بیچھِ سندی پاٹھی وُٹھ کوٕ مجارا کٔرِتھ ٹالان۔ بلکہ یہِ اُس اَتھ تہٕ تمنی ناشایانہٕ ٹھٹھن سیٹھ مُجرا نوان، یِم یہِ ٹانگہ والین تہٕ سرحدی راندِٹھن نِشہِ بوزان اُس روزان۔ شاید اوس نہٕ کُنہِ زِہ اَکس بیچھِ سند دماغ تہٕ چھُ بیچھے آسان۔ تتھ چھُنہٕ صفائی تہٕ گندگی، نصیحژ تہٕ فضیحژ یا تمیزس تہٕ بدتمیزی اندر کانٛہہ خاص فرق باسان۔ یا کیا خبر اُمس ما اوس ڈاکٹر اشرف تہٕ تمنی کمزورین ہُند شکار باسان، یِم اَکس عام جوانس آسان چھِ۔ نِکیازِ اَمہِ اُسی زندگی اندر رِژی تجربہٕ کٔری مِتہ۔

سہ شخص یُس اُمس کُن اُچھ تُلتھ وۄلِکھ کینژھا دِیہ ہے، سہ گیو وسپود تہٕ شریف۔ تہٕ یُس ڈٲر نظراہ ترأوِتھ تہٕ کانٛہہ کتھ پرٛژِتھ خاطرا تھ دِیہ ہس، تسندِس دِلس اندر اوس اکھ شونگِتھ شیطان کاڈ کڈان باسان۔

اِنسانس یٔلہِ کانٛہہ دوا پھیرِ تہٕ پھیرِ دِنہٕ ییہ، تَس چھِنہٕ پتہٕ لاکن یا تہٕ سہ دوا نا ٹیٖرِ کران، نتہٕ چھُ سہ ٹھیک تیٖوتھ عادی سپدان زِ تمہِ ورٲے نہٕ چھُس بھتہٕ شرپان تہٕ نہٕ چھُس قبض کھُلان۔ موغلہِ تہٕ اوس اکہِ حسابہٕ بِی گومُت۔ ڈاکٹر اشرفن اُس اُمس یہ کتھ تیتہٕ لٹہِ دُنی مژِ زِ ووٚنی اوس نہٕ تَس اُتھ اندر کانٛہہ نوٚو تہٕ اثر باسان، بلکہ ہر گاہ سہ یہ کتھ وَنہٕ ورٲے پونڈ پلہِ نادِ ہس خبر اُمس ماژِ مہ ہی نہٕ سہ خاطرا تھ پننس منٛنس تکیا اُمس اُسی پننہٕ ساٹھِی گژھا کھ وَنہٕ۔ تَس تالِ کھاٹھتھ ڈبل پوٚنسہٕ ہیٚتھس لاین وأٹس ہتا سنگھ نہٕ ہیہٕ تھ "کیٚہہ پھِک وَنان، کرکھ مہ سینٛ نیٚنٛتھر" وُنِتھ اُتھس پونڈ تسی ژاون واٹس عزیز ٹانگس تام۔ ڈاکٹر اشرف نہٕ اوس اَمہِ اُتھی گرہ ہندِ اندر شمار کورُمت۔

موغل اُس وانہٕ پیٹھ وانہٕ تہٕ دفترہ پیٹھ دفترہ ہٹرہ ہٹرہ پھیران آسان ہسپتالس اندر نہٕ ٲس اُمس جُمعہ دوہہ وانیچ وأری واتان۔ اَتہِ ٲس یہ ہمس تمس بیمارس سیٖتی ڈاکٹر اشرفس تہٕ سلاما کرِتھ پونڈ کھنڈ ہیتھ ژلان۔ اُمس اوس نہٕ اور ینہٕ کِس اکھ جُمعس زانٛہہ تہٕ پتھ برونٛہہ یا ناغہٕ سپدان۔ بلکہ یتھی جُمعہ اوس واتان بیمار اُسی اکھ اکِس پانے پرژھن ہوان زِ اما از چھ موغل غٲبی ہش۔ یہ کیاہ سنا؟ مگر موغل ٲس رٔژھ شلہِ رٔژھ ژیری ضرور واتان۔ البتہ اکہِ دوہہ گیہ یہ ٹیزی پاٹھی غٲب، ترژھ غٲب زِ کانٛسہِ بیمارس یا ہسپتالہِ کِس کانٛسہِ شخصس گیہ نہٕ یہ کُنہِ جایہ تہٕ نظرِ۔

واریاہ کال گژھت یٔلہِ اکہِ دوہہ ژورہ بجہ ہسپتال بند سپد تہٕ ڈاکٹر اشرف لوٚگ سائیکلس کھسِت گھرہ نیرنہٕ، موغل گیس برونٛہہ کُن پادہ۔ عاذ تہٕ پاٹھی سلاما کرِتھ دوٚرس اَمہِ خاطرا تَس اَتھہ، تہٕ اُمی سندِ ین تمن لفظن لیٚج پژارنہٕ۔ "کیٚہہ ادہ دِتے

ناژیہ کُنہٕ تہٕ نالکن آب" مگر ڈاکٹر اشرف گوٚو یم لفظ وَننہٕ بجایہ، اُمس وُچھت حاران تہٕ اسپرٕ وٕنہٕ وٕہِتھ پرٕژھنس۔

" ژہٕ کیہہ وُچھک از وار یاہ کائی۔ یہ کوٚہند ناشُراہ چھِیُت کھوٚو تہٕ تُلمُت؟"

" یہ حَف چھُم پنُن" مۆغلہٕ نمے یہ اُچھی

" اوٚے آسہٕ یِکھہ ژہٕ ییتِس کالس غائب گامُت؟"

" آ" مۆغلہٕ کوٚرُس نستہٕ سینی آنکار

" مگر یہ نیتھر کیا ژی کوٚرُتھ ژیہ؟ سہ کیاہ چھُے رُون کران؟" ڈاکٹر اشرفن تروٚو کوٚتھ کس اَندرمس چندس اتھہٕ۔

مۆغلہٕ دِتُس نہٕ اُتھہٕ سوالس کانہہ تہٕ جواب۔ چھرابُج اُمی سِندِس اندرِمس چندس کُن تیتھہٕ کنہٕ وُچھنہٕ، بیتھہٕ یائی ٹھ اکھ ہوٚن بچ وانس بروٚنٹھہٕ کنہٕ وُچھِ وُن پھُم روزان۔ ڈاکٹر اشرفن کوٚڑ لمان لمان دوٚنٹی تہٕ پلہٕ نادِن اُمس کُن۔

" یہ گِیی ژیہ از دوٚنٹی، اُمس نیچوٚس وُچھ وُنی" اُمس آو یائی پانے اتھہٕ پیٹھ اُسُن، مگر سیتی ووٚنُس۔" اُمس کیہہ چھُے ناو کوٚرمُت؟"

" مُجہٕ حصٕ" مۆغلہٕ ووٚنُس دوٚنٹی رٕٹان رٕٹان۔

ڈاکٹر اشرفن لوٚم ٹاٹھنیارہٕ سان مُجس نستہٕ پنیتس۔ مۆغل ووٚہ زلے یہ تہٕ پائی پانس سیتی سۆیچُن۔ "کوٚتاہ حبتی چھُہ یہ" — تام دِیُت نرس مۆہنی سائیکل سٹینڈہٕ منزہٕ پنُن سائیکل کڈان کڈان ڈاکٹر اشرفس آلو۔

" ٹھہرِو ڈاکٹر صاب، یکہٕ وَتہٕ نیرو"

مۆغل دِژ ایہ ہسپتال کُن بیمارن ہنٛز نرج ہہنہٕ تہٕ نرس مۆہنی لُج ڈاکٹر اشرفس پرٕژھنہٕ۔

" یہ کیا چھُہ از شُراہ میوٚہ ہیتھ آمُت؟"

"زامت چھس" ڈاکٹر اشرفن وونس سائیکلس کھسان

"تہندہ اکھ؟" موہنی کورُس ٹھٹھہ

"بڈہ بدذات چھک"

"نہ، تتھے پاٹھی اُسی وَس ناشُرس ٹاٹھنیار کران۔ میہ دوپ ہے ہے"

"تہ بنیاہ۔ توہی رُوزِو بلا وسوسہ" ڈاکٹر اشرفن تہ کورُس نکھہ ووتھ

"امہ کیا اَڑی نیوُہ یہ نیتھر کرِتھ؟" موہنی پرُژھس لرہ لوِر سائیکل چلاوان چلاوان

"ہاں!" ڈاکٹر اشرفس ییہ طعنہ۔ "ژیہ پوٗژھتھ میہ یاد۔ میہ پرژھوو اُمس امہ ووٗن یہ کانٛہہ تہ جواب۔ نتہ آسہ نا نیتھر کورمت۔ آسہس کانٛسہ ٹانگہ وٲلی خاطرٕ اتھس اندر پِنشرووُمت۔"

"کیاہ چھیوہ ونان بلکہ نیتھری آسہن کورمت۔ ییہ چھنہ یہ ناکارہ باسان"

"تہ چھہ ٹھیک مگر اکس بیچہ شند او قاتی کو ناہ چھہ آسان۔ پانژہ روپین نوٹ کرِ پس تتھہ پاٹھی اَٹس بند، ژن ییس دارہ کاغذ ورق مرنہ۔"

موہنی ژول اکھ تشبیہہ بیچہ ٹھہہ ٹھہہ کرِتھ اُسن نیرِتھ۔

"ویل سیڈ" تمہ ووٗنس۔

ڈاکٹر اشرف اوس نوجوان تہ ژون پانژن وریین ہند سرکاری ہسپتالس اندر ڈاکٹر لوگمت۔ اُمس اوس دولت جمع کرنک شوق خبط کس حدس تام ووتمت۔ گھرِ کنہ اوس یہ موہ کلیومت: نکیارہ ماٲلس ماجہ یہ کینہ شہاہ داش نداش اکہ ییہ رنگہ اوسس تہ اوس تموا کی سنزہ تالیمہ پیٹھ خرچ وومت۔ اُمس اُسی یہ ییتھہ ساعتہ موٹر کہ ہارن کنن گژھان تہ اکہ شاندار کوٗچھہ ہندی خاب اَچھن تل یوان۔ اُمس اُسو تم ساری اِنسان تہ نظرہ تل یم وُچھاٗنی وُچھاٗنی شہر کس امیری مس بلس اندر شامل سپدی۔ ییتہ اوس اکھ بلس منزہ بیچہ وتھتھ پنن پان شمار کرن یژھان۔ امہ خاطرہ اوس یہ جائیز تہ ناجائیز پرینھ رنگہ ہارہ وٹنس

تہٕ جمع کرٕنس کُن لوٚگُت ۔

اکہِ دۄہہ صُبحس اوس ڈاکٹر اشرف دۄیمِس اَکِس ڈاکٹرس سیتی بیمارن مُلاحظہٕ کران تہٕ نُسخہٕ لیکھان زٕہ موٚغل تہٕ آیس پنُن بچہ ہیتھ برونہہ کُن ۔

"سلامالیکُم حَضن"

"ژہٕ کیٛتھے پاٹھی ازبے وَکھ آمُت؟" ڈاکٹر اشرفن پرُژھس

"بیمس حضن گوٚژھُم نیچوٚس وُچھُن" اَمہِ اوس یہ پرٛژہ دِجہ تٕل روٚٹمُت ۔

"اَمِس کیاہ چھُے؟"

"اَمِس حضن کامہ زٕہ ترٛیہ دۄہ وِدان روزان ۔"

"وِدُن گوٚژھے نہٕ ادٕہ ہاکیٛہے گیوٗن گوٚژھہ یہ؟" ڈاکٹر اشرفن اوٚس ۔ دۄیمِس ڈاکٹرس تہٕ کمکے یہ وُٹھ ۔

"بیمہِ حضن چھُس دۄہ دِ پھُٹ پھٹِ پیدان ۔"

"ہی سٹوٗلس پیٹھ ۔ ہاوُن تیکُن"

موٚغلہِ کوٚڈ بچہ پرٛژہِ تل تہٕ روٚٹُن کھمہ نہٕ منز ۔ ڈاکٹر اشرفن یلہِ اسنِدٕ نٕل نکھ وُچھوٚ تہٕ دوٚپھ دۄیمِس ڈاکٹرس کُن ۔

"ڈاکٹر سی دِس چائیلڈ ۔ ووٹ اے فاین باڈی ہی ہیز گاٹ ۔"

دۄیمُم ڈاکٹرن تراوٕ عانکہٕ منٛزِ بچس بغور نظر تہٕ کیہ مانہٕ کٕڈتھ ہیوٚ وونُن ۔

"آف کورس ۔ ہی از ویل بلٹ ۔"

ڈاکٹر اشرفن وُچھ بچس پُڈ وپُڈ تہٕ نُسخہٕ لیکھِتھ دوٚپھ موٚغلہِ کُن

"ریم دِس دواہس شیٖہ خوراک ۔ کاٗلی کیتھہ گژھہ بیمہِ ہاوُن ۔" موٚغلہِ روٚٹ نُسخہ تہٕ ہیوٚتُن نیرُن زٕہ ڈاکٹر اشرف دوٚپھس بیمہِ ۔ "ہیے ژہٕ یہ زَن دِتے نہٕ کانٛہہ نلکن آب ، اَمِس کیتھہ تہٕ چھُے نادِوان ۔ بیچارس سٕرانہِ غوٚطا صابنہٕ فشادٕ زٕہ ہَس"

موغلہِ اُمس وۄنی وارِیاہ کالہٕ پیٹھ ڈاکٹر اشرفس سٟتھ زان گٲمٕژ۔ پیٹھ پیٹھ ڈاکٹر اشرفَن تہٕ اُمس سٟتھ دۄہہ کھۄتہٕ دۄہہ اَکھ اَکھ کتھ زیادٕے کرنہٕ لوگ، اَمہٕ تہٕ ہیوت اُمس سٟتی پانہٕ وار ہیوٗ وَرتاوُن۔ بلکہِ اُمس اُس ڈاکٹر اشرفس اندر اَکھ کشش ہِش باسان یمہٕ سۭتۍ بہیہ کانٛہہ تہٕ انسانس اندر اُمس اوٚت تام باسے ہٕژ اُس۔ اَدٕے کوٚر اَمہٕ کیاہ تام جوٗرِ بِتھی ہیوٗ تہٕ کوٗرنس اُکھو اُکھو۔

"اَہَن حصہ پِتم صابن تہٕ کرس سٔزان۔ بہٕ کتہٕ اینہٕ"

"بلکُل ٹھیک دوٚپُنکھس" موہنی تراویہ دروازٕ وَنان وَنان "صابن گژھہ اُمی سٟی ہاہینز۔"

"اوٚت تام گوو یزری" دوٚیم ڈاکٹرن تہٕ کوٚر خندہ

"وِہی دوٚس، دِوان کونہٕ چھوس" موہنی وُژھ ڈاکٹر اشرفس کُن

ڈاکٹر اشرفَن دوٚپُنکھ کھوٚد تہٕ پانس اَلَم چھلنہٕ خاطرٕ یمہٕ سۭتۍ صابن اَنہٕ اُمس سوٚپلہٕ ناوُن موغلہِ کُن تہٕ اُتھی سٟتی دِژِنس اَڈٕ پرانی تولیا دُج تہٕ، تہٕ دوٚپُنس "یُمہٕ سٟتی گژھہ پیتر وۄنہ ٹھراوُن۔" موغلہِ رَٹیم دۄہ نوٚوے چیز تہٕ دِژایہ۔ موہنی تہٕ دوٚیم ڈاکٹرن ترووٕ ٹھاہ ٹھاہ کران اُسُن تہٕ یہند پانس اَنس سٟتی سۭید ڈاکٹر اشرف تہٕ شامِل۔

"مگر یہ وُچھو، بچہ کوتاہ صحت مند چھُ" ڈاکٹر اشرفَن دوٚپُنکھ یمیس ڈاکٹرس کُن

"سأنی شہری کوتاہ کمزور چھہ آسان۔ بہٕ کیاہ وَنوٕ میہ چھُ پانس یوٗنک بچہ اُمی ہٕنزی وائُنسہِ۔ اَدٕ سہ چھُ اُمس مقابلہٕ کُجہ لوٚٹ۔

"بہٕ چھُس پانہٕ راوان یمَن لوٗکن کتہٕ چھُ یہ حُسن تہٕ صحت یِوان" دوٚیم ڈاکٹرن کوٚرُس تائید۔ "دَپہ سنہٕ دی رٕبھی" موہنی دِتکھ فاصلہ ہاوٕ ہیوٗ۔

"یہند گندہ ماحول وُچھت گوژھہ نہٕ یہند نام ونشان روزُن۔ تتھ بدلہٕ ہیکہٕ اُمی شند شرکُنہٕ تہٕ مقابلس منز اول نمبر ہیتھ" دوٚیم ڈاکٹرن ووٚن کُرسی پیٹھ وُتھِتھ واش

ہیٚیہٕ کڈان "

ڈاکٹر اشرف گٔو رٲژھ اکِس اَتھ کنہِ ہیٚچھ کمن تام غوطن ہیوٚ۔ اَمہِ پتہٕ آیِس بُتھِ وہراونہٕ۔ رَن لوٚبُن اکِس کُھرِ دار مسلس حل یا زنتہٕ موٹرکیو ژورو ہیہو منزہٕ اَکھ ہٲیہ وصول کوٚرُن۔

"دراصل چھہٕ یم لوٗکھ مختلف جراثیمن منز ہیوٚت لسان بسان زِ یم چھہ بیمارہٕ پروٗف بنان" اُمی دوٚن کِلی یاٗزِ پانس سیتی۔

یہٕ اٗس ژٕندرِ وار۔ دوٚن دوہن دوامس شہ خبراک دِتھ بُدھوارہٕ صُبحے دائرٕ متوغل بیہہ تجہ ہیتھ ہسپتال۔ امہٕ اوس نیچو صابن منتھی منتھی شسنہٕ تُج ہیٚیہ بنووُمت اُسند ڈوکرٕ ڈوگرٕ بجھ اوس پوٚرہ دہ پنچ ژوٚن ہیوٚ نایان۔ بیٚیٹھ اوسُس امہٕ کرٕتنہٕ بجگاٗہ نہٕ چھوٚلمُت یُمہ کِنز یہٕ برگہٕ پکھہ ہَن ہیوٚ اوس باسان۔ ڈاکٹر اشرفس آو امس وُچھت یاٗزِ پانس سیتی اَسُن تہٕ متوغلہٕ کُن لوٚگ وَننہٕ۔

"کہے گیسہٕ کینہہ وَدنس تہٕ ژٕہ کرِ دوہ دِنس فرق؟"

"اَہن حضور، دوہ نی چھس، منزٕ کنہٕ وِزہ دوہ دِوان۔"

"بیہہ گژھیس بوہے دوا اکِس دوہن دوہن دِنُن" ڈاکٹر اشرفن کوٚرُس نسخس دستخط تہٕ سینتی ووٚننس۔

"یمی نلکن امس سُمب آب دژوی، پانس سُمب نہٕ منگی زہس یاٗری، کِنہٕ پانس سُمب ہرے بی نہٕ صابن"

"ہرگز کیا حضور زٕ گژھم نہٕ" متوغلہٕ ووٚنُس مند چھت تہٕ وُدھ گمہٕ نائِ وِتھ

"مگر میہ دوٚپ یہٕ دژوہ تہٕ مجنہ کھاترے اوت"

"مجنہٕ بہانہٕ دِژٲمے ژٕ یہ، ادہٕ ژٕہ چھکھ تو تہٕ نژٕہی" ڈاکٹر اشرفن ووٚنُس شایدٕ یہٕ خیال کرِتھ زِ دوٚہرٕ یہ اتھ مَلس آب ہادِ۔ مگر تس اٗس نہٕ خبر زِ یمہ ہیچھ وونہٕ

زنانہٕ چھہ مألہِ رورنس پیٚوان مجبوٗر۔ یِمہٕ چھہ زأنِتھ مأنِتھ پنٕنۍ شکل خراب کران، یِتھ
یِمہٕ الایِن بلایِن نِشہ محفوظ ہیکن رُوزِتھ۔

موٚغلہِ زَن گوو بدنگ سورُے خوٗن برٕزِس کھنٕڈس بند تِہتھے یأژھو وۄشلیو

ڈاکٹر اشرف سندی یِم کینٛہہ لفظ بوٗزِتھ۔ نبراُتھ کیٛتھہ کیا وَنہٕ ہے سو جواب زٕہ اورٕ

ژاو دوٚیِم ڈاکٹر تہٕ یہ دراوہِ لعتہٕ یأژھو ڈسپنسری کُن دوارِنہٕ کھأترٕ۔

" ہیلو ڈاکٹر تۄہہِ کیا زٕہ گوو از ژھیر ہیوٚیہ " ڈاکٹر اشرفن پرٛژھس۔

" ژھیر گوم نہٕ۔ بہٕ اوسُس اندر صاحبس نِشہ ژامُت " دوٚیِم ڈاکٹر لوٚگ پانہٕ

سٟتۍ سیٚٹھہ اسنہٕ۔

" تۄہہِ کیا زٕہ یأژی پانس سیٚٹھہ اسان۔ " ڈاکٹر اشرف لوٚگس بُتھہِ بُتھہِ وُچھنہٕ۔

" کینٛہہ نہٕ۔ آمُت اُس مے، سوٗزُم ژھیہ کُن "

" خبر کیا ہیوٚو؟ " ڈاکٹر اشرف ووو۔

" جُمعہ دوہہ یِیہِ قومی پارکہ منٛز ڈیوٗٹی، بچن ہندِس مُقابلس پیٚوان "

" اَدٕ سہٕ تہٕ یہ کو سہٕ خوش کیٛتھ آیی۔ بہٕ اوسُس پانہٕ سوچان زٕہ ییٚہس گوژھہ

نہ شوٚٹھ اُتھ تیٛالہ لگُن۔ " ڈاکٹر اشرف ووٚتھُس درجواب مگر سیٚٹھی یوہ کیٛتھہ تام انیک خیالس

تہٕ وُٹھن پھیرِلُس اُسُن ہاوہ۔

" اُتھ کیا تیٛالی لگُن چھُم۔ بہٕ اوسُس تیار مگر مے چھُہ تمہٕ دوہہ گھرِ ضروری

کأم " دوٚیِم ڈاکٹرن ووٚنُس کرسی بیٚہِتھ بہان بہان۔

بچن ہند یہ دوہ چھُہ یِہ پنٕنہٕ وزیر یِہ قومی پارکہ منٛز مناونہٕ یِوان۔ اَمہٕ دوہہ

چھُہ صحت مند بچن مُلاحظہ کرِتھ اِنامہٕ تقسیم سپدان۔ گوڈنیک اِنامہٕ ترٛیہ ساس، دوٚیِم

زٕ ساس، ترٟیِم ساس، بیٚیہ تہٕ داہ وُہ لعکٕٹِہ معمولی اِنامہٕ چھیہ نقدہ جنسہٕ دِنہٕ یِوان۔ یہ

دوہ چھُہ اکس ڈاکٹر سندہ کھأترٕ بڑی یأژھو سیٚٹھاہ سخت ہند دوہ آسان۔ اگرچہ ملاحظ

کرنس تہٕ بیناکٕ فٲصلہٕ دِنس پیٹھ چھہٕ اکھ ترٲوِتھ پانژھ پانژھ ڈاکٹر مُقرر آسان۔ اُتھی کتھِ کُن وُچھت چھہٕ اکثر ڈاکٹر امہ بلایہ نشہٕ پان مۅکلاونچ کوشش کران۔ مگر ڈاکٹر اشرفن بُتھ اوس وَنان زِ سُہ چھُ اَتھ تپالہ یورٕ ے گژھنس آمادٕ۔ تۄتہٕ وۄنُتھ سُہ دوٚیمِس ڈاکٹرس کُن۔ "تپالی اَس نہٕ مگر گِکھ چھس زورٕ بناوان۔ خامخاہ چھہٕ بیمارٕ مۅکھ بیَنز ہاکہ لٹہٕ ہی شرٕ یہِ ہیتھ واتان۔ بیٚیہِ وُچھان زِ یم وَسن تنا مقابلس منز نِکھ؟"

"تہِ چھُہ اَسہِ عادتھی" دوٚیم ڈاکٹرن کوٚرُس تصدیق۔

●

بدھوارٕ ہُند یہِ دوہ گژھت، برٛسوارہ نہٕ کینہہ، جُمعہ دوہ اُس مۅغل عادتہٕ پٲٹھی ہسپتالہ کین بیمارن نشہٕ پنُن باج وصول کرنہٕ یِوان۔ یُتھے یہِ ہسپتال کِس اَندرِمِس گیٹس نشہٕ واتہٕ اُسہٕ ڈاکٹر اشرف تہٕ نرس موہنی پانہٕ وٲنی کیاہ تام کتھ کران۔ ڈاکٹر اشرفس یُتھے اُمِس کُن نظر پییہٕ، تِمہٕ ہوو نرس موہنی اَسان اُمِس کُن کیاہ تام۔ بِلہِ یہِ تِمن نشہٕ واتہٕ ڈاکٹر اشرف دوٚپُس۔

"کیہہ چھُت نہٕ ژٕ یہ ادٕ پانس آب ہوومُت؟"

"رالتھ دوہس حقہ چِلم پِلوٕ۔ مےٚ دوٚپ شران کرِتھ لاگہٕ کھامل بعد ژہٕ زِچہٕ"

"نہٕ گوو ٹھیک۔ اُمِس کیاہ چھے مجِس خبر؟ دوہنی ما چھس کینہہ شکایت؟"

"نہ حقہ دوہنی چھس نہٕ دوہ دوہ دکینہہ تہٕ یِوان"

"ژہٕ تھاو وارڈ نرسہِ وُنِتھ زِ ژٕ یہ چھے مےٚ ٹرینی زنانہ پارکہ ڈیوٗٹی۔"

ڈاکٹر اشرف دوٚپتھ موہنی کُن تہٕ سۅ ژایہِ ہسپتال واپس۔ اَمہِ بیٚتہٕ دوٚپتھ مۅغلہٕ کُن۔ "ژٕ یہ کوٗتے ٹوٗٹھ چھے یہِ نیچو؟"

مۅغل گیہِ اَمہِ سوالہٕ حیرانہٕ "یوٗت حقہ ماجہ نیچو ٹوٗٹھ آسُن گژھہ" تِمہٕ دوٚپنُس سُے جواب یُس کانٛہہ تہٕ موج اَمہِ وِزِ دِیہِ ہے۔"

"مہانہٕ کھوتہٕ تہٕ چھُیہٕ ٹُوٹھ؟" ڈاکٹر اشرفن وونُس تمہ اندازٕ زٕ موغل گیہ ہے بنگہٕ رُوزِت۔

"توٚہہ تہٕ چھُوۄ یہ ڈٕلھٹھ؟" موغلہ پٕرٕژھس خمارٕ بھرژو اُچھو میوٗ۔

"مےٚ چھُہ یہ سیٹھاہ خوش کران" ڈاکٹر اشرف اوس یِنہٕ ینہٕ خوشکِ وُٹھن زیو پھرِ پھرِ کٕھفہ کران "تیوٗت خوش زِ ژٕ ہیکہٕ نہٕ تمہک اندازٕ کرِتھ۔ دِتوٚ یمے ہے گو کھنا ژٕ از اکھ کام؟"

"کیاہ حکم؟" موغلہ پرٕژھس یہ دُچِھ زٕ تہٕ پھسرایہٕ منز۔

"از دوہس نیمن بجہ یہ پانس سیتی۔ ژٕ ہیتہٕ راتھ ہِنزٕ نوہ بجہ یورِ ہسپتال ہایٕنس کمرس منز تہٕ نتن پانس سیتی واپس"

"راتھ ہنزٕ نوہ بجہ؟" موغلہ ہیوٚٹھ ہوٚٹ تہٕ دندن تل ہیٚرن اوٚنگجہ ژاپیٖز۔

"بلکُل۔ مےٚ چھہ از یتہٕ روت ڈیوٹی" توٚرے وونمے نوہ بجیوٗ"

"مگر یہ کِتھہٕ پاٹھی رٹیون توٚہی دوہس پانس نِشہ" موغلہ آسہ نہٕ اُچھی ووتھان۔

"سُہ کتھ ترٚاو تہٕ ژٕ مےٚ پیٹھ۔ ووٚلہ دِن تیلہ" ڈاکٹر اشرفن دارٕس نِزٕ تہٕ موغلہ پلہٕ نووٗس ووشِلو ووشِلی نجہ۔ "مگر یُورٕ نوہ بجہ واتی زٕ تمہ بروٚہہ آسے نہٕ بہٕ ہتہٕ" ڈاکٹر اشرفن کوٚرُس باتھ باتھ۔

"اچھا" موغلہ دِتُس جواب تہٕ کلہٕ بوٚن کٕنہ ترٚاوِتھ ڈرایہ یوٚت کھوٚرِی دایس۔ یہ اُس دُچھنہٕ اَتھہٕ اوٚنگجہ اکہٕ اکہٕ دندن تل ژاپان۔ منزِ اُس ووشلان تہٕ منزِ اوسُس وُٹھن پیٹھ اُسن ژھایہ گژھ کران۔ اُمس اوس باسان زِ اَمہ روٚٹ بوٚڈ بارٕ خاطرٕ اتھ۔ اکھ محبت بھورت دِل۔ اکھ مہذب انسان۔ یہ اُس دوٚرن، نژن، گیوٚن تہٕ وژھِ واٹجہ کھنگالہٕ ترٚاوِنی یژھان۔

موہنی وَژا یہ ہسپتالہ منزٕ واپَس تہٕ وٲژ ڈاکٹر اشرفنٕس نِش۔ اَتہٕ ییلہِ اَسنٕہ کھوٚتہٕ منز موہنی غلہِ ہیٚند یہ شُروٗ وُچھن، اُمِس پیٚچھ اُسن مگرٕ وُلی دِتن اُسس اَتھ تہٕ شانہٕ رکھی ہیوٚتنس اَندری اُسن پھُٹٕ پھُٹی نیرن۔ ڈاکٹر اشرف گو وسنجیدٕ تہٕ تجربہ پلہٕ ناوُتھ ووٚننس۔

"ییٚتہٕ تُلن پانَس سیٚتی ٹانگس پیٚٹھ"

"گوو اَدٕ اوٚن وَن تہٕ ہیہ یہ؟" موہنی ووٚن زَن پانٔے پانس سیٚتی۔

دوہ گۆ یہٕ ہت شامَس نوٚہ بجہ ژیری بیہن وٲژ موہنی غل ہسپتال۔ بیٚہتھے یہ انڈور گیٹس ژاٮ یہ اُمِس ببرٕ اکھ عجیب کیفیت پٲدٕ۔ اسندٕ یکنج سأری ژأے گرأے بدلیہ یہ اُس یِمے کھوٗژی، رَسہ رَسہ مگرٕ وُ تاولی سان قدم تراوان۔ تہٕ پرٕ پتھ قدمہ بیتہٕ تِکہ ٹارٕ اورٕ یور وُچھان زٕ کانٛسہ ماچھُ میانہ وجوٗدُک احساس سپدان۔ اَدٕ ییلہ یہ ڈاکٹر اشرفنس کمرس نِشہ وٲژ اُمِس ہیوٚتن پھوٚر تھوٚد تھوٚد وننٕ ہٕتھن۔ زیٚو گیس پھیہر موٚند ہش اُچھن گوس شہ ترٕ شر پٲدٕ زٕ باسان اوس گوو نہٕ کُہ احساس تہٕ لذتک غلبہ ماکرٕ اُمِس کمرس اندر اژنہٕ بروٚنہ تھی ہلاک۔ اَمہٕ کوٚر خوشک وُٹھن زیوٚہ سرٕ ہیہ تہٕ دِچھن کھوٗرٕ جل جل ژٕرٕ نظر دِتھ مژرٲوُن تیزی سان دروازٕ تہٕ ژاٮ یہ اندر۔ پتہٕ تھرٕ سیٚتی دروازہ بند کرٕتھ تہٕ تتھ سیٚتی دوہ دنہٕ رُوزِتھ لیُٚہ یہ ڈاکٹر اشرفنس کُن تتھہٕ کنہٕ وُچھنہٕ زنتہٕ وَنان اُمِس "ییٚتہٕ کانہہ وُچھ"

ڈاکٹر اشرف اوس کُرسی پیٚٹھ بیہت، ٹیبل لمپ چہ روشنی تَل کیاہ تام لیکھان تِس دِچھنی کنہٕ اوس اکھ پلنگ ییتھ پیٚٹھ اکھ خوبصورت بسترہ تہٕ ریشمی رضائی اکہٕ میچھ نرم تہٕ شیشہِ ہیچھ نیندرِہ ہیند احساس اوس دِوان۔ کمرس اندرٕ اُس سوہ خاموشی زنتہٕ کُنہٕ مشینہٕ سیٚتی امہٕ سوروٗ ے ہوا نیر اوس کڈنہٕ آمُت۔ البتہ موہنی غلہٕ ہیند تیز تیز شہہ اوس اَتھ اندر ووہ نٕی پھٹِتھ نیران۔ چنانچہ ڈاکٹر اشرفنس تہٕ گوو شاید اُمی چیزک احساس

تُوۓ وۄنِھ تہٕ موغلہ کُن۔

"ژٕ کیٛاہ زِ چھکھ پھِرِتھ کان۔ یِہے تھاوتھ یمہٕ ہیش کیاہ تام؟"

موغلہ وۄنُس نہٕ کینٛہہ تہٕ جواب۔ صرف گۄس کلہٕ ہِھتھ کُن اَویزان تہٕ ڈاکٹرس کُن لیٛچ تٔمۍ چشمو چھِنہٕ زنتہٕ وَنان اُسس۔

"گژھس نا پھیرٕ یکنہ"

"ژٕ یہ آسہِ دوہہ مس تہٕ اوڈِے زُو۔ ہیٛے ہیٛے دُشمن مَنس ماگوم کینٛہہ" ڈاکٹر اشرفن وۄنُس کُرسی پیٹھٕ وۄتھان وۄتھان موغلہ کوٚرُس کلہٕ سیٛتی انکار۔ سیٛتی باسیوس دوہہ بھرُن بَین برژٕھن ہیوٚ۔ اَمہ تھوو وَچھس پیٹھ زورٕ سان کھوُر اتھہ۔

ڈاکٹر اشرف آو اُمس کُن۔ اُمی سنزہ دَچھنہ مرٕ ٹھُف کرِتھ ڈاجِن یہ دروازٕ یکُن یہن تہٕ وۄننس۔

"ژٕ ٹھہری زِ یِتھ نی۔ بہٕ آس" اُمی تُرو دروازٕ مگر سیٛتی ژاد واپس پانٛژ پانس سیٛتی وَنان "سۄ آیہ پانے یُورہ"

موغل گیہ اَمہ مرٕ ٹھُف کرنہٕ سیٛتی ہینہٕ ہینہٕ۔ یہ زَن نہٕ آدم زاد اُس بلکہ کمہٕ تام پاتالچ اَکھ سۄ یُس نہٕ کانٛہہ تہٕ وَزن چھُہ آسان۔ یُس اِنسان دوہن اَتھن ہنزَن دوہن اَونگجن پیٹھ تُلتھ آرامہٕ سان بسترس پیٹھ ہیکہٕ تھاوِت۔ تہٕ ڈاکٹر اشرفن بسترہ تہٕ اوس موغلہ تٔمی پُرِی ہند ہیٚیہ اُوبل تہٕ زادِبل پوشہ پھوٚت ہیوٚ باسان۔

ریٛنس کالس منز ژایہ اورٕ موہنی تہٕ اَژٕ وُنۍ زُولس موغلہ ڈیشتھ نیٛر تھ اوہو "اَز چھُہ موغل اَچھ دارٕ ہش گامُژ"

موہنی ہنزہ اَمہ کتھہ سیٛتی گیہ موغل شوٗر زدہ ہش۔ زَن رٕ ٹکھ ژورِ۔ ہر کاہ موہنی کھوٚنہٕ منز مُچہ آسِہے نہٕ شاید موغل ژٕ لہِ ہے شی کرِتھ کمرٕ ہ مبر۔ مگر مُچِس کُن نظر پیچھی گیہ

موٚغلہِ اندر موج بیدار - اَمہِ کِنہٕ موہنی کُن نظرٕ تہٕ روٗٹُن مُچہٕ پیچرہٕ پٔنٕنس وٕچھس سیٖنی مُچھس
اَسی ریڈی میڈ دُکانہٕ پیٹھہٕ مُلی ہیٚژمٕژ اکھ خوش پیٚہٕنی قمیص ٲسی - موٹہٕ کلوتہٕ ہٕن گنڈِتھ
تہٕ اکھ زرد رنگہٕچ سَتہٕ روپیہ پینژ توٗلیاہ وٕچ وٕلِتھ۔

"کہیی چھا وونی مُچہٕ وارے. تھکہِ اَسکھ تھانتھ سیمٕژ" ڈاکٹر اشرفن ووٚن
موٚغلہِ اَسان اَسان - اَمی تژو اَندرمس چندس اَتھہٕ تہٕ اورٕ کوڈُن پانژہٕ روپین نوٚو
نوٹ تہٕ پلہٕ نوٚوُن موٚغلہِ کُن۔

"نہ حضن" موٚغلہِ روٗٹُس نٕہ - اَمِس اوس روپے رٹنہٕ نشہِ زندگی اندر یہ گوڈنیُک
انکار - "یہ کمہِ بابتھ؟"

"ڈاکٹر صابَس زیٚون نیچوی شرُپن ہندِس مقابلس منٛز گوڈنیُک ینامہٕ - یہ چھے
تمہِ کےٚ شادی یانہٕ" موہنی کوٗرِ کٔرتھ واش ہہو۔

"یہ گوو رٹُن - اَتھ چھا بے قلی نہ وَنان" ڈاکٹر اشرفن پلہٕ نوو موٚغلہِ کُن
نوٹ۔

موٚغلہِ تور صرف یُتی فِکرِ زِہ ڈاکٹر صابَس چھہٕ گھرِ کیاہ تام شادی اَسمٕژ
یہ درٛاہ کمرٕ منٛزٕ نیبر تہٕ نیران نیران ترٲون ڈاکٹر اشرفس کُن سعہ نظر زنتہ ووٚنُس
"ژٕہ کیازِ کوٚرُتھ مہ ٹھٹھٕ - مہ شیر باو صرف چانی موکھ آب"

○

بنسی نردوش

# کھوژُن

مےٚ اوس یہ پانَس ہیٚتھ زہ ہرگاہ مےٚ ہوورٕ ڈیرٕ دیُت سآرِی دٕیَن زنانہٕ
یوٗز۔ ژور طاق ترٛیہٕ یوٗرلٕرٕ ترٲوِتھ آسہٕ یِتھٕ نکہٕ دٲرِس منٛز روزنہٕ۔ میانین ہوورین ہُند مکانہٕ
چھُ بتھو کنہٕ باگہٕ یوٗرُت۔ مگر یتھس بڈِس گرِس منٛز چھِ بآژ ییٚنیاہ زیادٕ زہٕ اڈٕین چھِ وازٕ
مرٕ کورٕ ہیٚتھ وُڈِس منٛز شونگن پیوان۔ کُٹھین منٛز یُس کُٹھ مےٚ تہٕ میانہِ آشنہِ چھُس
چھُ آمُت۔ سُہ تہٕ چھُ گندکھ ڈبہٕ سُمب۔ گندکھ ڈبہٕ چھُ تُہ تہٕ شیٖشِٹھ تٕچہ وآتان۔ اتھ اندر
چھُ اُسی بآژ زہٕ کھوری شآندی شونگان۔ اَدٕ چھُ پلوٕ صندوقس اکِس سُمب جاے نیران۔
اَتھ بدلہٕ اوس مےٚ ہیٚبرٕ بہٕ نہٕ خآلی مکانہٕ۔ نیٚتھر کرنہٕ برونٛہہ اوسُس بہٕ اُتھ مکانس منٛز ہمیٚنہٕ
مُشیدہٕ ہُند جِن ہیوٗ گژھان۔ یوٗز چھک ووٗنمُت مکانہٕ چھُ شوبان بآژو ہیٚتی، مگر یُیتھ
طوٗفان نہٕ نہٕ زہٕ مکانس آسہٕ بآژو ہیٚتی گہٕ نکھ دٕرٲہِش۔ نٔر زنگ وہراونس تہٕ آسہٕ وار۔
بہٕ لگہٕ ہانہٕ یمَن تُندی جِن کینہہ تہٕ۔ امہ لحاظہٕ اوسُس بہٕ باگہٕ وان۔ قسمتن لوٗگنس
آشنہِ اوس مےٚ لوٕ کچارٕ بیٚنٛٹھے بڈِس بآژہٕ کھیٚلس منٛز روزنک عادت گومُت تیٚس
آو نہٕ میانِس مکانس منٛز وار۔ تہٕ اکہ دوہہ یلہِ لبہ رٕژھ کھنڈ ژیہی بیہن گھرٕ ووتُس،
آشنی وُژھم نار چھکان۔ اژٕ وُنُے لآجم عدالتھ۔ مےٚ دوٗپ ہیا پانا، بہٕ نیٚتھر کرُن
نہٕ کھوٗت مےٚ اکُس۔ کُجا بہٕ داہ داہ بجے تام نیٚبری آسان تہٕ کُجا ووٗنی سرشائے گھرٕ
دٲنیچ بانبر روزان۔ میانہِ حقہ کیاہ گوو! اکہ وزن اکہ دوہہ ژیر۔ امہ کتھہ ہیٚتینس بہٕ
یوٗت لٔتن تل۔ یمے کتھہ سوٗنچان ووٗنس مےٚ خشمہ ہوٗت۔ "یلہِ ژیہ یِتہٕ یُوتاہ کھوژُن

چھے پیان، چون گژھہ مالین گژھن۔"

میون پوتے یوت ونن، امہ ماجہ ہنزہ کورہ لاجِ کھیرن چینچ تہ پیتھے کنو
درایہ گرہ گسیج دوتی لاگتھ مالین۔ ہرگاہ بہ تمبھہ نیرہ مس، دپوہ ٹھہرہ ہے۔ تہ بہ
واتہ ہانہ لمان لمان ہوورلبنس بیٹھ۔ یہ چھہ پوز زہ میہ کور ترین رتین وار۔ تملے
پیٹھ تس نہ تمہ بازرہ تہ۔ ہاے ہے ہوورہ گھریک ماگرتھ ہیم نظرہ کانہہ۔ مگر دیس
اوس پی منظور زہ گژھہ ژور طاق تہ ترییہ پورلر اُتی نھاوُن تہ پتھ نکہ وارس منز گھرہ
بساوُن۔ تہ لکو کن ہنز پام ہیون۔" زنانہ پوز حسہ زنانہ پوز۔"

کانسہ زن وننہ ہاوہ ہے یہ چھا زنانہ نی کھوتمت زہ تمہ گژھن مول ماجہ
بھاجہ باندو، گرہ بار ترانہ نہ مردہ شند گرہ بساونہ۔ کانہہ زن گوو گرہ پیٹھو۔ تہ
چھنا بنان۔ بہ ہے اچھن پیٹھ کھوتس تہ کیازہ! ووُنی کہ یہ ہاوزہ میہ کیا اُسس
پانس مرضی بہ لوگس ہانژہ۔ نتہ ییلہ میہ مالس ماجہ پینہ ستن وریین پینس گرس منز
روزن تجے یوو۔ نیتھہ کرتھ تگہ ہیم نا۔ تُہی دپو۔ زنانہ ہندہ بارہ متہ آسکھ گومت،
قی زن مانو تہ یہ کیا یہ چھا شرمہ ہنز کتھ۔ یہ تہ نے اکھ حاجت اکھ آسہ منشس خاندری
کیازہ کرن۔ ساری اَسی تیلہ پانس پانس۔ نہ روزنے کانہہ کانسہ نہ آشنی کانہہ کانسہ
میہ تہ باسیوو زہ نسہ پتھ زندگی منز گژھہ کانہہ رفیق آسنے۔ نتے چھہ کھوژن
پیان۔ منش کن زون گژھان تہ پننہ ژھاے نہ چھہ گابراوان۔ خسر کیاہ چھہ کنس
زنس۔ بہ تنے گابرپومت تہ کھوژمت آسہ ہا۔ ظاہرا آسہ ہے نہ میہ زنانہ ہنز
ہیبژاہ ماے گنیمژ تہ بنیین ہندہ ونہ آسہ ہا نہ تس پتھ دارفتار گومت، سہ آسہ ہے
ونہ پننہ مالنہ تہ بہ آسہ ہاونہ پننہ گرہ۔ زن نہ پانہ وانی رشتے اوس تہ اکھ اکھ شند
حاجتھی اوس۔ اَدے چُھس بہ دپان زہ اگر دنیاہس منز کھوژن روزی نہ خبر کیاہ بنہ۔
نہ شاید ماچھک اَدے ووُنمت زہ خدایس گژھہ کھوژن۔ بہ اوُسس نہ

خدایس پتھ خدایس کینہہ کھوژان ۔ مائلس ماجہ پتہٕ اوس میہ کھوژُن مُشتھ گومُت یہ
ڈٔیِپ زِ تہٕ بہ اوسُس نہٕ انگن اُشناوٕن تہٕ کھوژان ۔ نتہٕ آیے یہ میہ واریاہ اُشناو
کھوژہ ناوِنہٕ زِ پتیس ئدٕرس مکانس منز کیاہ کرٕ کھ کُن زوٗن ۔ یرژھ کھٔے تہٕ اسہٕ نِش روز
وِنہٕ کھٔے تہٕ اُسی ییمو ے یوٗری ۔ میہ ئیلہٕ مائلس ماجہ سیٹھی کھوژُن تہٕ خداین نیوٗمُت اوس
میہ کوٗت ویپہن پہنزٕ کتھ ۔ تہٕ از چھُس بہ سونچان زِ یہ کھوژُن تہٕ کوتاہ ضروری
اوس ۔

میاٗنی کینہہ آسہٕ ہن میانہٕ آشنہٕ مالیُن گمتس نہٕ پتھ زیادہ گمتے ۔ بہ اوسُس
صُبحنس دفتر نیران ۔ بتائی وانس پیٹھ کھوان چیوان تہٕ سیٹھاہ زیٖرِ واپس پھیران ۔
منزِ ہفتہ دوہ یہ ہفتہ وُرِنس ژھٹہٕ ہش دِوان ۔ نتہٕ اوس وُرُن وُتھرُن اکی آیہ
ہراُدِتھی آسان ۔ اکہ اندٕ میون تہٕ بینہ اندہ میانہٕ آشنہٕ ہند ۔ وُرِنس منز اژتھ اوس
میہ آشنہٕ ہُند خیال یوان ۔ تنہنز شکل یاد پیوان ۔ تمہٕ سندیٖن کتھن ہند صدا کنن گژھان
تہٕ تمہٕ سندس وُرِنس منزٕ حرکت ہش گژھان ۔ تہٕ اُتی اوسُس سونچنہٕ پہان زِ بہ
چھُس مرد ۔ میہ لگن نہٕ ییمہ کتھہ سونچنہٕ تہٕ ۔ امہ سیتی چھہ مردس لوہ تٕر لگان ۔ تمُس
آسہٕ رائے زِ بہ پتس زارہٕ پارس ۔ تمہٕ چھنہٕ کتھے ۔ بازے اوسُس پانس ملامت
کران تہٕ منس وُنی ہی دِوان زِ تقصیر کس چھہ ۔ میا کہنہٕ میانہٕ آشنہٕ ۔ میی زن اوس
تقصیر تہٕ تہٕ کیاہ گوو ۔ دوہس پیٹھک کاوتہٕ سوزُن نہٕ یہ دُچھنہٕ زِ تما زندے چھا کنہٕ
مُود ۔ اُمس اگر نہٕ میون حاجت چھہ ۔ بہ تہٕ چھُس نہٕ اُمس آدیزہٕ کینہہ تہٕ ۔ بہ تہٕ اوسُس
دِیان زِ ییم کتھ زنانن تراوان چھہ ۔ تم کیتیاہ دِلہٕ دٕری چھہ آسان ۔ از اوس میہ پانس
نکرِ تو زمُت زِ نفرتس تہٕ محبتس منز چھنہٕ کینہی ژھین ۔ فرق چھہ ورتاوچ ۔ ورتاوُن
تہٕ گ تہٕ گوو محبت ۔ تہٕ گ نہٕ تہٕ گیہ نفرت ۔ تہٕ یہے دٕپ اُمسن میہ وارہ وارہ گنئی
ہیترمژ ۔ دِیان اوسُس بہ ہیمہ ما نہٕ ناوتہٕ زنانہٕ ہند زیٖرِ پیٹھ ۔ مگر منس تہٕ کرنس چھہ

پھیرٕ ۔ وۄنی یۄت کوٗرُم نہ کینٛہہ تہٕ ۔ بہٕ ہا تلہٕ کھوٗژہٕ بُڈ ۔ زنانہٕ یوٗز ۔
وۄنی اوٚسُس بہٕ شامنس شامنس وٚرتہٕ یکہٕ وٚن گُنہٕ نتہٕ گُنہٕ مندرس اَژان ۔ اَمہٕ
غرضہ نہ کینٛہہ تہٕ زہٕ میٚہ ما اوس دھرمک باوٕ ہُرُن ہیوٚتمُت ۔ یا پننیو گمہ نہوٚ ما اوٚسُس
بہٕ وۄنی بھگوانس شرَن گوٚمُت ۔ تہٕ نہٕ کینٛہہ تہٕ ۔ میٚہ أَس انسان بوٚچھ ہش نہٕ مندرن
منٛز أَسی لُکھ کیٛہہ بدٕ ہِی قسمہ قسمکۍ لکھ نظرٕ گژھان ۔ زنانہ مرد ۔ نہٕ میٚہ تہٕ اوس باسان
باغژن منز باژ ہیٚنہٕ پنُن پان ۔ مگر کمسی کالس نکیازِ آرتھی پتہٕ أَسی مندرن منٛز دیہی ژھیٚنٛی
ہش آسان ۔ کُنہٕ مندرس منٛز أَس کتھا سُیدان تہٕ بہٕ تہٕ اوٚسُس بوم وارٕ، بہٕ
وارٕ اور وادان ۔ مگر باقی دوہ ہیٚن اوٚسُس بہٕ گرا اَکِس مندرس پرکرم دِوان، گرا بیٚیس
مندرس ۔ تہٕ مندرن ہنٛز أَس نہٕ کانٛہہ کمی ۔ یپیٚتھ مجلس منٛز اوس یارٕ بل بُتھس پیٚنٛتھ
کأَنشہٕ نتہٕ کأَنشہٕ دیوی دیوتا شُند مندر حاضر ۔ کمی أَس بھگتن ہنٛز ، بھگتی ہنٛز ۔ بھگوانہٕ
سنٛز نہٕ کینٛہہ تہٕ ۔ تہٕ اکہٕ دوہہ گیہٕ بہٕ اَکِس مندرس منٛز ژاس اَتہٕ أَس نہٕ پوٚد ترا وُنِس
جایہ ۔ اَکِس طرفس کُن أَس تُھوکی ۔ تتھ اَندی اَندی آسہٕ زنانہٕ تہٕ مرد ۔ بیمارٕ لُکہ
لُکے أَستھ نہ أَس ژھعہ پہٕ ۔ بہٕ گوٚس حیران ۔ بٹہٕ کھاندرس چھُنہٕ ننیوٗتاہ شور آسان
یُتاہ غلہٕ غوش بٹہٕ مندرس منٛز چھُہ آسان ۔ یپیٚتھ کانٛہہ پننہٕ پننہٕ اندازٕ باتھ پوزاہ کران ۔ اکھ
وُچھون رتن دیپ بہٕ وہٕ نٛہہ کُنہٕ تفاوت زورٕ زورٕ شلوک پران ۔ تہٕ بیاکھ وُچھون وٚھٹن
دوہون حرکت کران نہ آوازہٕ نہ کینٛہہ نہٕ کڈان تہٕ اَچھو منٛز کانٛژھا ہنگہٕ تہٕ منگہٕ کریچھ دِوان ۔
میانہٕ بڈٕ ۔ میانۍ ماجی ۔ نارس گُلنزار کریو زم ۔ یُتھ ہیٚوٚ کنہٕ نکیہٕ ناد اوس نہٕ اَتہٕ کینٛہہ تہٕ ۔ اگر
ماجہ ہنٛزِ کوٚچھہ منٛز شُرکانٛہہ رینٛٹھ لاگہ ہے تس أَسی سیٚتھی وأَلی دِچھنۍ کھوورۍ دنان ،
دوہ تھدِ بی ، دوہ تھدِ بی ۔ نیٚبر کڈُن تہٕ ژھعہ پہٕ کیہٕ ناوُن ۔ بہٕ اوٚسُس اَندرۍ کنۍ سوچان
زِ یۄت ربط ضبط کیتھ پیٚٹھ ۔ یور کُس چھُہ یِنہٕ وول ۔ یم کُس چھُہ پراران ۔ میٚہ ژوٗد
نہ پانس تام ۔ میٚہ پژوژھ اکِس اڈٕ ورنفرس ۔ یُنہٕ کیاہ سہٕ چھُہ ۔ تمۍ ترٲو میٚہ ہیٚرٕ پیٚٹھ

بوہن تام نظر۔ تہٕ اڈنگج لاچن وہتھن سیتی۔ مطلب اوسُس وَنُن نہٕ۔ رٔنیو دِلہٕ بہ گوس یوہ ہوی کوہ بیتر ہیو۔ دوٚیم سوال تہٕ کورمس نہٕ۔ وُچھان وُچھان لیج بییس طرفس چھک ہش۔ سفید شین ہیو پیوٚزدہ تہٕ سفید دستارہ دِتھ آدٕ بٹہٕ اکھ کمہٕ چمہ کھمہٕ تہٕ یوہ ہوی کھوٚت اکھ پوچھ کہ بیٹھ۔ دٔچھنہٕ کھووٚرہ ترٲوِن نظر۔ یم کھڑا آسی، تِمَن دوٚنُن بیچھر بہن تہٕ پانہٕ بیٹھ چندہ منزٕ دٔچھ کڑِتھ نس دوہ تھراوِنہٕ۔ میٚہ دوٚپ یہ کڈرِ جولنہٕ منزٕ وُنی پیوٚتھ کانہہ۔ نتہٕ آسہ اُمس وِیاکھیان کرُن۔ میٚہ اُس نہٕ یم وِیاکھیان بوزِتھ زانہہ برابری آمژٕ اُنہ سٹھ ہوس بہ اتہٕ نس زاٚنِتھ مانِتھ۔ میٚہ دوٚپ گرِ واتنس تہٕ کوہ سہٕ جلدی چھہ میٚہ وُنہٕ۔ اُمی سُندوی بوزو۔

"کرو مہارا شروع۔" اُمی پیوٚزتھ لوکن۔ بیٚتھہٕ کُنہ نوٚر سماوار گمہ نیکہٕ وِزہ ٹھکارہٕ ہیوٚ چھہ دِوان، تیتھے کُنہ آیہ لوکن ہنز آواز ۔۔ "اہن مہارا۔ کرِو شروع۔" پننہٕ گنہٕ بنیہٕ ژھسہ پیہٕ۔ چوکہٕ اُندی اُندی اوسُس انہ گوٚٹ۔ مندرچہ بجلی بتین ہنز گاشُس اوس اُڈوتی سوران۔ اوٚتنس تام اوسُس نہٕ واتان۔ اَمہ کنہٕ اوسنہٕ اُمی سُند بُتھ وُنس تل پیوان۔ کِتھہٕ کُنہ باسیو میٚہ یہ آسہ ہے شیشہٕ تہٕ ژٔرٕ لمُت۔ گوہ ڈٲنیٹھی دوٚن اُمی۔

" اوٚتامت بوزوٕ تہٕ ہہ دٔہن زِنیٚن نش داہ کتھہٕ۔ میٚہ تہٕ بوزٕ؛ تِمہٕ دوٚن یہ تمو بوزمت اوس یا پوٚرمُت اوس۔ بہ ونوٕ یہ میٚہ پانس گُدریوُمت چھُہ تہٕ یہ میانیہ اچھہٕ وُچھمُت چھُہ۔ میٚہ چھہ ناو سروانند۔ میانس یارس اوس ناو ہری چند اُسی اسی لوکچارہٕ پیٹھے یِکہ وَٹہٕ پیلے متہٕ۔ یِلہٕ تیس ہوش آو۔ زِچہ ہنز تہٕ میٚچہ ہنز فکرہ لیج۔ سوٚنچ پیوٚو پنجاب گژھو، نتہٕ تتی کرو کانہہ کارٕ بار۔ یتہٕ اوس دوٚن وقتن بتہٕ کھینس تہٕ بیم۔ نوکری آسہ گنزر دتھ۔ اُزِ کہ پاٹھو اسی نہ موٹر، سڑکہٕ، بجہ بجہ مندورہٕ۔ یا اوس مہاراج صابُن محلہ خانہٕ۔ نتہٕ اوسُس خال کُنہ کُنہ مجلس منز کانسہ چک دارٕ سُند بنگلہ۔ پانژہ روپیہ اگر کانسہٕ آمدنی آسہٕ ہے۔ دٔہن بازٕن ہُند گرٕ اوس

ماشہِ مأرِتھ کھیوان۔ مگر یتھی گھرِ اسہِ خالی نظرِ گژھان۔ میٚہ اوس دِیہ شنُد دھرم دوٗ ژٕکھ ہا کھ بتہٕ چلان۔ مگر میأنِس یارس ہری چندس اُس نہٕ کھنڈُ ہارچندس بیٚیٹھ اوٗسُس خاندرِ تہٕ سیٚدمُت تہٕ کوٗر نہٕ زانہٕ ژٕ۔ بیہ ہوی لوٗگ میٚہ کنہٕ کیٚنس کڈنہٕ۔ یِہ تام بہ اکہٕ دۄہہ اُمی یانِس سیتھہ لمان لمان راول پنٛڈی واتہٕ نووُس۔ پنٛنِس علاقس اندر یمہ کامہ کرِنس انسانس گال گژھان، دۄہہ یہ جایہ چھینہٕ گژھان۔ اَسہِ کرٕ محنت۔ گوڈٕ کرٕ بایارس اُکس نِشس نوکری، پتہ کوٚر پنٛنُن بایار شروع۔ دۄہن ژٕہن وٕریِن اندر گیہ اَسہ جان صوٗرت۔ میٚہ اُس نہٕ پیٚت کُل کا شہ تہٕ۔ ہری چندس اُسِ زنانہٕ تہٕ کورِ ہیشہٕ فکرہ۔ ییٚتہٕ دۄہہ ییٚتھ اوسکھ چانٛٹس اَنہٕ مٕنتقنہٕ خاطرٕ کیٚنہہ نتہٕ کیٚنہہ سوزانی۔ بیٚتھوی میٚہ اُتی خاندر کوٚرتہٕ شُری اکھ زٕ زایہ۔

ہری چندس دزایہ گرٕ گژھنچ کل۔ میٚہ دوٚپُس اکھتوی اگر آشنیٚن تہٕ یُرکہٕ اَنہٕ ہمن، یِتی بیٚہمہٕ بأی زٕ کھرکھشہٕ وراُمی۔ مگر تس اوس ارادٕ بدلیومُت۔ پانس سوٗنبھ اوس تس کأفی پأنسہٕ ڈونٛکھ جمع گومُت۔ یمے آسہٕ پنٛنس روپیہ ساس تارٕ۔ بیٚیٹھ ئیلہٕ آخرس حساب کوٚر، دُکان کھوٚت میٚہ حصہ تہٕ ہری چند گوو پنٛنہ کاہ شیٚتھ میٚہ نِش ہیٚتھ۔ یمے روپیس ژور ساس ہیٚتھ آو یہ گھرِ واپس۔ بہ تہٕ گوس مَنہٕ کیٚنہہ خوشی۔ میٚہ دوٚپ کوٗر چھس وأژمِژ۔ اگر تس تہٕ خاندر کرٕ توٚہ پتہٕ تہٕ چھس پنٛنِس گذارس سوٗنبھ سیٚنٛڑاہ۔ نیرنہٕ ورٕزہ کوٚرمس باند باند۔ چھٹہٕ ہا لیکھی زٕ مگر اَمیک کھولم طماہ میٚہ لیچھس اکھ زٕ چھٹہٕ۔ اُکس تہٕ سوٗزن نہٕ جواب۔ وٕریس کھنڈس کوٚر میٚہ صبر۔ تہٕ دوٚیمہ وٕری نُلی میٚہ شُری سیتی۔ میٚہ دوٚپ پکرٕ گوو چکہ۔ پیٚنہٕ کرو معلوم زٕ ہری چندس کُس ملالہ چھُ میون گومُت۔ میانہٕ آشنہٕ آیہ نہٕ پرژھی۔ تس اوس کٔشیر وُچھنُک شوق سیٚنٛڑاہ، نتہٕ میٚہ تہٕ اوس گھرِ کیٚن بازرن، کوچن، بأژن ہُنٛد لول آمُت۔ ییٚمی دۄہہ بارٕ بیگارہ ہیٚتھ بہ گرٕ وٕتُس، تمی دۄہہ گوس بہ سیٚودوٗی

ہری چندُن گرٕ - بہ ہیوس آکاشہٕ - ہری چندٕنۍ زنانہٕ اٚس ئینٛدرٕ کتان تہٕ تسنٛز کوٗرٕ اٚس ژٲنگس تل ہچھب ڈیٖڑھ نادان - دۄشوٕنۍ ماجہ کورین اٚس ہچھرن شُکھر ناٹٔلی - جایہ جایہ رٕنے مژ - میٚہ آیہ نہٕ لیچھہ کُج گوڈٕ نینتھ پرزٕ ناوٕنۍ تہٕ تمہ ہیٚتھُہی بہ پرزٕ نووُس تسَ ژُج وٗذن باکھ نیرتھ - یُتھ زٕ کورٕ گوو نہٕ ماجہ ہُند یہ اوٚش تراوُن برداشت سو وُژھ پانہٕ اُچھن مُورن دۄوان تہٕ کھٔژ ہیوٚر کُٹھ -

میٚہ دۄپُس ہری چند کتہٕ چھُہ - اوّرٕ وۄنُم — " تمہ چھُوٕ ناپیاد - تسے ورِی گوو سۄ رگواس گامتِس، میٚہ لیچ شینہ ژھٹہٕ ہش بدنس - درٕنٛ گییم - تہٕ اُشی ٹارِی آم برٕنہٕ -

" تہٕ کیتھہ کٔنی ؟" میٚہ پرٕژھُس اوٚش دۄدہ ہران - اوّرٕ وۄنُم " میٚہ اوس قسمت کنیٚن لایق - اَدٕ رٕنِمے پنٛژیم - دٔہن ورٕہین رُود بیچارہ - تہٕ دٔہہ وُہرِ آیہ یوو - تہٕ وارٕ وۄتہ روزہٕ ہے، میٚہ شہلہٕ ہے وآنٛچ تہٕ یمس موصُوم کورِ تہٕ ژُلہٕ ہے مول وُچھنُک ہول - مگر یس یہ ازلہٕ لیکھتھ گوو - سۄ کُس ڈالہ - تمن دۄہن اٚسی شہرٕس اندر یلہٕ بیمٲری - اُتی آسان اِنسان وارٕ کارٕ، اُتی گژھان، اکھ زٕ قیٚ تہٕ دستہٕ تہٕ تیٚتھے کٔنی شہلان - تمن تہٕ رُوز نہٕ بسترٕ بیٖٹھ وۄ تھنٛج صُورت شامن شوہ بجے یہ وارٕ کارٕ، اَدٕ صُبحنس تام اوس میٚہ ڈٲکیہ ژنجن لایق گومُت "

میٚہ دِتُس دلاسہٕ تہٕ وۄنُمس — " مگر ژٕ یہ کیاہ چھُکھ یہ حال سَیدیومُت اَکھن ہٹہٕ گمتہٕ - بجس تمہٕ ناو گمژ - تہٕ اُمِس کورِ تہٕ چھےٚ نہٕ زُریاتھ رُوزمژ - آخر تسے روہ بیہٕ پاس ژُونبرٕ اٚسی، تمن کیاہ گوو ؟"

یہ بوزِتھ گڈ لیچھہ کُجہ دۄتھ ہش تہٕ وُٹھن پنیٚٹھ آس زاوُل اُسُن ہیوٚ زُن تہٕ یہ کیتھ میٚہ مذاقس منز ورنس - میٚہ ووٗنُس پھیرتھ - " ییٚنہٕ ژٕ یہ ایژ باسی - نیرٕ ورِزٕ اُسِس میٚہ گنٛز رتھ ژُور ساس روہ بیہٕ دِتی مٔتۍ - مانو روہ بیہٕ ہیتھ شُتھ گوس

خرچ باقی کوت گژھ۔"

لچھہ کیچ وزنھم ۔ "میہ اگر رو بیس ژورے ہیتھ آسہ ہن ۔ میہ آسہ ہے
یہ درزہ وژنی ژینتاہ چشمن برو نہ کینہ ۔"

اکھ لوگ نہ میہ کانہہ جواب دِنٛ ۔ بہ گوس یہ ہوی اپریور ہیوٚتس
نش ۔ میہ آسہ کینہہ وِٹر رو پیہ تہ پھٹہٕ ٹ چندس یہ کوڈم سورے تہ تھووم مس برونہہ
کنہ ۔ تیر نہ وِرزہ ووتمس ۔ "گابرٕ ن گژھ نہ ۔ ہرِ یٔ چندہ کوٚر تہ چھہ میانی کوٚر ۔ یہ
نِکھ واپس گوو میون ذمہ ۔

بہ اوسُس دوٚیمہ ترٚیمہ دوہہ لچھہ کچھہ ہند گرٕ ھان تہ سعہ تہ اُس منزِ
منزِ سون یوان تہ سیانہ آشنہ ہند یارِ یُم گوشُر گوز تھ ووسہ یوان ۔ میہ اوس
ینہ جایہ فیصلہ کوٚرمت زہ ہرِ یٔ چندن کورہ ہُند سرانجام کرِ ہی تھی نیرہ بہ واپس
مگر میہ اوس شکس لدطالے ۔ میہ آو ینن شایہ برونھی ۔ ہنگہ تہ منگہ پٔنیم زنانہ بیمار
تہ وِرچھان وِچھان موہ یہ ۔ تارِ ی لجس نہ ۔ میہ ہیوٚتی نہ پانس زہ کتھ بانتھ کرہ ون
تہ اَسہ ون، گندہ ون انسان چھہ یہتھ کنی ژھوٚرِ ی ماز بنہ اکھ روزان ۔ یہ ہوی چھہ
مٔیزِ منز دوبرٕن پیوان ۔ نتہ شمشانس منز الُن پیوان ۔

آورتینہ بٔیٹھ کیلہ بہ پھیر تھ آس ، میہ وون گورُو جی ین ۔ "ہے شرو آنند
زہ کوٚت کوٚت وانکھ ، شرِ ی للہ وہچھ کینہ زنانہ ہندی شرادھ کرِ کھ ۔ بٔیہ اگر راول
پٔنیجہ واپس گوکھ ، نتہ کُس ہا وہ چھوارہ نہ ماسہ وارہ ۔ جان چھے زہ گژھ
مٹن ۔ تٔتی نس ہاوُس باہ ۔ بھگوان دِیس تمی سینہ تار۔"

کرم دھرم اوس زنانہ کرُن ، تتھ ما اوس چارہ ۔ میہ زون یہ غنیمتھ ۔ لچھہ
کچھہ سینتو تہ کوٚرُم مشورہ ۔ تمہ تہ دِتم یہ ہوی صلاح ۔ لہذا دراس ہمنی دوہ ہن
منز اکہ دوہہ صبحنس مٹن ۔ مہ ودہ سندی کینہہ دوہ تہ یلہ تہ اکھ سعہ نہ وس

تُلِم سیٹھو دان کرِنہٕ خاطرٕ ۔ تِمن دوہَن اَسی یانٛژاین لوکھ ووکھلی گژھان ۔ یا گژھہ
کانٛہہ دانٛدٕ گاڑی آسنہٕ یا کرٛاسن ۔ نتہٕ اَسی اکھ زٕ زٕ سمان تہٕ ہیدلی نیران ۔
میٚہ مێول نہٕ سیٹھی وول کانٛہہ ۔ میٚہ سوٗنٛچ یی زٕ اکھ راتھ دِمو پونپرٕ تہٕ بیاکھ وونتی
پورٕ، تیٚلہِ یِم اِنسنت ناگہ تہٕ زوٗرِمہ دوہہ آسو مٹنہٕ بہِتھ ۔

ٹُرٛ پُرٛ دِوان وۄتُس بہ دوہَن ژۄوبَرن ہیٚیہِ تونپیر ۔ سری اوٚسن لوکھ
ہیو تیمت ۔ اَنٛدری کِنھہ اوس یہ ہوی دپہ ہیٚیہ وولتھان ۔ باسان اوس زنتہٕ کامہ والیو
پٮ۪یوومت چھہ ۔ بازرس منٛز اَسی دانہ والی دۄنہٕ وانن پیٚٹھی ۔ سڑکہ اوس آوجا وکھی ۔
یتھے بہ بازرس نِش وۄتُس میٚہ ڈیوٗٹھ اورٕ ہیٚری چند بکان ۔ تزٛھی بانٛدی
ٹوپی دِتھ ۔ ہیٚری واسکٹ تہٕ تنگ مۄرٕ پاجامہٕ لاگِتھ ۔ گوڈٕنیتھ دوٚپ میٚہ یہ
گوو میٚہ ڈگوٚش ۔ تُس اے موتس ڈوڈ وری گیہ ژھ ۔ یور کوٚت یی یہ ۔ اُچھن
دِژٕم وارٕ مۄرن ۔ پانس ہیوٗتھس تلاشی دِنہٕ ۔ مگر قدمو دِیت ہم جواب ۔ زیو
کلے ہم ۔ نٹان نٹان نی یہ میٚہ اَکِس وانس کُن ٹھکھ ۔ زَن اوسُم سودا کانٛہہ ہیوٚن
وانہٕ وول لوکم بر ژھمہ ژبہ کیاہ سہ گژھی ۔ میٚہ دِتُس نہٕ جواب ۔ زن اوسُس
سوونیومت ۔ میٚہ کتہٕ اَس زیو ۔ بہ گوس موتمیو کمٹھیو وانہٕ پٮ۪نٛیجہ بیٚنٛیتھ بہتھ ۔ میٚہ
دوٚپ یُس آسہ سہ آسہ ۔ نظرو ڈلہ تہٕ ادہٕ ژھانڈہ بہ پانس کیٚژھ جاے ۔ ادٕ ووتٕ
بہ دانہٕ والس بہ کُس چھس ۔ دانہٕ وول لوگ ژونگ زالنہٕ ۔ نتہٕ بہ ہیوٗٹھس
کھوکھت مو کھت کیٚہتہ کلہ بہ ان کن ژھنتھ تنتھ کنہ سڑکہ کن ڈیچھنہٕ زن نہٕ میٚہ
جیٚسا ہوشا کانٛہہ اوس ۔ مگر یتھے یہ سڑکہ پیٚنٛیتھ میٚہ سیدٕ سیوٚد ڈھرلوو تہٕ اکھ
سیٹھو لوگ میٚہ پانس کُن ہاونہٕ ۔ میٚہ کھوت شوٗش ہیبرٕ گوو گلس تانی ۔ اَندریم
شاہ گوم اندر تہٕ نیبر یِم نیبر، دوٚہم دِمہ کرنکھ مگر ہیبرٕ وول باسیوم تھوکمت
ساری سی بدنس کھتم تیرٕ کنڈی، نبض باسیوم ژلان ہیو ۔ کینہہ تۄ گم نہ سوبخن

کیاہ کرِہ۔ اُمِس نِش گژھا کِنہٕ کھیٚمہٕ کنِھ۔ میٚہ بُلہٕ نہٕ یوٚدوٚ حرکت تہٕ کرٕ، ہرٚی چند ووٚتھم اَسان اَسان۔

" ہے، کیاسہ زِہ سرٚ آنند، ژیٚہ کیاہ چھےٚ اَچھَن یوٚت پِچھ پھیرٕ گوٚمُت؟" میٚہ بَرزِہ نادٕ آواز۔ بہٕ ووٚتھُس زورٕ جبرہٕ تھوٚد تہٕ کھوژان کھوژان آسس برونہہ کُن۔ تہٕ اُمی رٕٹُس نالہٕ منٛز۔ میٚہ اوس دِل سٔتھ سٔتھ گژھان تھوٚد تھوٚد ووسان۔ تہٕ نٔٹان اوسُس زِہ خبر کیاہ بنیم۔ یہ چھُم ظاہرا یوٚت بنیوٚمُت شامنحصر کارہٕ روٚٹنس تہٕ ژٕلنس تہٕ اوسُم نہٕ وار۔ سونگوٚ یان انسانا اوسُم نالہٕ مَتہٕ رٕٹِتھ۔ بہٕ لوٚگُس اُمِس اَتھہٕ سارنہٕ۔ گِنہٕ منٛز باسیوم نہٕ کانہہ فرق۔ اَکِس لحظس منٛز آیہ میٚہ مَنَس منٛز ساسہٕ بُدٚی خیال۔ مگر زٕیوٚہ سیٚتھ پٔزٕ ژھ مٔس گیوٚ تووٚی یوٚت۔

شاید ژٕ دل میٚہ یہٕ نیرِتھ۔ " ہرٚی یا۔ ہیا ژٕ ے موٚد مُت اوسکھ۔"

ہرِی چندس آو میانہٕ کنِھ بیٚہِتھ نتہٕ میانہٕ کھوکھرہٕ زٕیوٚہ بیٚہِتھ اَسُن۔ اورہٕ ووٚنُم ۔ " نتہٕ چھُس نا!"

پتہٕ ہیوٚتھ میٚہ گرٕ پچ شیٚچھی خبر پرٕ ژھنہٕ۔ لَچھہ کَچی چھاوارٕ ے۔ کانتہ چھاوارٕ ے۔ بیٚیہ تہٕ خبر کیاہ کیاہ۔

میٚہ دوٚپُس ۔ ناتہٕ ژٕہ کتِھ کٔنی یور لوٚگمُت؟"

اورہٕ دوٚنُم ۔ " بہٕ چھُس یتھ علاقس منٛز یمہٕ وُوت۔ یَس دوتمُت آسہ تَس چھُس بوی شیٚچھ ہیٚتھ گژھان۔ اَکھتوٚی یمہٕ دوہہ بھابی ہنز وأری اُسس میٚہ دُپے یوت تہٕندِس یمہٕ دُوتس زِہ اُسی کرِہ علاقہ تبدیل۔ ژٕ یہ میانِس علاقس، بہٕ گژھہ چانِس خیال اوسُم یوہوی زِہ ڈوہ ڈٕہ وہرٕ کرِہ چون درشُن مگر تمی مون نہٕ۔ بیٚیہ اوس یہ رواجس خلاف۔ خأر یتہٕ گوو جأی زِہ ژٕ ہ سمکھیو کھ پانٕے۔ میٚہ چھےٚ زٕ ژھ کھنڈ جلدی۔ یتھ گامس منٛز چھُم موہ قدم سُند نیچوٚ میٚہ پراران۔ یوٚتام نہٕ بہٕ واتُس۔ زوٚ

ووٚلھان۔ دٕپان آسم اَسہٕ چھُ وونی ووٚہس گیوان گیوان ترٕ ہہر[۳] گژٕ کیٚژ زیادٕہ ووٚنیٚ بیران۔ ہیٚیہ چھُسنہٕ فکرِی ترٲن وونہ کیٚاٰرِی دِژاو۔ پوٚز بوز حلیمہٕ ژیٚ درآیی پھم تتہٕ اکھ ژیٚوٕہ اَرکس وُرِکیس برابر باسان۔ اوٚسے چھُس دٕپان اگر یتھ کامہ جلدی سیدی نہٕ میما پیہ مزٕر۔

"میہ وٕنتہٕ ژوٚ پنُن دِپُن تھتھ ترٕ کرٕ نہ دٲیہ۔ خبرِے چھے اَز تام کوٗرٕ میہ زانٕہہ دٲیہ۔ اُڈٕ، نہ اُڈٕ، ٹاس پٹاس، سورُے ہاوتم برسر۔ ڈیلہ کٔنہٕ ہیس جاپہ کیتھ آیم نیلہ ہیرٕم تالہٕ پیچھٕ کنُہ ہہہٕ سیتی بیمار گیس۔ اَدٕ دُنہٕ یہ چھُس نہٕ ووٚتلان۔ اوٚ تام دِژوم مٲژِرِ سسی واٹھ مگر وونی چھہ بدٕلی کتھاہ۔" یہ وٕنان وٕنان ترٲو حلیمَن ژیٚوٕٹھ ووٚشاہ تہٕ نوٗرِن کڈٕ ووٚلھ ہِش ترٕ بانبرِتھ پرٕژھنس۔ کیاہ کتھ۔

میتھ نہ ژیٚیہ یِتھے گرٕژھی حلیمَن وٚدٕنُس گٔلی برِتھ، یم دٕپان اَسہٕ گرٕژھ زٕچہ زٕٹ آسنی۔ اَسہٕ پیچھتَن ذاتھہ مُلی ہینہٕ خاطرٕ دارس کشُن۔ نتے اَسہٕ اَشناو رہشناو کھرس لدَن۔ لوکھ اَسے یامو سیتی گدٕرِ کرٲن زٕ زامتر ہسہٕ چھُک گیوٗن تہٕ زانان۔ یمہ کیتھ اَسی میہ بوزٕ وُن کران، دراصل یمَن نہ کرٕ نکھ ژھرٕٹ۔ وونی کرتہٕ ژیٚ کینہٕ ژھاہ۔ میہ پیچھےٚ بیہنٕز یمہ کیتھ بوٗزِتھ بدٕلیٚ حالاہ گرٕژھان۔ المورٕ ہنزٕ نَٹھ چھم ووٚلھان۔

حلیمَن گوٚڈٕ چھُنہٕ میہ اکھ کتھ فکرِ ترٲن۔ زٕ خاندان کُہ گوٚو تہٕ خاندان کیاہ گوٚو۔ میانی کٔنہ گوٚو تھوٚوٗد خاندان سُے یُس محنت مشقت کرِتھ حلالکی آنہٕ ژوٗر زینہٕ، ژوٗر کرِن نہ۔ زارٕ گنٕدُن نہٕ۔ رٕدٕ گیوٗن باساز واَیُن۔ کٔمہ کٔمہ سائکو گیوٗن بوٗزمُت تہٕ گیوٚمُت کیاہ وَنے کم کم۔ نامور گیوٗن وٲلی چھہ گُذرِمتی تہٕ کیتناہ چھہ زندٕ تہٕ۔ تِہنز جاے کاٰژاہ تھرٕ رِس چھہ! تہٕ زانِ تِمے یم تِمَن پتھ فلواہی چھہ گمٕتی۔ کم کم بُڈٕی مَعہ ہِنٕز یہ زَن چھہ اَسی یُتی ہتک زانان۔ نبرٕ چھُہ یہ کورٕن یہ دُبرٕ تہٕ گھنہ بدلہٕ۔ تہٕ زَن گوٚو یِہ لُس سیتی سیتی گرٕژھین یہ ترٕ ہیہ چھُمت آسُن، یہ چھُہ شوق کیاہ وٕنے، اَمہٕ سیتی کو یسہٕ ترٲو لتھ چھُہ درٕلُس پیٚوان۔ اڈٕ پن کیتھ چھُہ یہ کھیٚن تہٕ زانِ تِمے یمَن یہ

سنت گوو۔ چون مول تہٕ موج اگر تہٕ زانہٕ ہن تیلہٕ ما وَنہٕ ہن یہ۔ یا چھ زانٛنت بے زان
لاگان۔ ژٕ کو نو حکیمو کینہہ وَنان؟

نسہ تہٕ ژٕ اگر میانہٕ خاطرٕ یہٕ تژٛاوکھ ژٕ کیاہ چھسہٕ نی؟

پیرن دِژ نورس زیر تہٕ خندٕ کرِتھ وٕننس۔ کتھ سہ سمندرس منز چھک
بڈٕتھ گومت۔ یتی چھکھ سہ کینہٕ ہیہ گنہ؟

نورس گیہ پانس ہیرٕ بوٕن وَنن۔ کہینٕز نخص کہینز نخص۔ یہے کھرٕم
کاف ہش!

دٕ یہ گوہی تعویذٕ ہ۔ اتھ گرٛنٛھ بیٹھ صاف تہٕ پاک سٕتھرٕ وٕلن۔ بنہٕ یہ سو ہیچھ
ہش۔ ادٕ پتہٕ گرٛنٛھ کرٛانس نشہٕ کورٕ ژونگ انُن۔ تتھ گرٛنٛھ گیو تراوُن۔ شوٚدھ گیو
یہ انِزِک الوٕ گیو ہ کینہہ۔ تو پتہٕ گرٛنٛھ تتھ منز سو ہیچھ بوڈٕ وٕنی۔ اتوارٕ دوہ ہہ
شامس گرٛنٛھ شوٕمگن وزٕ یہ ہینس کھٹس منز زالُن۔ روٕخ گرٛنٛھ ژانٛگس تُسند گھرٕ کُن
کرون۔ یعنی ژانٛگی رہہ گرٛنٛھ تورکن گرٛنٛھن ژٕ گرٛنٛھک پانہٕ ژانٛگی رہہ ہ کن بُتھ کرِتھ ہہ ہن
مُدے گرٛنٛھ اتھی ژانٛگی رہہ کُن گنڈٕنی۔ یورکن کُھ۔ کن ان یورکن۔ یہے حرف گرٛنٛھ
یرن۔ امہٕ ژانٛگی رہہ منزی گرٛنٛھ تُسند مول تہٕ تُسنز موج نظرٕ ابہز۔ تو پتہٕ
گرٛنٛھ دِلہٕ منزی رائے گنڈٕنی زٕ یمہٕ خاطرٕ یہ تعویذٕ چھ سو کام انٛدن جلد۔ ادٕ سہ
تہٕ یہ کیاہ چھے؟ امہٕ سیتی چھانکھ وٕسان؟ یتھ گرٛنٛھن ہیہ ڈھایہ روٕہ ہیہ آسنہٕ۔ یمہ
گرٛنٛھن برابر سارٕ سُت روٕہ ہیہ گرٛنٛھنہٕ۔ یمہ چھنہٕ مہ کینہہ تہٕ کھینہٕ۔ میانہٕ ہارٕ چھ ژٕ یہ
باقی۔ یمو چھے چانس گرہستس، گرٕ ژارس نانیاز کرنہٕ۔ تاکہ نمبک کانٛہہ اثر ہیہ نہٕ ژٕ یہ
بیٹھ یا یتھ معاملس بیٹھ۔ گوڈٕ چھ یہ کام سیٹھاہ مُشکل مگر دوہ نی چھنہٕ لحاظس کینہہ
تہٕ وٕنن لگان۔ او ہیہ کیاہ سہ گرٛنٛھن سُت اجناس یعنی تہٕ مُل۔ رازماہ۔ وارہٕ مُہٹھ۔
وٕشکہ۔ کنکھ۔ مکائی تہٕ خشخاش سُت سُت پاوٕ آسنہٕ۔ یم سارِی چیز ہلہٕ نادرٕ تھ

چھُہ اَتھ ترین شبَن پرُن تہٕ اَتھ پتہٕ چھُہ ژھُوری مہٕ دوہہ علی الصباح اتھ چاۍمہٕ ہیوٚہ بناوِتھ خارٕ اتھ کرُن۔ اَتھ سیتی چھِ کنٛہِ ژھاوِلی کلہٕ ہیر آسنۍ ضروری۔ یہ سورُے گژھِ صُبحس آفتاب ہیٚنہِ برونہہ واتُن۔ ہے یہ کیاہ چھُگ کران کھوٚ رِچھار ٹان۔ نارہٕ پارِہ کنہِ نیچ چھَنہ کہینۍ ضرورت۔ فورس پتہٕ ہیوت پیرن ہیس اتھ وچھُن۔ مِس مُریدس باسیوو پیرِہ سُند اتھ قوت ہیوٚ۔

پیرِہ بلایہ لگےٚ چانِہ تخیلن چھُہ یوٚہے تژر ہیوٚ۔ رٕدیس کھوٚ توہہِ دُشمنن یوٚہے ووہ شُلُن ہیوٚ۔ خبر کیاہ دِپنہ؟

پنہن دوہن رٕوٚد پیر ژوٗری نہٕ تہٕ وتھرِنہٕ۔ پیرس اگر اتھ دادس منز کانٛہہ اکاربکار آو۔ سہٕ اوس یوٚہے شبان۔ یُس دوہے پیرِہ سُند پژھر پانس پیٹھ ہیوان اوس۔ گراہ بازر۔ گراہ ڈاکٹرس۔ وُشُن تہٕ ناوان تہٕ ترُن وُشناوان۔ پیرژ ہیوٚہ پھِرِتھ یژ زن پیرنۍ اُس شبانٕنۍ کٲم۔ بعض موانہٕ دوہہ دِگرس آو شبان لانکہِ میبنان۔

محمد شبان حقس چھُم دِنان۔ محمد شبان۔ عُمر تخفن چھم چھُنبی کینہہ تہٕ کرمژ نژِہ نے اوت تخفن چھُنہ تگان؟ ییرِہ کھارحق تگیم کھُرتہٕ کاسُن تہٕ کھُرانُن تہٕ۔ آمن بنَن رمےٚ گندِہ گنڈِہ کرِتھ۔ آنا تہٕ فانا منز۔ اکہ بالہٕ کھارم تہٕ بیہ بالہٕ والیم۔ لارک دارتہٕ دارک لارو نتھ والیم ناوِ۔ میہ نِہ خبری ناتیہہ۔ یتیم برونٛہم جبر دِنان۔ بتارن ہنزشہچھی گھرِہ بہت دنان۔ اُنی تون اُمس مقابلہ کاڑھاہ۔ صرف ستن دوہن ہنز ہاژ گامژ۔ لوکٹ تہٕ معصوم۔ تہٕ مانگہ بُمہٕ چھیس چھٹے مژہ۔ خضاب کورُن بازرس کامِنز۔ ہا ہا ہا ہا۔ یہ زن چھہ پانہٕ واٴنی کھتھ۔ میہ زِہ خاندانس نہ رلوُن۔ وَریہ بھتہٕ گھرِہ نہ کورِہ ہاشی تہٕ نہ ذامی۔ دہہ ہیے اُمس دیگہٕ منز نژتہٕ گجہ منز ہُرِ یہ زن ساری منگان چھِہ۔ ستہٕ رنگہٕ واتوہِ مکاٹی، کنکھ، دارِ منٛڈ۔ مرُمرِہ سوتھ۔ بالی توڑل تہٕ

ہت بلایہ گھرہ واٹت - بڈہ پایہ کردہ گور آسائیش - مہہ زہ زچہ زٹ تھہندہ خاندانیچ قدر کیاہ زانہ بباکھ - تہ ماڈ نکھ تھہی کمیو خاندانہ چھوہ - اُدہ مُتہ بوزنتر لعہ کہ موجیکیہ قنڈی سُکچین گیہ ڈیر - گل قند تراُولھ تھہد گوہ بہ بزیس مشر نیار - اُلہ آسہ تنہ لہ وُلھن حفض لوگ باخوداہ چوان چوان شاکھ - خبر کوتاہ آسکہ وُچھان رُچھان خرچ گومُت - اُمہ بیتر ہر یرہ ہش چاے - تم نر یزان تہ بہ نہ مانان - نارہ پارہ کتام حفض چھم وُچھمتی مگر تھتی نر - مغز گیہ ہُشار - بلایہ لگے بانبر مہ - ژیہ تہ چھے اوٗ نمت کھعہ یہ گوہ قنڈی کلیچہ - اُسی موڈری - یم ٹھاوی ماہم زورہ چندہ بُری بُری - تخفن تر کھیوان کونہ چھک - سورے دود ژلی - ہم فریک کلیچ چھے - راتس روزی اُمیک مدیر اُسس او سورے گوہ نیزنے مگر تیھنہ پتہ ٹھائی آسم کینہہ بخشائیش - اکھ گزھ رول گولک کنہ وس - کتاوبزہ پیرن نالس تلہ لاگتھ تہ سفید شلوار، موران دوو لاگتھ میہ کمتھ آسن - میون کارہ بار بوزنہ اُتھی بیھٹ - توہ تام چھنہ کنہ جایہ میون نژہ نے شوبان بوتام نہ یہ سورے نالی آسم - اُمیک ٹھاوی زہ خیال -

یہ بوزتھ بیوٹھ سنجوم دوہ یہ کھورہ شابنس نکھہ تل تہ ہونگنہ کرُ فسرہ نھپ - محمد شابا! اگر ما یہ کام اندہ عمرہ ہا روزہ نم یاد - اُدہ نا چھے ژیہ ییمہ گھرہ منزہ بالکل نیرن - ژیہ چھے تہ کس؟ ژہ ہا روزکھ دوہ نی مستقل پاٹھی یتی - مگر گوڈہ گزھ یہ کام اندہ نی - وہنہے وُنی بیھتھ یتی روزن مگر دار چھنہ وُنہ - یتھ روز بخشائیش اگر ہا میون زُوہ تہ لگی شتہ چھے حاضر - ہیرہ بون شوے پیہ شاک - گوڈہ ٹھاوی ژیہ قسم کوہ مکھ زانہہ بند - ییمہ ساتہ یہ وونتھ تہ کو رم نا؟ اُدہ چھے خبری کمہ کامہ مانہ می - یتھ اُدہ بیتر چانیو بیتر یوہ اُکس ناوس - ایژ چھا کینہہ - آہ لگے کیاہ - ای کیاہ اُسی زہ نہ نان -

یہ سورے ہیرہ پاٹھی بوزتھ دون شابنن ہیرہ ساتی سنجومس -

مگر ووہ ژٕ کیا حکص پھیے اکھ کتھ ضروری کرِتھ سوٗ گیہ یہ زہ یمن ہمن وزٕنھ
سیتھ سفید سفیدوال کڈٕتھ - وسمہ نہٕ ریشس کینہہ نہٕ کرُن بلکہٕ کھوٗر ڈالُن - موشہ
کراڈٕ ہِھوٕ بُتھ بناوُن - نبر نایدٕ انِنے بہٕ صُبحے - ساری کینڈٕی کڈٕتاوے بہٕ اکھ بُتھس
یمن دوہہن کیا حکص کرنا ؤ زہٕ دوہ ہے اِصلاح - اِ ء بیہ لاگِزہ کرٕہُن عینک اچھن
تا پہ ہِ عینک حکص - ژبہ پھیے نابخیلن یمن اچھن سفیدی ہش - اکھ گرٕ ژھ تمی سیتھ
لبوب بقوب - بیہ حکص ترٕاو کھ اَمہ ناپہ عینکہ سیتھ حُسن زہ کتھا ہ پھیہ کینہہ -
ہش کُستام حکص پچھہ - ڈاکہ وول - اُتی روزِ سہ -
سلاماہ بند یکھاہ نہ نزارہ پارہ ژٕ چھیت گوٚ بیہ یکدم پران - پتہٕ مہ بوہ موارہ
دوہہ صُبحے حکص شوزہس بہٕ کارخانہ پیٹھٕ اپاڑی بنڈہ پوٗر بیہ پسند کہ نہٕ خاطرہ
چانی دعاء جبرہ سیتھ دژکھ یہ جاے - بیہ پانژھ روپیہ ترقی - تمہ چھس تو ہہ منی
آرڈر کیہ ہِتھ ہدیہ سوزان - بیہ ژٕ ......... دِل پھم نسی کُن - نہٕ چھم رِہہ نہٕ نیندرٕ
تسنزی دری اگر بھتے پھم وسان - ہُٹہ گنڈ زٕن پھم لوگمٕت - کتھ تام پانٕھ چھس
دوہ دوہ کڈان - چانہٕ آشہ چھس زندہ - پادن حکص مگے کامِ وا تنا ءِ زِکم اند - یورہ
یوٗن گژھم کامِ اندیژٕ آسِنہ - میانہٕ بیہ جبرہ پچہ ژٕ پھیم یتر - مہ زٕ شوٗبے نہٕ میار نس
بیہ رس نہٕ اکھ - ضرور انہٕ - ناوس لگے - وُنہ پھیم تر یہ ربھ یتہ کڈٕتھ - اکھ گوٚ پتھ کُن
تمہ سان ادسمٕ ژورن رتین یتہ روزُن - ڈیان چھس یم تر یہ ربھ کتھ کینہ کڈٕہ
دعائے خا ئراہ -
پیرِ موہ کلبوہ یہ خط پرِتھ نہٕ شانَن ترٕوو ٹھہ ٹھہ کران اُسُن - تلا محمد شاہ نہ
ہِہ قلمدان نہٕ ابرائی قلم انتر دیرکُن -
میانہٕ مُریدہ - خط ووت - پرٕزی پانٕھ پھک مرید صالح - جورہ پٹ گژھ
جلدی روانہ کرٕتھ - کانہ گوٚ جرس گژھ یلہ دار ژٕ پھیہ - پریشان گژھنچ پھینہ

کنہی ضرورت ۔ ڈپان سہ دیر آید درست آید

یہ اوس بہ موارِہ یمہِ دوہہ نُورہ ژورہ رٔٹھی نکھس بیٹھ پلہ دار جورہ پٹہ ہیتھ
وچھنس اکھس منز زاو جوہ کانیہ رنگدار کانگرہ جورہ ڈونو بُرمی بُری، تتہ نرہ سا رنگ
الائنز دوان تہ دوران آو سدوے پیرہ شند گھرہ ۔ پیرہ شند ٹھسہ دروازہ بیٹھ از
اُڈلس لیدر تہ اُڈس سرخ رنگ اوس، مُشرو و نورتن ۔ اکھ لعتھ ژاٹن ہر برہ کُنہ زہ لیپہ ہے
لیدر تصویراہ زن ہرنہ پوشاکس منز تہ دندس تل اوہ نگج رٹھتھ وچھن آنگنس منز تاپس
بہت ۔ سوگیہ پننہِ جایہ رہت تہ نورہ گوہ پننہِ جایہ روٹہ ۔ دوہ نورنی لوگ زوان قلعف
جلیتمس اوس اشک آگر تام ہو کھمت ۔ نورے پیرہ نزہ آشہ کینہہ باقی اوس رُودمت
تتھ لجبس اُشس زہ دارہ ۔ نورس ولسرے یہ دوہ نوے اکھ ۔ ساز ہیوس نزہ منزہ
وسی مگر زورہ کرنس کھتھ تام پائٹھی ٹھپ ۔ دروازہ اوس گوب ۔ یہ ژولس اکھ
منزہ ریرتھ تہ برگوبند ۔

○

علی محمد لون

# تأزی ہٹی کان

(اَکِہ ایکٹک ڈراما)

کردار :-

نُرٕ موٗت : اکھ بُڈاٗنگ ۔ پنژاہ ؤہُر (۵۰)

جمال :- اکھ گرٕ یُوس، سیٚودٕ سادٕ ۔ یُہ ہے دہ بہٕ ترٕہہ ؤہُر (۳۲)

صائبہ :- جمالٕنٕز زنانہٕ ۔ مزاجہٕ تیز ووش ہیہَن ۔ ستوٕوٕہ ؤرِش ۔

( یہٕ ڈراما چھُ اَکِہ غأرمُلکی کتھِ پیٹھ بنہٕ آمُت )

[ مُصنّف سٕندِ تحریری اجازتہٕ وراٗے گژھِ نہٕ یہٕ ڈراما سٹیج سپدُن ۔ ]

[ پرٕدٕ چھُ وۄتھان۔ تہٕ اکھ عام گامی گرٕک ڈٕنٛن کُھٹ
چھُ نظرِ گژھان۔ کھوورِ طرفہٕ چھُ دروازٕ، یُس
وُنی گینس یِیے چھُ۔ برُونٛہہ کنہِ مس دیوارس چھِ زٕ دارِ
یِمہٕ تہٕ چھِ بیلے۔ دچھنہِ طرفہٕ چھُ دان دزان تہٕ اکِس
ژاٹھِس پیٹھ چھِ آبٕ ریٚنجِھ گرٕکان۔ تہٕ دوٚیمِس ژاٹھِس
پیٹھ چھُ بتہٕ دیگچہ بہٕ ژاوان۔ کُنٹھِس چھُ اکِہ طرفہٕ
وُگُو ژاوِتھ۔ تہٕ خالی جایہ چھُس گاسہٕ دہراوِت۔ دانِس
کھوورکُن چھِ طاقچس پیٹھ کینہہ کترِ تہٕ ژامی بانہٕ
کینہہ پرانی ڈبہٕ۔ تہٕ اکِس کنٛجِلِس منٛز باچہ۔
دوہ چھُ تیار لوسنس تہٕ دارٕ تہٕ دروازٕ کِنی چھُ وسہٕ
وِنہٕ اختابُک گاشہ کمرس منٛز اژان۔

صابہٕ چھ دانِس کُن بُتھ کرِتھ بیہت۔ تہٕ
جمال چھُ وگوِس پیٹھ بیہت کلس پھش پھش دوان۔
نہ کیاہ تانی سوچان۔ صابن چھُ پھیرن لوگمت وۄزٕ
چھیٹرِ ہُند۔ تہٕ کلس چھُس چھیٹہِ ہُنٛدے ڈیٚپرٕ تہٕ دِتھ۔
کنس چھُس رۄہ پہٕ سندی جھمکہِ لاگمت۔ جمال چھُ کُرتہٕ
بیزار تہٕ سدریٚ لاگمت۔ وۄہ ڈٕہ نوٚنے۔ ]

صابہؔ :- (جمالس کُن نظر دِتھ ورأیی دانِس ہنٛز تیز کران کران-) گوڈہ نوٚچھتہٕ میٚہ فِکرِ تران زِ اُمِس کیاہ آو اُزِ زَن پلِست ؟ خبر تہٕ اتر نہ پیو ہانگہ تہٕ منگہ وأتتھ

جمال :- (کلس برابر ہچِھش ہچِھش دِوان) نے تہٕ یاگو میہ چھم خبر زہ ؟ اور سے ہے آد پھِرہ یکن پھِرہ یکن تہٕ ڈن شیچھ - ہتا دوہ ڈی ہے شہرہ پیپٹھ چھُ پیر آمت - گرے رُنڈ ودن دانِس - دوہ ڈی کتھ پیپٹھ اوسِس یور پیپٹھ پلو کرُن ؟ بہتھ ڈکرِہ کھسان کھسان ہے پھِر یکھہ کھسیس تہٕ ؟ اِدہ کیتھ ؟ اوے اورِہ دِوان تہٕ دوران تہٕ رنیہ نے شیچھاہ باؤتھ !

صابہؔ :- ناو تہٕ دوہ ڈی چھا اسہ ہیتھے سوٚچہ نے یوت ؟ رُنڈ زہیس یہ کوہ کرُہ تہٕ نہ زہامین حلہ حال کرِتھ - دوہ ہے ! پھیرن کوہ تھاہ چھم اُمی شُند - دوہن ورِیَن وُچھمس ژھایَن تہٕ گژھایَن - اِز کیتھ ہیم اُمس گتہ ڈرِ پھیرنُس دوہ ندِہ ؟

جمال :- (لھوٚد دوہ لھاں دوہ لھاں) نے تہٕ چارِہ تہٕ ماچھ کانہہ ؟ دوہ ڈی ییلہ لأزِم درپوژھ وأتھ ہیو !

صابہؔ :- (دوہ ش ترأوِتھ) گژھ اِدہ رٹُن -

جمال :- نا ے ییتھ کُنی کتہ اندِہ کیتھ - یا گمہ و ژہ تہٕ یکھہ سیتی - زہ زِ ڈی دوروس دوہ یو اَندو - نتہٕ کتہ ییہ یہ اکھ -

صابہؔ :- اِدہ بأیکھ - تلو کھٹھراہ کرہ - بعہ ہاکرس بوٚرہ آلو - دِیوہ ہا ییہ - (آلو کران) تیوٗتی تیوٗتی - تیوٗ .... تی ! (کوہ کرہ ہنٛز کرہ یکھ چھہ گژھان) ہیو بوٚرژن ہاشابہ ژہ تہٕ کرسو آلو -

جمال :- ہتے رتیوٗتی کرنہ سیتھ نے اندِہ تہٕ کینہہ تہٕ - دوہ ے تیبر نیر لھ ہے رٹُن

[ صابہ چھم دوہ لھان - تہٕ چھم دروازس کُن نیران
جمال چھم ژُنہ اندرِ - سہ چھ ییہ اکہ لہ ڈ کلس ہچِھش

پھش دِوان ۔ تہٕ اَمہٕ پتہٕ ییٚلہٕ صابہٕ دروازٕہ نیبر چھےٚ
نیران ۔ سُہ چھُہ بے بس گژھت ترٕہ زٕہ دِوان دارِتھ
زٕن ۔ تہٕ نیران چھُہ صابس پتےٚ دروازٕہ نیبر
سٹیج چھُہ خالی روزان ۔ تہٕ نیبرٕ پیٹھٕ چھےٚ ییمٕر
آوازٕ ییوان ۔ ]

صابہٕ :- ہے ژٕوٚلےٚ ہوٚ جانہٕ مرگ ! ہے ژٕ یہٕ اُمس ییمہٕ جرٕبہٕ کلہٕ وٕسی پینہٕ !

جمال :- ہے ٹھپ دِس !

صابہٕ :- او ۔ اوے یہ اَتھہ !

جمال :- ہے اَتھی ہے یِتھہ نےٚ ڈٕکرِ ببہٕ ن وٕسی ؟

صابہٕ :- ناو ڈٕکرِ ببون فوٚ دِمس بہٕ وٕسنہٕ ۔ گوڈٕ وٕنیمےٚ سابہ ہپرہٕ ۔ ییمس ہیٚہ
کرٕ پوٚ ییمہٕ پکھن ہنزٕ تیرٕ ۔ ادٕ موٚنہٕ تُقمہٕ زاہہ ؟

جمال :- ووٕ لےٚ ۔ ووٕ نی ہے بچور ختمی چھُہ کرِن ! ہے ژٕوٚل ہے !

[ آوازٕ چھُہ ژٕوٚران ۔ تہٕ اورٕ چھُہ نیرٕ موٚت ژوٚرٕ
سٕندی پاٹھی اندر اژان ۔ اُمس چھُہ خرقہٕ نالی ۔ اَتھس
منز چھُس گوٚہ سائز کشکول ۔ تہٕ نالی چھُس سبز مُنکن
ہنزٕ تٕرٕ تسبیح ۔ ریش چھُس دراز ۔ تہٕ مَس تہٕ چھُس
زیٹھ پٔٹ ۔ یہ چھُہ ژوٚرٕ سٕندی پاٹھی سارِی سِہی
کُنٹھس اَکھ دُر نظر کران ۔ تہٕ اَمہٕ پتہٕ چھُس دانس
کُن نظر دِرٕ لگان ۔ تہٕ یہ چھُہ ریشس اَتھہ پھران
تہٕ سیتی وُٹھن زٕ وٚ ۔ گرٕ وُٹھ چھُہ نینگلاوان ۔ تہٕ
بیہہٕ چھُہ گھوٚری گھوٚری دروازس کُن وُچھیت وٕنان ]

نٗرہٕ موٗت :- اِہن تہٕ نصیبہٕ چھُہ رُتے کیاہ تاڈٕ ! دوہ شہہ سے باٹھ چھہٕ گوکرِس دوران شاید آسکھ حلال کرُن - اِہن تہٕ کیاہ زٕ دِنہٕ ؟ پوٗرٛھہ آکھنا نٗرہٕ موٗت اشہرٕ پیٹھہٕ بوٗرٕ واتان واتان یمِس ڈالھہ گوو ! دِمہٕ ناکہٕ یکھہ - ہو موٗت چھُہ توٗت اتہٕ یلِس مَتکہٕ تس مَتکھہ یاد رُسہہ زَن ! نٗرا صبرس ہہہ کائم - زٕ ٹھنہٕ یلِم گوڈہ کوٗر کرس ادہٕ بوزِو مولا کیاہ کرِہ !

صاٖبہٕ :- (زیٖبرٕ سے) ہے یہ نوٗ چھُنہٕ اٗتھی یِوان ؟ اَمِس چھُو کمی ہاہ سکت دورٕ نس سُنب ؟

جمال :- (زیٖبرٕ سے) ہے رٗتُن تہٕ چھُسی اٗرخہٕ ؟

نٗرہٕ موٗت :- نٗرا - زٕہٕ کرہ کائم - زٕہٕ نہٕ بیاٖرِ جو نہٕ مارِتھہ یہ اتھہ بیہہ تیتھہ - یکبارٕ زٕ یمَن لگہٕ وِنہٕ داریاہ کال یہ کوہ گرٕ رٕٹانس (یڈ ٹھیچہ دِتھ) ہے کیاہ گوم ! اَنکیوٕ نکیوٕ اَندرٕ مو کیاہ ہاہ ہیتھو وشہ نٕ وہٹھی وہٹھی اَندرم ژایہٕ ! اِہن ہاہ ہمت کرٕ ! کھوژ مہٕ نٗرا ! ( کھوٗژت چھُہ دروازس کُن وُچھان ) اما ــ اماپوز ــ یہ ہیوٗن ہے چھُہ میہ ٹھلہٕ ٹھلہٕ وُچھان - اد روٗتُن ہے بیچورٕ ! کَن ہے گاٗس کھرٕ ! - یُتھنا نٗرا بوٗرِہ اَژی تہٕ یہ خلعت درویشی رنّی پارہٕ پارہٕ کرِتھ ! ( ہیوٗن چھُہ دوہ بِچھہ کران تہٕ نٗرہٕ موٗت چھُہ کھوژِتھہ یتھہ کُن لاینہٕ یِوان - ) اِہن روٗتُن ہے بیچورٕ اُہ چھینے خرقہٕ ناٗلی - یہ تکیاہ دوہ نٕ تھیچھ ! دِمہٕ ناکہٕ یکھہ ہولِس مَتکہٕ تس مَتکھہ یاد رُسہہ ! اماپوز یہ جاٗہل کیاہ زانہٕ تہٕ کیاہ گوو ؟ یَتھہ ادہٕ نٗرا ؟ کُنہٕ ! ادہٕ کُنہٕ تلہٕ تہٕ دِمس کھہٕ نکھنس بٕرِتھہ - سیود گرٕ ٹھس تہٕ رتس بیہہ نہٕ ٹھھٹھو - ویٗلا نہٕ نٗرا - نیلہٕ چھے ژہٕ یہ صبر کرِمن - دوہ نٕ یٗلہٕ تاوٕنس پھیوکھ -

جمال :- اٗتھی ہے ٹھیچہ دِسی !

صاٖبہٕ :- ادہٕ ادے یہ جانہٕ مرگ سہل سہل اٗتھی -

نٗرہٕ موٗت :- ( کُنہٕ چھُہ تُلان تہٕ یِوان چھُہ ہاٗہنس لاینہٕ ، ہگرٕ سیتی چھُہ رُکان ) اِہن اِہن

ٹھہراو کر۔ نرا! ہوُن ژوٗل! خاٚر نرا یہِ تہٕ گوٚو رُتے رُت! اَنتہٕ لابہٕ ہس

یا مولا کرِتھ ترٕ ہیس نکرِہ زہٕ متین سیٹھاہ اَنہٕ کھ چھہ ژٕنان! نرا تاوُن ژدا!

مارا ور کتھن سیٹھہ دٕکھ۔ دِیو لیجہ ٹھپچھ!

(بتہٕ لیجہ ٹھانڈ ٹھُلان) یِہ گوو دَبتہٕ یُس وہٕ جاوہٕ سی چھُ

یہ آسہِ سیُن (دوٚیمہِ لیجہ ٹھانڈ ٹھُلان) لاحول ولا! کمَن جارِن ہُند گرٕ ژٕ آس

بہٕ؟ ژھورُے آب ٹھوو مُت گرِ یکُن! (لیجہ اُتھی تہٕ اَوُٹھ، اورٕ یور

ژھانڈنہٕ بہان) اِیہ تہٕ پھیرِہ اندر چھُ خدایہٕ شُنند ناوِ ادت موجُود! اما یہ کیا

چھُ (کرِ پنچ لیس منز اَتھ ترٕاُوٹھ باچہٕ کڈان) اوہو! باچہٕ حضرت شہرت اَصاف

تہٕ پاک کرِتھ۔ برو برہ اَکھ ژٕ اکھ! (باچن وزناہ کرِتھ) ژھاوُل گرٕ ھ ناشہٕ نسب

آسُن! یِمَن کم بختن چھے لیجہ منز باچہٕ ترٕاوِے مُشند گاسرٕ۔ نرا دِ پچھان

کیاہ پُھک۔ ترٕاوُن باچہٕ لیجہ منزا تہٕ یانہٕ دہٕ اورٕ یور ژھانڈ۔ (باچہٕ چھُ لیجہ

منز ترٕاوان تہٕ اَمہٕ پتہٕ چھُ طاقچس کھڑکیہ دٕوان) یہ گوٚو تبدیل۔ یہ گوو نوٚن۔ یہ

گوو مرژہٕ وانگُن۔ تہٕ یہ گوو شہ نِٹھ تہٕ مرژ۔ یِم ساری چیز ٹھوٚک پتھ کنہ

پیٹہٕ پیٹہٕ جایہِ۔ اِلاچھے یہ گوو رژہٕ ہیُن یہ ترٕاو باچہٕ لیجہ۔

(گیو چھُ لیجہ ترٕاوان تہٕ بتہٕ لیجہ چھُ پھیر دوان۔)

صاٮ۪بہٕ:۔ (نیبرِ) ہا کرنو ووہ نی ڈٕلی ڈٕلی حلہِ حال! ژیر ہا گوو!

جمال:۔ ہے اَدے۔ ووہ نی لگہِ سے تار۔

صاٮ۪بہٕ:۔ نا تہٕ اورٕ ہے آسہِ پیر یکان۔

جمال:۔ ہے وولے ووہ نی گژھن تہٕ کوٚت چھس بیہہِ؟

نُہٕ موٚت:۔ اِیہ تہٕ گوو یہ سورُے اہتمام چھُ پیر صاٮ۪بنہٕ خاطرٕ نیپان؟ نرا موٗنکھ ہا

فاقے ہا چھُے یتہٕ تہٕ نیرُن! (دیشس چھُ پھشاہ پھشاہ دٕوان) اما پوٚز اگر

تگی کینہہ نتہٕ کینہہ نہچی ژٕل ژھٕ ییتہٕ۔ تہٕ پیر صاب کدٕن فاقے! اؠ دٕماغ پیٹھہٕ
لٔٹاوُن۔ نتہٕ زٕن چھینہٕ ییتہٕ بہٕ انہٕچی کانٛہہ۔ فلحال نیبر نتہٕ ژٕھ نوٚت پاٹھٕ بہارٕ نیبرٕ۔
تہٕ امہٕ پتہٕ دِ نتہٕ کر یٖتھ ہہ بٕس منتاہ تٕس منتکھ پادر سہہ۔ وٕنتھ چھے صاف!
ہوٚن چھُہ ژٕولمت۔ نیبر نام مولا ہیتھ نیبرٕ! (نیران چھُ)

صابہٕ ر:۔ (اندر اژان اژان) توبہ توبہ زنگہ بچھٕڈراوٕن دوٕن دوٕن باژٕن۔

جمال:۔ (اندر ییتھ اکھ صاف کران کران) ہے وُچھتَ نا۔ ہیئے وٕن کوٚ کرٕ سندی یاٹھ
دٕڈو اوس کران۔ (منشک اوس ہیوان) صابے۔ یہ کیہے گژھ منشک زٕن یوان؟

صابہٕ ر:۔ ہے نادٕ شہ کیتھو؟ دٕہِ نے یاچہ تہٕ تژادٕہ میہ لیجہ (کوٚ کہس ہیرٕ لبہٕن نظر
نہ آوِتھ) دوٕ یمے ہا۔ یٖمس کڈٕ دٕ نیرٕ کینہہ مُسلے نموس واٗلِتھ؟

نٕرہ موٚت:۔ (ہکہ، اندر اژِنت تہٕ کلہٕ بیٹھی نژ رگلہ دِتھ) ہوٚیس منتکھ تٕس منتکھ پادر
سہہ۔

صابہٕ ر:۔ ہے کیاہ گوٚم! یہ کوٚسا بلاہ پیٹھہ وٲژتھ؟

نٕرہ موٚت:۔ ہو موٚت چھُ نوٚت! ہوڈیکہ چھے لوٚبہٕ وٕن! ڈوٕنب چھے شوٚبہٕ دٕن! ہو
بٕس منتکھ تٕس منتکھ پادر سہہ!

(صابہٕ ر تہٕ جمال چھہ کینژھاہ کھوژان تہٕ کینژھا
حیران گژھان تہٕ اکھ اکِس وُچھان)

صابہٕ ر:۔ یہ کوٚسا بلاسے؟

جمال:۔ ہے بلاے نے چھنہٕ۔ یہے چھُ درویش چالہ یوٕ زنہٕ یوان!

صابہٕ ر:۔ ناتہٕ یہ کنہٕ گوٚو پادٕ؟

جمال:۔ ہے خبر چھمے؟ زٕن ہے زمینہٕ پھوٚٹ!

نٕرہ موٚت:۔ ہو موٚت چھُ نوٚت! یٕس منتاہ تٕس منتکھ پادر سہہ! (صابٕ بٕس کنُ

اِشارٕ کرِتھ ) پیرِ کامل ہےٚ چھےٚ یِنہٕ وول ! واتی زٕ بس ہےٚ۔ سورُے شکس ہےٚ کاسی ! مہمان ہےٚ چھےٚ یِنہٕ وول ! کُنہ کرس ہےٚ واٹِل زٕ مُسلے۔ نتہٕ ہےٚ گژھی ژیر !

صابر :۔ جمالا !

جمال :۔ ہےٚ چھکھےٚ بوزن صابے ؟

صابر :۔ ہےٚ اَہنو بوزن ہمہ چھس !

نٔرٕ موت :۔ گورِی جان کوٚرُتھ کُنہ کرٕ مور تھَن ! پاچہ ژاکہ سیتی بیہ ہےٚ نہٕ معزز مہمانس یڑ۔

صابر :۔ ہےٚ چھکھا بوزن ؟

جمال :۔ ہےٚ اَہنِ بوزن ہےٚ چھس !

نٔرٕ موت :۔ صابے ! اگرس منز چھےٚ برکتھی برکتھ۔ اما پوز شاپ ہےٚ چھےٚ شاپ ! او موت چھُ توت !

صابر :۔ ( گُلہ زٕ گنڈِت نٔرٕ مُتس بروٚنٹھ کُن گژھان ) بلایہ حص لگےٚ۔

نٔرٕ موت :۔ ( اشارہ کرِتھ ) ڈیکہ بہ چھُے لو بہ وُن ! ڈوٚنب چھُے شوبہ وُن ! اما پوز شاپ ہےٚ چھےٚ۔ نظر ہےٚ چھےٚ لیجُ ہرِنہٕ ! اگر پچھنہٕ ہےٚ چھےٚ کلہ پیٹھ وڈاں ! ( کرِتھ دِتھ ) ہوٚیِس مَتکھ تَس مَتکھ پادر سہہ ! ہو موت چھُ توت ! توت رسیر ہیوٚ ! ( کلہ چھُ بوٚن کُن ترٛاوان تہٕ اُچھ وٹان )

صابر :۔ صابہ حص لگی پادن۔ وارٕ وُنتم حص !

نٔرٕ موت :۔ ( اُچھ مُژراوِتھ زن تہٕ ہُشار گژھت ) صابے ! کینہہ نےٚ پرواے ! او دوہ ژُ کُنہ وُنی شُند دِل گژھہ خوش کرُن !

صابر :۔ ہا بہ حص دِندے اُچھن ہند گاش ! ژٕ کرتہٕ حص حکم ؟

نٔرٕ موت :۔ صابے ! اُسی چھِنہٕ حکم دِنہٕ آمتی۔ اُسی چھِ حکم پورٕ کرنہٕ آمتی۔

صائبہ :- ژٕ بٔہرا و حَضن کھوٗ - بیہہ حَضن !

نٔرہٕ موٗت :- بہِہت کیاہ چھُم لاس لبٕن ؟ ژٕھری آبہٕ لبجہٕ چھےٚ گرہ یکان - فضول ناراہ

دزان ! بتہٕ آسہِ خبر کرہ چھاوہٕ آمُت - ادہٕ اوٗری ناراہ دزان ! ( کرہ یکھ دِتھ )

ہوٕیس مَنکھہ تٔس مَتکھہ پادرسہِہ !

جمال :- ( حائران گژھت صائبس ) ہے بوزٕن یہ چھکھےٚ ؟

صائبہ :- ہے اہنوٗ بوزٕن ہو چھس -

نٔرہٕ موٗت :- ( اورہ یور نظراہ دِتھ ) ہوٕیس مَتکھہ تٔس مَتکھہ پادرسہِہ اِسورٕے

کیٖنہہ چھُک دٔپھ ( اَساں ) دٔپھ دِلیچ خوشی ہٕ !

صائبہ :- جمالو - یہ رٕکھہ وَنَن ؟

جمال :- ہے خبر یہ چھےٚ زہ ؟

نٔرہٕ موٗت :- ( جمالس کُن پھیرتھ ) جمالا !

جمال :- کیاہ حَضن ؟

نٔرہٕ موٗت :- نماز چھُکھا پران ؟

جمال :- ہے اَہن حُضن مُنزِ مُنزِ حَضن چھُس پرانی -

صائبہ :- ( پچوٗغلی کھیتھ ) ہا کتہٕ حَضن ؟ کتہٕ چھہٕ پران ؟

نٔرہٕ موٗت :- جمالا ! نماز گژھِہ پرٕنۍ - ادہٕ ژٕلہ ترٕا اس سورٕے - زٔن نہٕ زٕونہٕ گرٕہٕن

ژٕلی -

صائبہ :- ہَنہٕ حَضن بلایہ لگےٚ ! تلہٕ حَضن ژٕہی وَنتس - دِپوہٕ حَضن بَیتھ دِدہٕ وٕنِس تہٕ

آب پھیرہٕ ہا -

نٔرہٕ موٗت :- صائبے ! غم مہ بَر - اُسی کیاہ کرہٕ نہٕ چھہ آمتۍ یور ؟

صائبہ :- نہ حَضن - یہ حَضن وَندے زٕو - ژٕہ کرہ تہٕ حَضن حکمی یوت -

نُرٕ موت :- صائبے ! مے ژٕ وونے زِ اُسی چھِنٕ کینہہ ننٕ آہتی۔ بلکہ چھِہ کینہہ بخشنٕ آہتی۔ وولٕ چھِیے گُنٕکھ داماہ تیار ؟

صائبہٕ :- ہائے وٕنی حَقن گژھہ تیار۔ ژٕ کرتہٕ حَقن قراری اوت !

نُرٕ موت :- قرار ؟ اَسہِ کتہٕ گوو قرار۔ اُسی چھِہ بیقرار : بکیازٕ اَسہِ چھِہ لبہ چھِہ لُجمٕژ !

جمال :- وُنی کینہہ نہ حَقن چھُنٕ کینہہ تہٕ تیار۔

صائبہٕ :- وُچھہ چوروہس کیاہ ؟ ہتہ حَقن ژٕ کرتہٕ حَقن حُکمُ۔ بہٕ حَقن دِمے مازِینُ بُزِتھ ؟

نُرٕ موت :- جمالا !

جمال :- کیاہ حَقن ؟

نُرٕ موت :- جمالا۔ والُو کوہ کرس مُسلہٕ ! وُلی وُلی ہا ! تہٕ نیرو نیبر !

جمال :- ادٕ حَقن۔ ییکہٕ حَقن دژاس حقن۔

( صائبہٕ چھس کوہ کرٕ دِوان تہٕ جمال چھُہ دروازٕ نیبرٕ نیران۔ مگہٕ دروازس نکھہٕ وأتِتھ چھُہ شکہٕ برژو نظرو صائبس تہٕ نُرٕ ہتس کُن وُچھان )

نُرٕ موت :- ( کرٕ بکھہ دِتھ ) ہو موت چھُہ تووت ایٔس متکھہ تس متکھہ یاد رسہہ جمالا ! وُچھان کیاہ چھُکھہ ؟ فوراً نیبرہ نیبرٕ تہٕ کوہ کرٕ کرِن صاف !

صائبہٕ ہے نیرن کونو چھُکھہ ؟ دُچھہ ہانگُل ہیو کیاہ چھُہ وٕچھن ؟

( جمال چھُہ نیران تہٕ نُرٕ موت چھُہ دروازس نکھہٕ گژھت وارٕ نظر دِوان۔ تہٕ اَمہٕ پتہٕ چھُہ کشکولس منز کیاہ تانی وُچھان۔ تہٕ چھُہ صائبس نکھہٕ یِوان )

نُرٕ موت :- صائبے !

صائبہ:۔ (سحر زدہ ہش گژھت) وَن حٔض!

زُہ موت۔ جمالہ چھُ ہوٗل۔

صائبہ:۔ اَہن حٔض!

زُہ موت:۔ صائبے!

صائبہ:۔ وَن حٔض!

زُہ موت:۔ جمالہ چھُ سیدٕ بوٗٹھ

صائبہ:۔ اَہن حٔض!

زُہ موت:۔ صائبے!

صائبہ:۔ وَن حٔض!

زُہ موت:۔ جمالہ چھُ چوٗر۔

صائبہ:۔ اَہن حٔض!

زُہ موت:۔ صائبے۔

صائبہ:۔ وَن حٔض!

زُہ موت:۔ جمالہ کوٚڈمہ اَمہ سببہ نبرٕ زہ اُمس گژھ نہٕ خبری روزٕنی۔

صائبہ:۔ (وحشی ہوشہ پیٹھ) کیچ حٔض؟

زُہ موت:۔ بہٕ دِمے ژٕہ اکھ کنہ وٕٹہٕ ہن۔

صائبہ:۔ ادٕ حٔض۔

زُہ موت:۔ سُہ گژھِ پانس نِشہ تھوٚونی۔ وٕزہ وٕزہ یِیی بکار۔

صائبہ:۔ کَتھ حٔض؟

زُہ موت:۔ ہَنہٕ بدِن چیزن۔

صائبہ:۔ بلا یہ حٔض لگی صائبہ۔ مے نہ حٔض توٚر فکری۔ وارٕ دَنتم حٔض؟

جمال :- ( اندر اُزان ) بیکہٕ حٔقں ووٚلُم کوٚہ کرس مُسلہٕ ۔ صاف تہٕ حٔقں کوٚرُم ۔

نرٕہ موت :- ٹھیک کوٚرُتھ ۔

صائبہ :- ( جمالس کُن ) جمالو ۔ ژٕ چھُکھ نہٕ تارٕہی ۔ گرٕ شھو وارٕہ کرتو صاف ۔ تلو گژھ تہٕ

اپر زٕٹ ہش چھک اُگادٕہ گرٕنھان ۔

نرٕہ موت :- ہاہا ۔ نہٕ کوٗری تہٕ پزٕہ نہٕ پننس سرتاجس وٕنُن ۔

صائبہ :- ہا یہ حٔقں چھُہ ہوٗل ۔

جمال :- ( حائراں گرٕنھت ) صائبے !

صائبہ :- یہ حٔقں چھُہ سیدٕہ بوٗٹی !

جمال :- ( تنھے کنی ) صائبے !

صائبہ :- یہ حٔقں چھُہ چور ۔

جمال :- ( تنھے کنی ) صائبے !

نرٕہ موت :- ( کہ بکھ دِتھ ) صائبے !

صائبہ :- وَن حٔقں !

نرٕہ موت :- صائبے ! جمال چھُہ ہوٗل ۔ جمال چھُہ سیدٕہ بوٗٹی ۔ جمال چھُہ چور ۔ مگر جمال

چھُہ چھون خانہ دار ۔ اُمس پزٕہ عزت کرٕن ؟ کنہٕ نہٕ ؟

صائبہ :- ( نرمی سان مگر غوصہ تہٕ چھس نہٕ موکلیومُت ) ہے اہن حٔقں تہٕ حٔقں چھُہ

پوزٕ ہے ۔ دٕپھ اُمی حٔقں چھُہ میہ وس تانی زاٗم جی مرٕش ۔

نرٕہ موت :- ہا یہ لگہ نہٕ وٕنُن کوٗری ( جمالس کُن ) ہیا جمالا !

جمال :- ( یوٗہے زن چھک زرٕہ ہا نرٕہ روٗ ظمُت ) کیاہ حٔقں ؟

نرٕہ موت :- ہا چارٕہ وٕو نے اکھ مشوراہ

صائبہ :- ہتہٕ حٔقں ژٕہ ٹھہراو تہٕ حٔقں قدم ۔ بہٕ حٔقں دِمے گُنیکھ داماہ تیار کرٕتھ ۔

نزِہ موت :۔ (اَسان اَسان) اَسہٕ چھُنہٕ تمیُکھ ضرورت۔ (کشکولس منز اَتھ تراوان
تہٕ اَتہٕ کڈان سعہٕ رکنہٕ بیہ سہ ہنٛس لاینہٕ باپتھ تہٕ مژ چھِن آسان۔) یہٕ چھکھے
وُچھان صائبے؟

صائبہٕ:۔ یہٕ حَفِ چھہٕ کنہٕ وَٹہٕ ہُن۔

نزِہ موت :۔ جمالا وُچھان چھکھا؟

جمال:۔ کنہٕ حَفِ چھہٕ تہٕ۔

نزِہ موت :۔ صائبہٕ چھہٕ پوزٕ وَنان۔ تژہ چھُک سدہٕ رُبہٕ ٹی۔ تژہ چھُک چور۔

صائبہٕ:۔ ہے اَدہٕ اَس سِے حَفِ اَیُنہٕ وَنان؟

نزِہ موت :۔ جمالا یہٕ چھہٕ کنہٕ۔ مگر اَتھ چھہٕ مائتھر پرینہٕ آمژ۔ اَتھ منز چھہٕ جود!

جمال:۔ کتھ حَفِ۔ یتھ حَفِ کنہٕ؟

نزِہ موت :۔ اَدہٕ یتھ کنہٕ۔ چھیہٕ خبر یہٕ کتہٕ چھہٕ میہٕ اَنِ مژ؟

جمال:۔ کتہٕ حَفِ؟

نزِہ موت :۔ ڈائنہٕ مُلکہٕ منزہٕ۔

صائبہٕ:۔ ہے کیاہ گوم! تژہ اوسکھ حَفِ تورتہٕ گومُتھ؟

نزِہ موت :۔ اہنہٕ صائبے۔ یہٕ چھہٕ میہٕ اَکس رانٹسہٕ سینہٕ ذب کرِتھ اَنِ مژ۔

جمال:۔ کتہٕ حَفِ؟

نزِہ موت۔ تَمی ڈائنہٕ مُلکہٕ منزہٕ۔

جمال:۔ اَتھ کیا حَفِ مائتھر چھہٕ؟

صائبہٕ:۔ بلا یہٕ لیچ سِے حَفِ۔ وارہٕ وَنتم حَفِ۔ یہٕ کِتھ کنہٕ اَنتھ؟

نزِہ موت :۔ یہٕ چھُس اکہٕ دوہہٕ ڈائنہٕ مُلکس سائل کران۔ شام چھُہ وَکھ۔ اَکس ڈیرکرہ
کھسان کھسان گوہ میہٕ کنن اَشن۔ میہٕ زون زہ نزِہ مُتس چھُہ کُس تانی یتہٕ

ژونگُت ۔ خاۓر ۔ مےٚ کَڈ بیٚز ہِنٛکن ہِنٛز یہِ تسبیح تہٕ ہیوٚتُم اسمِ اعظم پَرُن ۔ اَمُن گوٚو فورا اَبند ۔ بہٕ دراس برونٛہہ ۔ بُتھم اوس اکھ زیوٚٹھ پچھنب ۔ اَتہِ اوس اکھ ہیوٚ کھمُت تُلہٕ گل ۔ تہٕ اَکھ گُگِ گوٚہ ڈس تَل اوس اَلاوٕ دزان ۔ جمکہٕ جمکہٕ ! ریہہ اَٮ۪س ہاہیوٚ رُے ہیوٚر اَسمانَس کُن کھسان ۔ تہٕ اَمہِ الاوٕک تہٕ ژراو اوس مےٚ دُورہٕ پیٹھے ربُتھس پلان ۔

صائبر :۔ ہے کیاہ گوم !

جمال :۔ پتہٕ کیاہ حَفِن کوٚرُتھ ژٕ ہے ؟

نُرہٕ موت :۔ مےٚ کَڈ بیہہِ اکہِ لٹہِ سبز ہُنکن ہِنٛز تسبیح ۔ بیہہِ اکہِ لٹہِ پوٚرُم اسمِ اعظم نام مولا ہیوٚتُم نہٕ بیہہِ کَٹہٕ ۔ نہٕ ریہہ دُژھ بوٚن ۔ تہٕ ژر گوٚو ختم ۔ مگر الاوٕ رُود توٚتہٕ دزہٕ وُن ۔ تہٕ اَکھ الاوَس نکھہٕ اَٮ۪س اکھ ڈٲن وُوری یانٕے ژٲن ۔

صائبر :۔ ہے کیاد گوم !

جمال :۔ ژٕ ہے کیا حَفِن کوٚرُتھ بیٚنہٕ ؟

نُرہٕ موت :۔ بہٕ دراس یا مولا کٕرِتھ تہٕ وٕتھس چھنب بوٚن ۔ بوٚنہٕ لارِے بہٕ مےٚ اکھ پستہ بوٚکرٕ اکھ ۔ مےٚ پوٚر اَمِس جوٚد ۔ تہٕ گُنٕے پھوٚک دِیُتمس ۔ یہِ پستہ بوٚکرٕ ژٕج چکہٕ دِوان دِوان ۔ ڈٲن گیہٕ رُوزِتھ ۔ تہٕ بیٚنہٕ بجہٕ بجہٕ اُچھی کٕرِتھ لُج مےٚ کُن وُچھنہِ !

صائبر :۔ ژٕ ہے کیا حَفِن وٕنتھس ؟

نُرہٕ موت :۔ مےٚ وُونُس ! بہٕ چھُسے نُرہٕ موت ! دُورہٕ گامہٕ آمُت ۔ ہرگاہ طاقت چھُے مےٚ سیتی کٕر مجادلہٕ ۔ نُرہٕ مَتنٕن ناو بُوزِتھ وٕتھ تَس ساری سی پانَس عاٗرق ۔ زنتہٕ موٚختہٕ جاری گوٚو ۔ تہٕ اَمی عاٗرقہٕ سیتی گوٚو دزہٕ وُن نار ژھیتہٕ مےٚ ووٚنُس کیاہ چھک سوٚنچان ؟ ووٚلہٕ اگر طاقت چھُے مےٚ سیتی کھیہٕ لڈٕتھ

مگر تمس سپُد نہٕ جُرٲت۔ تمہ ترٲو مَس پریشان تہٕ اُتھی منز یان وُلِتھ دژایہ لوٚنت پاٹھۍ اکہِ اندٕ۔ میہ ترٲو زورٕ اَسُن کھنگالہِ۔ دوٗرِ زنن گیہ گگراے ہش۔

جمال:۔ تہٕ کیاہ خٔص گوو؟

زُرہ موت:۔ تہٕ گوو ڈائنہِ مُلکس منز آیہ پارے دِنہٕ زہ خبردار۔ بُتھ نہ کانْہہ بے خبر رُوزِ۔ زُرہ موت پیوو ڈائنہِ مُلکس منز وٲتِتھ۔ بُتھ نہ کانْہہ تَس بُتھ لگہِ۔

صائبہ:۔ پیتہٕ کیا خٔص کورُت ژیہ؟

زُرہ موت:۔ میہ دِژ شورس ژھائنڈ۔ تہٕ اَتہٕ دژایہ یہ کنہ۔ یہ کِہو جمالا یہ کنہ۔

صائبہ:۔ اَمہ کنہٕ ہِنز خاصیت کیا خٔص چھ؟

زُرہ موت:۔ تہٕ نے بنہ نہٕ وَنُن۔ ہوئس مَتکھ تَس مَتکھ پادرسھہ۔

صائبہ:۔ نہ خٔص نکیاہ گوو اُسی وَنِو کانسہ زہ؟

زُرہ موت:۔ تہٕ چھا وعدہ؟

صائبہ:۔ اہَن خٔص!

زُرہ موت:۔ تیا جمالا؟

جمال:۔ اہَن خٔص۔

زُرہ موت:۔ میہ چھ تہٕ مہ دوٕن بازَن پیٹھ پُرتھ۔ نکیا زہ توٚہی چھوہ سپدی سادٕ۔ دُنیہِ ہِہ کیو کھرہ ہو نشہٕ بے خبر۔ ورلو یَہ ہا دوو یمہ کنہٕ ہُند کمال۔ یہ چھا بُتھ دانس پیٹھ لبجی؟

صائبہ:۔ اہَن خٔص۔

زُرہ موت:۔ اَتھ منز کیاہ چھُ؟

صائبہ:۔ ژھوٚرے آب خٔص۔

زُرہٕ موٗت :- تِیا ہیا جمالاہ ؟

جمال :- ہے اہن حضٕ - ادٕ کیاہ حض چھُس بیہ ؟

زُرہٕ موٗت :- (کنٛز چھُ لیجہٕ منٛز تراوان) وُچھو یہٕ کنٛز تراٗو میہٕ لیجہٕ منز - تراٗو ما ؟

جمال :- اہن حضٕ -

زُرہٕ موٗت :- وُچھ تہٕ ووٗنی کیاہ مزہٕ دار شیہ رَبہٕ نیرِ امہٕ منزٕ -

جمال :- ژھری کنہٕ ہیتھ حضٕ ؟

زُرہٕ موٗت :- اہنٛو — او — ووٗنی گرو - تُنہٕ چھٹانگاہ - مرژہٕ وانگن رژھاہ، مسالہٕ دأنیاہ تہٕ گڑھیس آسنی -

جمال :- صاٗبے - فوٗن مرژہٕ وانگُن تہٕ مسالہٕ والی وُلی وُلی -

زُرہٕ موٗت :- اپیں تہٕ ہیٛمہ کرِو تکلیف - یِتھ چھُ خأصیت یُس کنہٕ ہُند ماٗلکھ آسہٕ یُسہ گڑھِ پانہٕ یِم چیز لیجہ تراوُن - بیہٕ سندہٕ اَتھہٕ چھُنہٕ اَتھ تأثیر روزان - (طابہ تحسین گرُھان تہٕ اکہٕ اکہٕ چیزہٕ چھہٕ مسالہٕ دألِتھ لیجہٕ منز تراوان -) یہٕ گوٚو نوٗن یہٕ گوٚو مرژہٕ وانگُن تہٕ یہٕ گوٚو مسالہٕ - گنٛز رِو ووٗنی تہٕ ہیٛمہ دِلہٕ منزی ہتس تام گرہٕ ہنٛد -

جمال :- (مندہٕ چھٹ) اَسہٕ نخٛضں چھنہٕ ہتس تأنی گرہٕ ہندی -

زُرہٕ موٗت :- تیلہٕ کرُو کأم - داہ داہ گنٛز رِو دِیہ لٹہٕ -

جمال :- ادٕ حضٕ - صاٗبے - ہیو گنٛز رُن -

صاٗبہ :- اَدٕ -

زُرہٕ موٗت :- بہٕ وُچھہٕ یتھ تأنی نوٗن - (چوٚنچہٕ تہٕ کھوس تُلِتھ) یہٕ گوٚو چوٚنچہٕ تہٕ یہٕ گوٚو کھوس (لیجہٕ کھلِتھ دِتھ شیہ روٗد چوٚنچاہ گڈان -)

جمال :- (لوٗہ تہٕ) صاٗبے !

صاحبہٕ:- کہہ ؟

جمال:- مُشکُل چھُسے پیوان زٕ ؟

صاحبہٕ:- ہے اَہنوٕ زَن ہو پاچہ لیچہ ٹھانڈ ٹُکُن .

زُرہٕ موت:- (رَس داماہ چیٖتھ) اِہِن قرارہٕ ورائی گَنٛزرٕ تٕہی (بیاکھ داماہ چیٖتھ)
ہوٚیس مَتلکھ تَس مَتلکھ یاد رٕچھہٕ - ہہ لورہٕ پیٖٹھ تارہٕ ہس سورُف کیٚسرٕ
پوٚنی وٲتہٕ ناوہٕ ہٕس - زیوٕ زمادہٕ کرہٕ ہٕس - عقلہٕ نیہٕ ہٕس ڈاس کرِتھ - ہوش
ڈالہٕ ہٕس - ہوٚیس مَتلکھ تَس مَتلکھ یاد رٕچھہٕ ! (بیاکھ داماہ چیٖتھ) واہ !
واہ !! مزہٕ بلای ! موت چھُ توٚت ! یَس مَتلکھ تَس مَتلکھ یاد رٕچھہٕ !
گَنٛزراوِو تہٕ ہتس تانی ؟

جمال:- اَہن حضٕ -

صاحبہٕ:- میہٕ حَضٕ گَنٛزرہِو وِنہٕ یانٛژرے دٕہی ؟

زُرہٕ موت:- سہلی چھُہ - وولا جمالا - گوڈہٕ وُچھی زہٕ میانہٕ کنہٕ ہُند کمال - چۄ داماہ اِہو
یَس مَتلکھ تَس مَتلکھ یاد رٕچھہٕ - ہو موت چھُ توٚت ! کیاہ ٹھیک چھا ؟

جمال:- ماوٕنٕ چھُک حضٕ ٹھیک چھا ؟ یہ حضٕ چھُ سیٹھاہ میٹھ !

زُرہٕ موت:- وُچھان چھُکھے صاحبے ؟

صاحبہٕ:- بلا یہ حضٕ لگے - یہ تہٕ حضٕ وُچھ ہاکینٛتھ گوو !

زُرہٕ موت:- جمالا -

جمال:- وَن حضٕ -

زُرہٕ موت - چاوُن سہٕ صاحبہٕ تہٕ داماہ -

جمال:- (کھوس پلہٕ ناوِتھ) رَٹی ہیٖیے چی !

صاحبہٕ:- (شوٗرہٕ چیٖتھ) ہتہٕ حضٕ زۄ حضٕ وَندے - میہٕ نہٕ حضٕ چھُنہٕ یانٛس تہٕ

یمِتھ رنٛن تگن ۔

زُرہٕ موت :۔ ووٕنی کڈون اُسی یہِ کیٛنہ نیبر تہٕ رس کھوساہ چیموس ۔

صائبہٕ :۔ چہٕ چھُکھ بلایہ لگے ۔

[ زُرہٕ موت چھُ لیجہ منزٕ کیٛنہ کڈان ۔ تہٕ امہِ پتہٕ چھُ رس کھوس بران ۔ تہٕ کرکہٕ دِوان ۔ ہولیس مَتکھ تس مَتکھ پادر سہہ ۔ بیپاری چھ یم زہٕ بأژ ذرا دُور بیہِتھ گژھِت لوٕتہٕ لوٕتہٕ کتھ کران ]

صائبہٕ :۔ جمالا ۔ وُچھن چھُکھاہ ؟

جمال :۔ ہاہے ؟

صائبہٕ :۔ کیٛنہ ہَو !

جمال :۔ ہے اہنِ زَن ہے چھ چھُلِتھ تہٕ چھو کتھ ژامنہٕ ٹیرِ ہاہ مین ۔

صائبہٕ :۔ دِیہ نا یہ کیٛنہ اَسی ؟

جمال :۔ تَلے مَنگس ۔

صائبہٕ :۔ ناو ژٕہی منگسُو ۔

جمال :۔ میہ نئے چھُنہٕ تگن ۔

زُرہٕ موت :۔ ( یہٕ یکبار تیمس برونٛہہ ٹھکن یمِتھ ) اَتہٕ چلہ نہٕ تگن گری کینہہ تہٕ یکبار زہٕ موت چھُ وَنان ! ہولیس مَنکھ تس مَتکھ پادر سہہ ( رس کھوس چھُ نوان چیتھ ) جمالا ! کہہ چھُے نہٕ تگان ؟

جمال :۔ ہا کہینہ نخض ۔

زُرہٕ موت :۔ ہا چارٕ ۔ کیٛنہ گژھِ ہی نا ؟

دوشوے :۔ ( زورٕ ) اَہَن حض !

نُژہ مۆت :- تِہندی ہاہکو یہ کُنہٕ نِنمتھ مگر

صائبہٕ :- مگر ؟

نُژہ مۆت :- مگر اَمہِ عوض ہیہِ توہہِ نیازہ دِہُن۔

صائبہٕ :- کس حصہ ؟

نُژہ مۆت :- مُتِس !

صائبہٕ :- یہ حصہ وَندے پنُن زُو۔ کیا حصہ گژھی ؟

نُژہ مۆت :- صائبے۔ میہ وۆن وُنی زہ مۆت چھُنہٕ نِنہٕ آمُت۔ سُہ چھُہ چیز دِنہٕ باپتھ

یور آمُت۔ او ووہ نی کمہ نیازہ گژھہِ آسُنے۔ تِمہ رسیتھ چھُہ بلا یہ ژٕلان۔ نیاز

کرن واُلس تہٕ۔ تہ نیاز رٹن واُلس تہٕ۔

صائبہٕ :- نیاز حصہ دِمو۔

جمال :- ژہٕ کر حصہ حکُم۔

نُژہ مۆت :- ہویس مُتکھ تس مُتکھ پادر ہا۔ اَسہِ وۆن وُنی۔ مۆت چھُنہٕ نِنہٕ آمُت

مۆت چھُہ چیز دِنہٕ آمُت۔

صائبہٕ :- وَن حصہ کیاہ گژھی ؟

نُژہ مۆت :- یوٗہے کھوکُر۔ یوٗہے کھوکُر چھُہ اَتھ کِنہٕ چھپہ دِیُن۔

جمال :- کھوکُر ؟ اما پوٗز ہیرِس کیا حصہ دِمو ؟

نُژہ مۆت :- ہیرِس کرٕ چھُہ پاچہ تیار۔

صائبہٕ :- ( کھوکُر ٹلان تہٕ نُژہ مُتہ نِس جولنٕس منز ترٛاوان ) رٹھ حصہ چانہٕ کھعہ تہٕ

چھا حصہ۔

نُژہ مۆت :- ہو۔ خبردار۔ یتھنہٕ میانی اَتھہٕ اُمِس کھوکرس لگِن۔ اَسہِ چھُہ یہ چھپہ دِیُن !

شاباش ! ترووتھہ جولنٕس منز ؟ ہو ڈیکہٕ بڈ چھک ! یہ گیہ کُنہٕ !

(صائبہٕ چھہٕ کنہٕ رٹان تہٕ نزٕہ مؤت چھہٕ نیرُن ہاوان)

جمال:- صائبے!

صائبہٕ:- ژھعہ پہٕ ہو!

جمال:- صائبے!

صائبہٕ:- ژھعہ پہٕ دَم ہو - ژھعہ پہٕ دَم!

جمال:- ہے پہٕ ہیے دراوِتہٕ؟

نزٕہ مؤت:- (دروازٕہ ہیہٕٹھ پوٚت پھیرِت) مُنتس گوٚژیر - مؤت نیرہ ووٚنی بیمِس مُقامس چھُس واتُن - بیاکھ حاجت مند چھُس پراران - مؤت ہاکہٕ نہٕ ییٚنہٕ رُوزِتھ - یکیازہٕ پیرِ کامِل چھُہ ییٚنہٕ ووٚل - صائبے نیرَے ووٚنی؟

صائبہٕ:- نیرِ حَق پیرِ پیرانس حوالہٕ -

نزٕہ مؤت:- کِہو جمالا؟

جمال:- بدٕ حَق خدایس حوالہٕ -

(نزٕہ مؤت ہاوان نیرُن - ووٚشوٚے بٲژ چھس پتہٕ پتہٕ ہاوان نیرُنی)

نزٕہ مؤت:- اِیں تہٕہُنہ مہٕ کرُو تکلیف - پتہٕ پتہٕ مہٕ نیرو - مُنتس چھُہ سِر - اَکھ گرٕشِنہٕ بیاکھ واقف گژھن - بیہِ ییِہٕ نہٕ مؤت بہرِ نیرِ کانٛسہٕ تہٕ اَکھ - اچھا کُنہٕ گژھہٕ وارہٕ سنٛیُے لِبتھ کھوٚنی (نیران نیران) ہوٚیس مُتلکھ تس مُتلکھ یاد رِسیہٕ ہیتہٕ ہوٚیس مُتلکھ تس مُتلکھ یاد رِسیہٕ -

صائبہٕ:- ژھوٚل ہو!

جمال:- ہے اَہنی -

صائبہٕ:- یٖتھنا پوٚت پھیرہٕ؟

جمال:- دِپوہ خدا بدٕزہٕ پوٚت پھیرہٕ نہٕ - تہٕ یہٕ کُنہٕ زنِہ نہٕ واپس - صائبے کرتہٕ ووٚنی عاش

گۄیکہٕ وۄنہٕ آبہٕ لیجہِ ترٛاو کنۍ تہٕ سیٚون گوٚو تیار۔ تٔلے ییٚرہٕ ہاو کٔتھ چھہٕ؟

صاٸبہٕ:۔ رٔٹو ڈچھو۔ ڈیشہ یہ چھےٚ میانۍ۔

جمال:۔ ہے چانۍ کیاہ تہٕ میانۍ کیاہ؟ (شک گژھان) صابے!

صاٸبہٕ:۔ رِکھو زہٕ؟

جمال:۔ زٕنہ ہے یہ کٔنہہ مہٕ کتہِ تانۍ نظرِ گٲمژ؟

صاٸبہٕ:۔ رِکھو مٔژ رٔ چھکھ وَنن؟ دوہ لایوٚرہی دیٚیہ۔ بہٕ ہا تھوٚون صندوٗقس منٛز۔

جمال:۔ نائے تہٕ صندوقس منٛز کیاہ چھہٕ تھوٚرٕنۍ۔ پیٚرس چھُنایُن۔ ژہٕ ترٛاوہی یہ لیجہِ منٛز پیٚر پیٚتس کالس داتہِ۔ رتیتس کالس آسہٕ سیٚون تہٕ تیار گومت۔ کٔنے صابے؟

صاٸبہٕ:۔ ہہو گاش ہہٕ پیٚس سیٚون کھیٚنتھ (لیجہ ٹھانٛڈٕ تُلان) ہے جمالو!

جمال:۔ ہے کہے زہٕ ہے؟

صاٸبہٕ:۔ لیجہ منٛز ہہٕ پاچہ گژوتہٕ گژوتہٕ کران!

جمال:۔ تِم کیٚمۍ ترٛاوِ اتھ منٛز؟

صاٸبہٕ:۔ مےٚ چھےٚ خبر زہٕ!

جمال:۔ تٔلے نیبر کڈکھ۔

صاٸبہٕ:۔ ہے یتھ منٛز ہہٕ بیہِ تہٕ کیاہ تانۍ!

[ صاٸبہٕ چھ پاچہ کڈان تہٕ یمنۍ منٛز چھ سبز منکن ہنز تسبیح تہٕ وٕلنہٕ آمژ۔ ]

جمال:۔ سبز منکن ہنز تسبیح! (کٔژ یکھ دِتھ) صابے!

صابے:۔ رِکھو زہٕ؟

جمال:۔ موت ہے گوٚو پھٔرِتھ۔

[ دوہ شونۍ بأژن چھک کوٗٹھ زٕن پھٔٹان۔ دوہ شوٚرے

چھ بٔتھر بہت گژھان - تہٕ اَتھَن منٛز کلہٕ رٹِتھ

بڑہٕ مویوٗسی سان وُچھان -]

جمال :- صأبہ !

صأبہٕ :- جمالوَ ! وونی کُسٕو بُتھہ دِمو پیریس ؟

[ دوشوٕے چھ کلہٕ بوٕن کُن ترٛاوان - تہٕ پردہٕ چھُ

وارہٕ وارہٕ وَسان - ]

(اَنٛد)

# هزل تہٕ مذاکھ





خضر مغربی

# بلی بیگ

وہٹو وہٹو گونزھ ٹھپکہ ناوے۔ بلی بیگ کلہ گلہ ناوے

لکہ ہندی میندڑی گنزہ راوے۔ بلی بیگ کلہ گلہ ناوے

پرژہ نے گرنے دواں چھ سالن دیاں چھہ اکّ وشہ نی کوت والن

بوڈ حمدا پہ ناوے۔ بلی بیگ کلہ گلہ ناوے

مجلسہ منز اژہاں کھست ہیور ڈوہ ڈوہ ڈوہ گرنہ ژاوان چھپے نوژ

بڑی بڑی میندڑی ننگہ لاوے۔ بلی بیگ کلہ گلہ ناوے

بیبہوں وچھہ ہن پنہ نی پھیاراں۔ یکی تہ وچھہ ہن سلام پیاراں

سلام تہ ژے کرہ ناوے۔ بلی بیگ کلہ گلہ ناوے

دوہ پر گرہ س اژہ غم خار لاگیتھ۔ اصلی پنہ نس غرضس ژاگیتھ

پننی کتھ ونہ ناوے۔ بلی بیگ کلہ گلہ ناوے

کھوژ بڑہن لوکہ ٹہن کھوژہ ناواں کیتھہ سیتی بیقلن چھپے ودہ ناواں

بہ ۱۲ تہ ژچ گیج وہراوے۔ بلی بیگ کلہ گلہ ناوے

یُتہِ یُتہِ بوزان جھگرٕ ٹُک چھُے پےٚ۔ یمس ہہوان سَے ہُمس ہہوان سَے

ژوہ یارِ کھوہ چرور تاوے۔ بُلی بیگ کلہٕ گلہٕ ناوے

عالمہٕ ڈیشتھ کوہ کرٕ گرٛھان چھُس۔ گندہ گرٕ ژھٹ پیٚتہ اُشرن کران نَس

کیتھہٕ سیتی کتھہ مُشراوے۔ بُلی بیگ کلہٕ گلہٕ ناوے

یُس نہٕ اُمس وۄہ زٕ عزت کران چھُے۔ دپان "یہے اکھہ دُشمن یتہٕ چھُے"

وتہٕ دتہٕ نس منزٕ چھاوے۔ بُلی بیگ کلہٕ گلہٕ ناوے

یوٚت یوٚت گرٛھہ تتہٕ لاگان وۄشہ دروس لوہ کرٕ ٹین برٕ ہن کھالان برٕ ٹھوس

کھوہ نہٕ وٹہٕ کھوہ کھنہ ناوے۔ بُلی بیگ کلہٕ گلہٕ ناوے

اُتی چھُہ چوٚنے اُتی چھُہ میونے۔ دوہ نہٕ وۄنی لایان سُے ژھل ژٕونے

بابن ہوٹ ژٹہٕ ناوے۔ بُلی بیگ کلہٕ گلہٕ ناوے

بیپارِ دِوان ژٕ کھہ بیپارِ ژھیہ وۄران ہیٹہٕ میٹس بیٹھہٕ منگہٕ دگ نوران

ناحقکی نیاے اُنزراوے۔ بُلی بیگ کلہٕ گلہٕ ناوے

اِتی گرٛھان چھُے کِتھہ یہ ترٛژھ کیتھہ۔ نوشہ کورن کرٕ ناوان رتہٕ رت

گروک گرے نژہ ناوے۔ بُلی بیگ کلہٕ گلہٕ ناوے

نالگہٕ ہارا گمکک اینز یور۔ وُہمہ صدی ہندس وۄہ بیوٚر ہوہ وۄہ بیوٚر

کوہ کرٕ رن تہٕ اَنہٕ یرٕ ناوے۔ بُلی بیگ کلہٕ گلہٕ ناوے

●

سومناتھ سادھو

# ییلہٕ میہٕ نیکٹے لٲج

کُناہ ہاٚرۍ موٚند ناو چھُہ "نیکٹے" اکھ وَر دٔچھنہِ، بیاکھ کھووٕرۍ، بیاکھ پیٚٹھ رٕکنہِ۔ تمہٕ پتہٕ پیٚٹھہٕ کُنہِ۔ پتہٕ بیاکھ۔ آ۔ تہٕ۔ وُچھو تہٕ اَنٕس منز بُتھہٕ۔ ہیٚٹِیک نقشہٕ آسہٕ بدلیہٕ مٕتۍ۔ یُس ہموٚٹ ہرکُہ گوو گلہٕ چہٕ توٚنٛتہٕ اوس بے شوٗب بنووٕمُت۔ سُے چھُہ ٹے لاگِتھ گومُت ندامت گوٕ ندرٕ ہیٚو باسان۔ پزر چھُہ یی زہِ یُہ تام ٹے انسانٕس ناٚل چھہٕ آسان تمٕس چھُہ کیاہ تام [illegible] تی فرق ہش یوان۔ یِنُن پان تہٕ اَندۍ پٔکھۍ دُنیا لوٗبہٕ رُوُن تہٕ ہاٚرۍ موٚند باسان۔ قودرتی کتھ چھہٕ یُس ٹے لاگہِ۔ تمہِ سیٚتۍ گژھن شوٗز ٹھہَن تہٕ جان آسنہِ۔ پتلوٗنٕس کریز ہیٚن تہٕ بوٗٹس پالِش تہٕ آسنہِ۔ قمیضِ کالر صاف تہٕ چندس پھیچھۍ رومال تہٕ گژھہ آسنہِ۔ وُچھہ اَتی چھہٕ انسانس سیٚتۍ ہیتی بدلان۔ چندس منتہٕ اَسی تنٕ نیک دیلہ مگر اَتھ منبرِ ہاوہ بھاوہ سیٚتی چھُہ تتھ تہٕ سرپوش روزان۔ لوٗکن گژھان راے خبر کُس پونسہٕ دوٚلے آسہٕ۔ مگر ٹے دوٚلے چھُہ زانان تمہٕ وِزِ کوٚسہٕ قیامت چھہٕ گژھان ییلہِ نہٕ پان کھینس سوٗب پاٚنٛسہٕ ژور چندہٕ نیرنٕس۔

میہٕ چھُہ پانہٕ اکہِ دوہہ ٹے گنڈمُژ۔ او، صرف اکہِ دوہہ۔ کیازہ؟ ...

او سفر نامے چھُہ تیتھہ یُس نہٕ وَنُن لایقی چھُہ.. ——— خاطر ——— .

توہہ سیٚتۍ دوہرا اَژی کیاہ۔ میہٕ توہہ نِش دِل مژرِتھ کتھ کرنۍ کانہہ عائب چھُنہٕ

خارٕ بوٗزو۔ بہٕ چھُس اکہِ دوہہ دفترٕ بٕہتھ تہٕ ووٗٹھ خیالاہ۔ ہیو بہٕ کیازٕ نہٕ ٹٲے گنڈان۔ میانۍ تِم یارٕ بٲے۔ یمن میانہِ کھوتہٕ کم تنخواہ چھےٚ چھِ ٹٲے گنڈان میہٕ کُس عاب چھُم؟ یوہے خیال گوو میہ سنان تہٕ اکہِ دوہہ ہیژم میہ رنگ دار ٹٲے مُلہٕ سوٗٹ اوسُم ڈرٕے واش کٕرتھ اوٗنمُت تہٕ ارادٕ کوٗرُم بٕہ تہِ کھسہٕ دوہنٕ ٹٲے لٲگتھ دفتر۔ کڈ دِلن ووٗٹھ۔ اَکھ کیاہ کرٕ ہٕہ۔ لٲج میہ صُبحن دوہہ بہٕ دٕزاو قمیض تہٕ تتھ پیٹھ نیکٹٲے۔ پیٹھ چورمُس ڈرٕے کلین سوٗٹھ تہٕ دژاس دفتر۔ وَتہِ چھُس بہٕ مَنٕز چھُ منٕز چھُو رِلیان۔ یُس کانہہ زانٕ کارا سمکھان۔ شُہ گوو ڈٕرٕ ٹایہ کُن وُچھان تہٕ پتہٕ اَتھٕ اُسن بُتھس پیٹھ اَنتھ ہُنان۔ "اچھا، ٹھیک۔ جان کوٗرو۔ ۔ ۔ ۔ ۔ بڑہ جان" بہٕ چھُس اندری سوچان خبر یٕزی پٲٹھی میہ ما کوٗر بہٕ جان۔ مگر سیٹھی ییم تِم یار یاد یمِ میانہِ کھوتہٕ کم تنخواہ اُسی نوان۔ تہٕ رنگ دار ٹٲے اُسی گنڈان۔ اَمہ سیٹھی گیم یہے سَتھ مِش، نہٕ چھُس بڑہ چمہ خمہ رٕلیان۔ بِچرس چھُ کنگنو کرِتھ پتلونس چھُم زہرہ زمرود ک ہیہ کریز تہٕ بوٗٹ چھُم پالش سیٹھی نیہ نیہ کران۔ کتھ مرس منٕز چھُس پکان۔ یُہ تام بڑی پارہ موڈس تل ووتُس۔ اَتہ پیم نالہٕ ڈٕندرہ پیٹھ نظر۔ دِلن گٕڈ نُم ووٗٹھہِ ہش۔ اَکھی نالہٕ ڈٕندرہ پیٹھ دوٗ رشہ ہِن نوٹاہ پیومُت۔ اُچھن ہند طماہ، سُتھے میہ نور ہیچ شکلی پانژ وُچھی، میہ پھیوٗر اکہِ رنگہ بیاکھ رنگ۔ اوتام اوسُس کمہ مزہ پکان۔ دوہنۍ زن لیج زنگن قودرتی بریک۔ نظر دِژم دوچھنی کھوورِ اَتہ وُچھم سارِی پنہٕ پنس کاروبارس منز مشغول۔ سوچاہ کوٗرُم۔ یہ تا گژھا جان کُنہٕ نہٕ۔ مگر تیلہِ نہٕ کانٕسہ اَتھ کُن نظری پچھیہ تہٕ تلکنس منز حرجے کیاہ پچھُ۔ اَمہ درزہ آیِم نہ کنیہہ تہٕ اَتھہ وُنھاہ تلکنس۔ زہٕ ژور قدم برونہہ پکتھ پھیوٗرس بیٹھہ پٔت۔ تہ ووتُس نزدیک تتھ جایہ ییٚتن یہ نوٹ پیومُت اوس۔ بیٹھہ سوچُم۔ ٹٲے چھُم نالی۔ خبر گژھیا یہ جان تُلُن۔ نوٹس کُن کرِم نظر۔ یہ وُچھم گموٗ آرہ کٕرِ دٕ چشمو زَن تہٕ مینی کُن وُچھان ونان۔ "بہٕ اوسُے ژیہ

ہزاران ٹُلان کونہٕ چھُہم۔" کاغذ وُرق اکھ کڈُم چندہ منز نیبر، تہٕ شہ تروومُہ نوٹس نزدیک۔ ییتہٕ درٛٲم دِچھنی کھوورِ نظر تہٕ ہیٚر میہ نوٹ تُلنچ سکھر کرٕنی۔ پھوٚر چھُہ داہ داہ گنہٕ دوٚر ژ لان۔ تالہِ پیٚٹھہ کھورٕ ٹینٹس تام پھیوٚرم ساری سی تَرٛکھ۔ مُتھُس کھوٚت دوٚہ شُلُن۔ زنگن ژاپہ ہٹنی۔ ڈیکس پھیر گُمہٕ ژھٹ۔ تہٕ اُچھو وہ لہشہٕ منز۔ لوگ میہ اکھ نوٹس اکھ۔ میون اکھ اُکھ لاگُن زہ ژہ بارُد ییتہٕ ٹھاہ ٹھاہ کران اَسن۔ کھنگالہ یچھ کُن درٛٲم نظراتہٕ دُچھم ساری دانہٕ ٲلی کھوہ لہ کیرٛ لہ کیٛ شُری اَسان اَسان دَب دِوان۔ ادہٕ مَتہٕ بوٚزی تہٕ میونے پان زانہٕ رمیہ کوسہ قیامت چھُہ گامژ۔ اُچھن سور یوم گاش۔ دوہ ہلی ہیٚیتن میہ نارٕکھ بوزنہٕ بیہ۔ نرہن ہتہٕ زنگن گیہ لگہ۔ چونٹھ گوٚ ہول۔ مُتھُس ژھونکھ لیدرٕ ہُہر یا زن پھیر ووتھ۔ کنن زن ہمُکھ ناگہٕ مَن جوراہ۔ دُہ رہ پیٚن نوٹ زالیٚن دوٚن منز اُتھ کُرس ہیٹھ میٚٹھ اکسی جاپہ کھرتا۔ سوچان چھُس یا الٰہی یہ کوسہ غیبی بلای پیٚیہ میہٕ؟ منٹاہ گوٚو۔ ییمہٕ منزہ دراو، یاداہ اکھ تہٕ اَسان اَسان دوہ وتھ میہ کُن تہٕ اَسہ گژھہ مافی دِنی۔ توہہ لوگ تکلیف۔ یہ اُس ییمہ شُرو جٹہٕ ہنا کرٕمژ" یہ وَنان وَنان نیوٚ اُمہٕ میہ پَہ دُبہ رہ پیٚن نوٹ زالیہ منزہ کڈتھ۔ بہٕ چھُس نہٕ اُمس کینہہ وَنان۔

صرف چھُس مُدے گنڈتھ مُتھُس کُن وُچھان۔ یہ چھُہ اَسان اَسان دوہ گُن گژھان تہٕ اُتھی منز دوہ وتھ میہ کُن۔ "اسی چھِہ پَنٕنی باٹھو شرمندہ اَسہ اُسی نہٕ راے توہہ ہُرَس سوٚیڈ بوٚنڈ جنٹلمینس پیٚیہ اکھ نالہ ڈندرٕ پیٚٹھ نظر۔ ساری (SORRY) ہاے کیاہ گوم۔ گوٚ یہ اوس سورٹے جٹہٕ۔ دوہ نیٚ ہیوتُن میہ جس ہِیہ پھیرن۔ ونہٕ کیاہ سہ بہٕ۔ کلان کلان دوہ نیمس اچھا...... کینہہ پرداے چھُنہٕ...... ٹھیک....

تہٕ یہ وَنان وَنان تھُتھے بہ نیبرُن ہیتنس اَدہ دُژھ ییٚیہ نارہ گرٕ نکھ ہش۔ زیادہ گوم نہٕ بڈہٕ ہند یوٚت یمن نکین شُرن ہند گوم۔ ییم بیٚیٹھ سیٹھے وانہٕ تہٕ ژرہ پیچ کرنہٕ نیٚیٹس سوٚیہ شُری جوراہ بیٹھو گرٕنکہ دِنہٕ۔ "جنٹلمین ہاے ہاے" جنٹلمین ہاے

ہاے" "نِیکٹے سۆٹس زُٹ زُٹ" "نِیکٹے سۆٹس زُٹ زُٹ" اَندرِی چھُس ژپِنہٕ
ہیوان۔ گُگ چھُس ہُوران سوچان چھُس۔" ہتا زۆہ وارہ کارے پکان اوشکھ کیاہ
گژھ۔ کتھ بڑ مِیوکھ یِمن رۄتین دوہن۔" گھرہ ہے دژاکھ وارہ کارہ۔ کیازہ گوکھ ہٹر مار
ہیڑ یتین ژھُوزِتھ۔ مۄ خصر بزرۆ یِیم دوہ ہو میٚہ آیہٕ اَتہٕ تِم چھُس اُڈی یانس کڈان،
اُڈی یِمن لۆکن، یِموٚ بڑ تاوس تِلُس۔ یِموٚ ڈاجہ میٚہ بیٖتہٕ اناسرہ زِہ میٚہ باسیوو زِہ
یُس پکان چھُ سہٕ چھُ میٚہ کُن وُچھان۔ میٚہ اوس گاٹو کدلِ کھوری رگژ ہبیرون۔
بڑ گوس لال چھکہ دار تھ۔ اَتہٕ ترووُم ہِش یکھاہ۔ نظراہ دژِم ژھوپارہی۔ اُچھن آم
گاش ہیوٗ۔ وِوہ دِنی ووہ دنی زِیم شکنجہ بین گلاسہ جوراہ چیتھ۔ مگر یہ چیتھ تِہ باسیوم
اَندرہٕ اَلاوہ زَن۔ خارِ بیتھ تھ وِدرُس دفتر۔

"اَہن سہ اَزہ کیتہٕ کِہ کھ اَسہٕ سِپتھ کُتھ" دۆپھ اَکھ یاراہ۔

"خدایس پتھ اَز چھُک ہیروٗ ہیو گومُت اُمہٕ ٹیٚہ سِپتھ" یہ دِژ دۆپم
یارن راے۔ میٚہ کر ژھوپہ، آرہ کِتھ چشمہ چھُس گراہ اَکس کُن وُچھان تہٕ گراہ
بیٚیس کُن۔

ناکھ کر یاگہ اُسہٕ گیہ ناخوش، یُس اَز رۄن تُس بلاے"

"ہا کیتھے کتھ چھ زیادہ کرنہٕ" بیاکھ دۆپھ مُنزی۔ "چھُک نہ وُچھان نوٚ
ٹے، نوٚ و شوٚٹ، اَتھ یم لِواُز ہی مات شۆبن تِم سۄدَن کنیٖتھ منز سے پوٚرسہ۔ پکہٕ یتہٕ آسہٕ
صحب پکان۔" یِم کتھ مانہٕ ہن بڑ اندری ماز ژایان، مگر یِموٚ واتنووُس زِرن لقب گرتھ
کنیٖٹن۔ یہ یِمن خوش کوٚر تہٕ کھیوکھ اَسان اَسان تہٕ گنِدان گِندان۔ بڑ کیاہ کھیمہ ہا؟
میٚہ زَن اوشکھ ہیری گوہ گلہ بون گنڈ دِیتمُت۔ چایہ گوٚل اَکھ اَکھ چھُس چوان۔ ننتھ
سِیٹھ چِھم بڑ یارک اَکھ اَکھ سِین اُچھن ژرینٹھ دِوان۔ بڑ مشکلن نیوٚ میٚہ
چایہ پیالہٕ اَکھ چیتھ۔ اَتہٕ سکھی بیٚیہ تہٕ زاٹی کار تہٕ واریاہ۔ تِم چھ فقط اَکھ میانہٕ ٹیٚہ

تأریف کران۔ اڈٕ چھِ وَنان یِہ چھُ جرمنی ہُند، اڈٕ بوٚد وَن سِہ ہیٚرٕ لینڈٕچ تہٕ اڈٕ بوٚد
انگلینڈٕچ۔ بہٕ چھُسکھ سارٕ ہِنی ٹھلہٕ ٹھلہٕ وُچھان۔ تہٕ کٲہ سیٚٹھا بُکی آہ چھنا، آہ چھنا
کران۔

دفترس آم نہٕ قرار کینٛہہ تہٕ دفتر۔ گُرٕ سِنٛدی یا ٹھ چھُس زھرٕ زھرٕ ٹ
کران، اکہٕ گرٕ نیران تہٕ بییس گرس اڑان۔ شام وقتن دراے ساری پنُن پنُن گرہ
وُنتہٕ پکان پکان آم خیال گرٕ چھُم بڈٕ بارہ کینہہ وُشن۔ ییٚہ تن چھُبھکو منزٕ کاتھہ بُچھ
مٔتہ کوسہ قیامت گژھہ تہمہ ورژہ چھُنا صلاح گھنٹن دوٚن ترٛن پھیرو امیرا کدلسی منز
یوٚتام انہٕ گوٚنٹ ہیوٚ گژھہ "ادٕ کیاہ تہٕ گۄڈان"۔ "کورمنہ انسِس سیٚٹھاہ فاصلہ"۔ مگر
گژھہ کوٚت۔" بی سہ چھان بییم انگریزی فلمہ ہندس اکس اشتہارس پیٹھ
نظر "ویری گڈ"، وُچھتہ کیاہ گوٚ جان۔ روپیہ چھُ چندس منز منزی ہندس فلم وُچھت
یوٚتام فلم ہمکہٕ توٚتام آسہ انہٕ گٹہٕ تہٕ گاٹھ۔ اللّٰہ اللّٰہ خیر صلاح۔
یوٚتام فلمہ ہند وقت ووت توٚتام تہٕ ییٚہ لال چوک تانی زہ روند مارتھ۔
سینما گرٕچ گھنٹی نچے پہ ٹکٹ گیہ شروع۔ بہٕ چھُس بڈٕ اطمیناً سان اندرس چندس
اُکھتھ تراوان۔ "مۄدُس" ییٚہ ژٕ گنی زادٕچ چھکھ وُٹھو دوٚی منزی نیرتھ۔ اکھ چھُم
چندس منز۔ چھکھ گیہ ہواہس منز غائب۔ اورٕ یور درٛم نظر مگر چھکھ ساری آسہ
ٹکٹہ کڈانس کُن لگو مِتہٕ۔ یہ میانی زادٕچ چھکھ گیہ نہٕ کانٛسہ کنُن۔ لوٚت لوٚت
ہیوٚتم پوٚت، سرٕ کہ پیٹھ بوٚن وُسیتھ کوٚڈم چندہ منزٕ اُکھتھ نیبر۔ موٚہ چھُ منزٕ چھُس
وُچھان تُونہٕ زٕ۔ موٚہ ڈورٕ ہم ٹکٹ جَل جَل تہٕ چھُس تسیتھ دِوان۔ "سے واری کارٕ صبحن
رِوہ پیہ ہُند نوٹ چندس اوٚتھ۔ اتہٕ کیا زہ اٹھے آنہ ——؟ اٹھ آنہٕ کوٚت گیہ" ——
ہاں —— او ٹھیک گوٚ کیا سہ میانس منز کس۔ بے صبحے نیم ترِیشہٕ گلاسہ جورا پیٚٹھیہ
رتمن دِمہ ہنا بہٕ پوٚنسہ۔ گوڈہ کرہ انہٕ ہا بہٕ دفتر کھسنہٕ وقتہٕ تہٕ تم تریشہٕ چینٛنہ۔ مگر پاپ پننہ

خبر کتہ آسم ہم دنیہ راوکھ پرو زنمہ ماری متی۔ یمو بہ صُبحن پھرٕ ڈ وای کورٕ مس۔ "دوہ ۂ؟
یی سوچان سوچان بجیہ ترٕ یم گھنٹی تہٕ دروازن آیہ کرہٕ بھن پردٕ چارن۔ ترٕ فلم گیہ چالو۔
"چھنا صلاح تھرڈ کلاس ٹکٹ ہیمو۔" "ونٕ چھکھ کُس ییتھ رشٕ مس منز۔"
چھس بہ یہ پانس سیتی مشورہ کران۔" ادٕ کیاہ! بہ اوس ٹھیک مگر ییتھ ٹیکن
وچھت کیاہ ونن لکھ؟ ہا نہ سہ سوہ گیہ بلکہ پانس نٹ کرہ ۂ۔ تیلہ؟ ہاں
کرونا کائم۔ یہ ٹے تھاوون منز بتھ چندس منز۔؟ بیتہ چھ برابری فسٹ کلاس
اسی تن یا تھرڈ کلاس۔ کانہہ ہیکہ نہٕ کینہہ ونتھ۔" یی سوچان سوچان گوس
بہ ژورہ ژورہ سنیما ہالس بیچھ کُن۔ دچھی کھووری نظر دتھ ییم جل جل ٹے
منز تھ یہ تھاوم دوان دوان چندس، ٹکٹ ہیژم تہ پانس ڈوہ کھٕ ژ انتھ
گوس تھرڈ کلاسس منز داخل۔ شیہمتنہ کارہ اتہ نہ اکھ جایہ پھچ تہ خالی۔ سہ
کُس یکہ ہیے ترو تھہ کُن۔ شرمہ دادہ گوس بہٕ وسہ ونے ہیرہ پاوس اکس بیچھ
بہتھ۔ لوکچارس اوس بہ دوہ یہ ترٕ ییہ پھرٕ تھرڈ کلاسس ژامت۔ مگر اندکن ہیرہ
بیہتھ بہتھ فلم وچھنک اوسم یہ گوڈنیک موقعہ۔ بہان ہیہنی درمیہ سکرینس نظر
میہ گٹ دوہ ٹھ ہش۔ میانہ پروردگارہ یہ کیاہ۔ میہ چھ انسان کلہ ہیہ خربزی کلہ
ہی باسان۔ اچھن درمیہ مورناہ دوچھم خبر میہ ما آیہ گاشس کینہہ فرق۔ مگر مورنہ
سیتی بدلیوو نقشے سورے۔ دوہ ۂ چھم اکہ بدل دوٚ کلہ باسان۔ دلیل؟ بہ
ما چھُم ایکٹری یوتھ۔؟ نہ نا خدا۔ ہاں میہ لیس وچھی کنہ بہتھ اوس تمس
درمیہ کھونہ دٕ بہ سیتی لونتے زیرٕ تہ ونٹھ تلی یہ ژھمس۔" ژٕ بہ کیاہ حف چھے لبنہ
یوان؟" "رکھینہ نہ" "سہ دوتھ دل پھُٹتھ ہیو تورہ۔" میہ چھ باسان دھونکھے
لوگ، کھیل اُس اوترچ۔ اکھ اکھ ڈرائس لوہ ہیس لچھ لچھ روہ پیر"—
"پوز چھُ" "یہ دوتھس دوہ ش تراوتھ۔ میہ ژٕ زھیوس کیاہ تام۔ امہ دُی نم بدلی

شیچھاہ۔ خانٕر فلم چھ کیاہ تام ہیلان تہٕ میہ چھُ کیاہ تام بوزنہٕ یوان۔ موٹر آسہٕ پکان۔ میہ باسان زیٖٹھ گاڑِ ہش کیاہ تام ژلان۔ گٕرِ پٕٹھ لانگ کرِتھ باسان سائیکلس زہٕ ٹیل آسان بٕ چھُس یک وٕلی سائیکل وُچھان۔ پانس سٕتی چھُم اُسُن تہٕ یوان وٕدُن تہٕ۔ دوٚپُم ہتا زُوٚد کیتھ لوٚگُکھ۔ خانٕر بیٖچہٕ تِتھٕے نیس میہ پینٕ گھنٕ ڈھائی گڑِتھ۔ شوگو ختم تہٕ میہ گٕڈ کُنی لانکھ پادٕن تٕرٕنی تہٕ تھک گوٚ ڈٕم نیبرٕ کنہٕ۔ چندن چھُس ژھانٕڈ یِوان۔ ٹے ندارد !! ڈیٖچُم اناسیرٕ۔ وُنہٕ چھُس بٕ چندن پوٗرٕ ژھانڈِ دِوانی زہٕ یار زہٕ ترٕ گیہٕ جمع۔ یِم بیٖٹھِ فلمہٕ متعلق بحث کرنہٕ۔ اکھ وَنان جان اُس بیاکھ وَنان معمولی اُس۔ بیاکھ کیاہ تام وَنان تہٕ بٕ چھُسکھ گوٚ ادہٕ ادہٕ کران۔ بٕ چھُس اندری مرِژاپان۔ مگر وُنہٕ کُس؟ یُسی بوزِ سُہ کیاہ وَنہٕ۔ میانی دوست چھِ فلمہٕ متعلق کیاہ تام وَنان زہٕ میہ گیہٕ پینٕ کنٕہ کتھ ہش کُنٕ۔ گردن پھرم اکھ نفراہ وُچھُم ژادر وَلِتھ بییس کُن وَنان۔ "وُچھ سہ امہٕ کھوتہٕ آسہٕ ہے بییہ کینٛہہ لوٚ بمت۔ لگہٕ کتھ یِہ رنگدار نیکہ ٹرٕسے"۔

در اصل ناخبر کُس شِکس لد ژامُت ٹے گنڈِتھ فلم وُچھنہٕ۔ دوہ لا اَسہٕ چھُ
گھرِ ہوہ نہٕ بیچہ تِمی سِی لگہ کالہٕ بدل۔ جانی گوٚ آنہٕ زہٕ پانژھ آیہٕ نفع۔
یہ وَنان وَنان گھُتو رٕٹم دوہ شوٗسے سائیکلس تہٕ پاٹھ وَنان وَنان دٕژایہ دٕر گژھن
کُن۔ بٕ چھُسکھ مُدٕ سے گنڈِتھ وُچھان تہٕ تام یُہ تام ژم موڈٕ ڈٕلہ۔

○

# گلدستۂ رُباعی





میرزا کمال الدین شیدا

# قطعات

تُلُن یلہِ پَردہ آدم ناو کوٚر ہَس
ملائیک سجدہ دأدِن لول بوٚر ہَس
اَڈیوٚ سر آلہٕ وُس نا! بے نیازی
اَڈیوٚ لچھہِ نوو زأنِتھ ناو سوٚر ہَس

اَڈِ ین بُتخانہ أڈِی کعبس بران لول
گمتِھ از حال کینہہ کینژَن گوٚمت حالہ ہیول
پٔنُن پان پرزہ نُن، حق پرزہ ناوُن
تتھی وُچھ "اکھ" دُوی ہِنٛد پردہ یمی زول

پٔنُن پان زول شمہن رأتی راتس
اَمی دزہ دزہ پیٚوان گاہ کأینا تس
دِرشے ترٕ پوتِیر توٚ نارس دُزِتھ پیٚی
دِلیرن کوٗت موٗل کھوٗرن حیاتس

میر غلام رسول نازکی

# ترٛیہ رنگ

## اکھ

(۱)

خدائیس سیتھ ہم عنوان آسُن
فرشتن نِشِ تہُند مہمان آسُن
مگر با این ہمہ انسان آسُن
یہِ گوو پیغمبری ہُند شان آسُن

(۲)

تمنّا گوو تمنّائے مدینہ
یقینک گوو ڈُنوّلائے مدینہ
کرُن میم محمّد ضم ژٕ دینس
یہے ہوی گوو محمد مولائے مدینہ




## زٕ

(۱)

نبس لوگ نارِ وِچ وولیہ یہ وٗتھ واو
اڈین لیٖج ٹوٗٹھ اڈین پھٹ ٹوٗٹھ لگِتھ ناو
میٖیہ وٗن ہا ٹزان مہ برا اندیشہ غم تراو
چھُہ پانے واو، پانے ناو، دریاو

(۲)

ژٕیہ کُن ڈیشِتھ گژھان سوسن گلابس
ژٕیہ کُن ڈیشِتھ پیوان عارق شبابس
ممان یوسف زُلیخا نوی دُچھان خاب
اسان میخانہ، بُتھ وُشلان شرابس

## ترٛیہ

(۱)

دیان گامس اندر قادر سبا آو
وُتے کیاہ زن تہمن شوٗ ہٹن بسا آو
زنانو واچہ اَنہ، مردو وگوٗی کنہ
نیازن ڈیر گے، کوٗ کرن دبا آو

(۲)

یہ چھے اکھ وعظ مجلس ایُّھا النّاس
گرِ کی ناساز چھم بیمار چھم ماس
دُ تھو کاشھ آنہ اکتائہ کرٕ جمع
پرو بیہ کلمہ ساساہ اسی کرو ناس

